# اَنِہ گٹِہ نَنِہ گتھٕ

بشیر اختر

(1944 - 2007)



کتاب: اَنہٕ گٹہٕ نَنہٕ گتھ

مصنف: بشیر اختؔر

صنف: افسانہٕ

تعداد: ۵۰۰

چھپَن ؤری: سنہ ۲۰۰۸ء

سرورق/کمپوزنگ: الکتاب، پولووِیو، سرینگر

قٕمتھ: ۵۰/روپیہ

ناشر: الکتاب، پولووِیو، سرینگر

میلنٕگ پتاہ: الکتاب، پولووِیو، سرینگر

کتاب گھر، کلچرل اکادمی متصل گورنمنٹ پریس

ایم اے روڑ، سرینگر

کتاب گھر، کلچرل اکادمی، ابھینو تھیٹر، کنال روڑ، جموں

شکریہ:۔

جموں کشمیر اکادمی آف آرٹ، کلچر تہٕ لنگویجز کہِ طرفہٕ کم کاسہٕ مالی مدد میلنہٕ باپتھ چھُس بہٕ اکیڈمی ہُنٛد شکر گزار۔ کتابہِ منز ظاہر کرنہٕ آمژٕ کُنہ رایہ، بیانَس تہٕ چھپنَس منز کُنہِ قٕسمچہِ کوتاہی سٟتی چھُنہٕ اکادمی کانٛہہ تولق۔ اَمہِ خاطرٕ چھُ ناشر پانہٕ ذمہٕ دار۔

# فہرست

# پیش کلام

بشیر اختر رٕو دنہٕ زِندگانی ہٕندٕن پٔتِمین وٕری یَن اوٚز دوٚز۔ تِمس
تہٕ مےٚ اَس رٕہتہٕ واد گٔژھتھ اَکھأ َکِس رُوبروسپدٕنچ مہلِ یوان۔ نتہٕ اَسی
ٹیلی فونسے پیٹھ ٹٕھ مٔدراوان۔ یہ فرحت آزار زمانہٕ کتھہٕ گٔنی چھ استے استے
آدم زادن حسبہٕ وبسہٕ راوان تہٕ مایہ رایہ ہُند دودژٹان۔ سُہ تہٕ بہٕ چھِ رٕہتہٕ
وادَن ژوٚن لبَن ہٕنٛدِس کمرس دارِ برتٕر وٚپرأوِتھ اَکھأ َکِس ستی رٕودی متی۔
ییٚلہِ کلچرل اکادمی ہُند بجہِ گنتی ہٕنٛدی کلچرل ٹرپ پانژالہِ اپور ترَان اَسی۔ بہٕ
اوسَن بشیر صأبےییت پأنس ستی رٹان۔ تتھ اَسی کینٛہہ زبروجہ۔ سُہ اوس
نہٕ گَتھہٕ کتول تہٕ ییٚلہِ باسہِ ہَس زِمےٚ چھ پننس أندرِمس پاتالَس مٔنز ڈٕنگ
دِژہٕمٕژ، تَس اوس ژھوپہٕ دھوپہٕ گٔرِتھ بہُن تگان۔ بیٚیہ اوسُس اَکھ رنبہٕ وُن
احساسِ مزاح تہٕ ییٚلہِ مےٚ ڈٔکس ژأنگج تھوٚد ٹُلنگ وار بناریہ ہے۔ سُہ
اوس لوٚت لوٚتےٚ مگر دِل رٕزناون وأ لی قصہٕ ونان۔ یِیتھِن یاونٛچہ گرٕ یکہِ ستی
پُھو پُھو کرن وأ لی واریاہ آدم تہٕ تِمہ کھوتہٕ ژۄ ازادِ 24x7 یکہٕ وٹہٕ روزان
آسن۔ تیٚلہِ چھ انتظامی خرخشن ہٕنٛز ڈٕترِٹو پھ دِنہٕ یوان روزان۔ تِتھِن
موقن پیٹھ اوس تَسٕنٛد اَسہٕ وُن دہانہٕ مےٚ واریاہ بکار یوان۔ بیٚیہ اوس سُہ

ہرکاٲری تہٕ ہرطوری۔ تَس اوس پزٕ بتھ کیٚنٛہہ تگان ۔ مےٚ ییہ ہے نہٕ ٹرانسزسٹرس بی بی سی یا کاشُر گوٚن بأتھ سہ اوس اَتھ خبر کیا گٔنٛز شیچھ: نان تہٕ سہ اوس طوطہٕ ہندی پأٹھی بوٗلن ہوان۔ مےٚ ییہ ہے حسابس گُھر تہٕ سہ اوس اَتھ کُنے نظرِ کھرٕ وب کڈان۔ مےٚ گژھِہے عأنگھ غأب تہٕ بہٕ ہیٚمہٕ ہأئی سأرکرِنی سہ اوس وُچھان وُچھان شانہٕ گندِ منزی اَتھ لنجِہ تھف دِتھ کڈان نتہٕ باتھ روٗم چہ سأندرِمنز تال دگان دگان بزٕ وٕنہہ کُن انان۔ بہرحال پتہٕ اَسی أسی وٕری نتہٕ رہتہٕ وادوٕ پتہٕ اَکھأ َکس بُتھ وُچھان مگر تُھے اَسہ أچھ رلہٕ ہَن بہٕ اوسُس تَس افسانہٕ کتاب. چھاپنٕچ وُگرا ے گران۔ سہ اوس پٕچھتہٕ ہیوٚ گژھان مگر تَس اوس أ َکھتھ مأ َکھتھ وَنَس پتہٕ ٹھیک واریوان۔ أچھ بون کُن ترٛأوِتھ اوس ونان تیارھٔ چھ۔ ووٚنی چھس تِہُندِ پیش لفظے یوت باقے'۔ ازٕچھ کتابہٕ ہُندٕ نُسخہٕ مےٚ بزٕ وٕنہہ کِنہٕ پیش مگریار دِلدار چھ تارکن پتہٕ کِنہٕ ژھیبھ دِتھ۔ مےٚ چھ پننِس یادِ وٕترِس منزٕ سہ پنہٕ گوٚٹہٕ مُژراونہٕ یوان یَتھ منزٕ میانہٕ زِندگی ہِندی شمارٕ بٕدی وِہر تہٕ زٕھی عکس بند چھ۔ اماوُچھان وُچھان کوٚت چھ یم راحتِ جان یار گژھان۔

کہا میں نے گُل کا ہے کتنا ثبات
کلی نے یہ سُن کر تبسم کیا

تَس اوس پروردگارَن واریاہ لبکھنگ بٕتر بانہٕ دیُتمت مگر سہ پوٚک

ٹلۍ ٹلۍ۔ اَوے چُھ مےٚ یہِ لکھان لکھان وأنِجہ ترُٚس ہیوٗ لگان زِ تٔہند ‌ٚن افسانَن ہنٛز یہِ گوڈنِچ سومبرن چھ تسنٛز گُنی تہٕ أخری سومبرن تِہ۔ مےٚ چھ یِیمہ کتھِ ہُنٛد خیال تِہ وُتارٕ ٹلان زِ تٔہنٛدِ فنچ سونزل ہنِکہ ہے اَتھ لو کٹس تنبہٕ تالوس پیٹھ پٹن کمال تہٕ جمال ہأوِتھ مگر یہِ کیٛاہ کم تسلا چُھ تو تِہ یتُے تیتُے، اَکھ افسانہٕ کتاب چھےٚ اِسہ بڑ وٕنہہ کنہ۔ بشیر اختر ہنٛد ‌ٚن افسانَن منٛز یوسہٕ خأصیت پیٹھے بانہٕ پٔننی آن مانہٕ راوان چھ، سُہ چھ تسنٛزِ برجستہٕ گوئی ونو یا انگریزی پأٹھی (Witicism)۔ سُہ چُھنہٕ کتھن واش کڑنس رِوادار۔ مگر اَکھ جُملہِ اَکھ تبصرِ کرِتھ چھ پرَن وألِس حواسن ژأنگی زالان تہٕ بڑ وٕنہہ پکان۔ اَوے چھ تٔہنٛدی لوٕکٹ موٕکٹ افسانہٕ تِہ وارِیاہ سٕبٹھے موخصر۔ تَس أس نہٕ تانتھ گنڈٕنی یا کأکل کرِنی مزازَس برابر۔ مگر کتھِ ہنٛز گوٗج نٔنی راونہٕ خأطرِ چُھ زَن سُہ لفظن منٛز اَکھ سوچہٕ وُزمَل ژوٕنبان تہٕ قأریس پشرِتھ پانہٕ پڑُر دِوان۔ یِیمہ سونبرِنہ ہُنٛد افسانہٕ 'لوٚگ نتہٕ وجوٗگ'۔ 'حکمت عملی'، 'جہنم گارٕ بیترِ چھ تِتھی افسانہٕ۔ ییٚہ چُھ تِمی پٔننہ دور کِنِن مسلَن تہٕ مصیبتن برُش کرنہٕ بدلہٕ تِمن تیرِ ہنٛزِ ژیہ ہنٛدی پأٹھی موٗٹھ دِژٕمژ تہٕ تِمن ہنٛز سأرِے اصلت خصلت وَنہ کرِمژٕ یِہے وجہ چھ زِ تٔہنٛدِ اسِونہ دہانٛچ سُفأرِش آسنہٕ باوجود چھنہٕ یِم کینژٕن حلقن ہتِہ وَسان تہٕ تِم چھ ژٕ کھ ہیتھ یِم بوزان بوزانے بڑٕ ژی

کڑان۔ مگر تسُند دِل چھُ یہ زِ تمہ ہے أندرَ ے وٕسران چھ ، نیٛرِی چھنہٕ کرِتھ تہٕ ہٮ۪کان کٔرِتھ۔ تسُند ٚن وٕطیر چھُنہٕ تمن تہٕ کرنک وار وٕبتارے دِوان۔ 'ہاپتھ یارز'، 'تاپھ تہٕ ژھاے'، تہٕ اَکھتُ 'یم آفتاب کھیٚنہٕ کھڑے ہوِی افسانہٕ وَنَن پٔننی دلیل پانے۔ بشیر اختر چھ أکس لوکٹس واقہس ڈولوم کٔرتھ کم قلیل اچھر پلو لاگان۔ مگر یمو منزٕ چھ گتھِ منز سأرے کوتھ تتھے کٔنی واش کڑان یتھہٕ کٔنی کانہہ ستی صابنہ آبس ستی گندان گندان کانہہ شُرتَمہ کہ ہِنکہ دہانہٕ منز بوٚ ڈتہٕ رنگدار آبہٕ بستورُ وٕ پھراوان چھ بشیر اخترن أس اَسے ہش سیٛزتہٕ رسمی تعلیم حاصل کرِمٕژ۔ مگر تس اوس کسب زن أکس أکس رِگہ منز وأہر اٲوتھ بٔیہ أسس دبماغس منز تہٕ زن اکھ جادوئی بُتھ۔ یتھے کانہہ کج بیش یِیہ ہے، یتھے کانہہ روٗٹ یاٹھر یِیہ ہے تَسُند بن اَتھن اوس کارکُشائی ہُند ژھل پٲد گژھان تہٕ یِنہٕ سپدِتھ ہیٚکہ ہے تہٕ اوس آسان تہٕ ارزان گژھان۔ تمس ہُنٛر مند سِندی پاٹھی یُس اَکے کُنزِ ستی سأسہٕ بدٕن وُلتہٕ وُرِیبہٕ قُلفن مُژرِتھ ہٮ۪کان چھُ۔ بہرحال یہ گوٚ تہٕ تھیٚوُن وِنکبن طاقچس پٮ۪ٹھ۔ یوٚ تام تَسُندِ لکھنک تعلق چھُ تمی چھ انسائیکلو پیڈیا کشمیریا تکی کینٛہہ سارِوِے کھوتہٕ مانہٕ سأدی نوشتہٕ لیکھمتی اگرچہ گنتی کنی کمے پھن۔ کلچرل اکادمی ہٕنزِن کتابن پُروِن پٔری مِتی تہٕ تمن ساز کوٚ رمُت۔ 'شیرازِ کی' کینٛہہ

اہم شُمارٕ تربیت دِتۍ ۂتی تہٕ پٮ۪یہ واریاہ۔ مگر تہٕنٛدی تخلیقی ناگرادُک اصل پھموار اوس تَسُنٛد افسانَے۔ افسانہٕ کوٗرتِمۍ واریاہ ژیر گژھتھ شروع تہٕ سُہ اوس پانہٕ وَنان زِ یہ کوٗرتِمۍ اختر محی الدین صابٕنس اثرس منٛز ہٮ۪تھ۔ بشیر اختر چھِنہٕ افسانَن منٛز ایمبر ایڈرٕی کران تہٕ جُملن بازیب گنڈان۔ تَس چھَنہٕ رومانی ترٛایہ براہ یوان۔ توٚے چھُ تَسُنٛد جملہٕ چُست آسان زَن تہٕ تیر کمانہٕ ہنٛدی پأٹھۍ چاأرِتھ تہٕ چیرتھ۔ پٮ۪یہ چھُ تہٕنٛدِس بیانَس منٛز زَن تہٕ شوخی تہٕ تیکھی ہنٛز اسہٕ وِنۍ ترٛاے۔ اَمہٕ ہٕتی ییہ خالے کأنٛسہٕ اُسن مگر ذٕہنس چھُ یہے سبزا ہیوٗ پھیران تہٕ وُٹھن واش ۂہراو کرنک مأل یوان۔ از ییلہٕ کأشرِس منٛز افسانہٕ ژھوکنہٕ لوٚگُمت چھُ تہٕ اَمہٕ کِہ بالہٕ پانَے کاژکرٕنہٕ پتہٕ اَتھ جانہٕ مرگی ہنٛدی ہِکۍ چھِ اگادِ ہٕتی۔ تَمہٕ وزِ چھُ بشیر صابٕنن افسانَن ہُنٛد یہِ ووتھنیار سبٹھاہ غنیمت باسان۔ اَمہٕ حسابہٕ بوزوتہٕ یہ چھُ بشیر صأبس پٮ۪نہٕ مختصر نویسی باوجود اَکھ بیوٚن مگرنوٚن اسلوٗب عطا کران۔ وأے اَتھ آسہٕ ہے پٮ۪یہ زیچھر ہیوٗ۔ اَمہٕ قسمکۍ افسانہٕ چھِ ییتھ سوٗمبرٕنہٕ منٛز واریاہ تہٕ مےٚ چھُ تِم پرٕتھ سعادت حسین منٹوٕنٛدبن کینژن سُرخ حاشے افسانَن ہُنٛد خیال یوان۔

بشیر اخترنین افسانَن منٛز چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد ورتاوتہٕ وُشنیر لوبہٕ وُن تہٕ تہٕ شوبہٕ وُن تہٕ۔ سُہ چھُنہٕ لہجک تہٕ گتھ کرنک ییتھ زِ ہے تہذیب

تہٕ تمیز کہِ سیٹھہ بون وسنٛج وأری دِوان۔ مگر یہِ زبان چھِ عام لُکن ہنٛز پزٕ تہٕ شُر، مایسمہٕ سرینگرٕ کہن عام لُکن ہنٛز یمن منٛز تِمی پُنن لوکہٕ چار گزورتہٕ بیٚیہِ تُسٚند پھور تھرنہٕ آو۔ دپان slang چھِ عامن خاصن منٛز شأعری آسان ( Slang is the poetry of common folk. An English adase)۔ زبأنی منٛز روأنی تہٕ ڈولأمی حُسنہٕ کُنی چھِ بشیر اختر سٕندی افسانہٕ اَمِچ شہادت پیش کران۔ فقط اَکھ مثال۔

( اَکھ اَکھ تان اوُسس تِمہٕ سفید کھاسہٕ منٛز بوزنہٕ یِوان تِتھ تہٕ زن اوس أہندِ بدنٛک ووزجار تو رمُت۔ واے خدایہ مےٚ نہٕ دند۔ نتہٕ ژوپیٚوٕستی ٹُلہٕ ہَس ننہن زنگن ہُنٛد سفید مُسلہٕ )

یمن افسانن ہنٛز خوبی چھےٚ یُسٚند ژھوچرتہٕ زبان أسی تھے۔ مگر یمن منٛز چھِ رکھِ منٛز زنگ کڑِتھ وٕتھکی ووکھٕ پزر باوُنٛک تکبیر تہٕ۔ 'ہم کیا چاہتے آزادی'، 'ذات بُترات'، ہِوی افسانہٕ چھِ تِمن پزرن زِبو انان یمن ہُنٛد پےٚ اَسہٕ سارِنے چھُ۔ مگر یمن أسی زأنتھ مأنتھ نظر وتلہٕ ڈالان تہٕ گوٚش دِوان چھِ۔ یم چھِ بےبأکی سان سانہن پمبہٕ لوکھرن نِستر دِوان۔ یِہ چھنہٕ آزار پسندی۔ بلکہ شفاجوئی ہُنٛد دُعاتہٕ تہٕ وٚسیلہٕ تہٕ۔ پننہن عأبن معشوقہٕ سٕنزن أچھن ہُنٛد کزل وُنن چھُ چھیکرس پانسے ٹوپھ دِوان تہٕ زہر بران۔ یِنہٕ والیٚن

زمانَن منز روزَن ییتھی افسانہٕ اخبار نویسو ہٕندیو بے مغز تفصیلو کھوتہٕ تواریخ نویسن ہِتی زیادٕ لگہٕ ہار۔ ییتھین کینژن افسانَن منز زَن چھ لگہٕ ادنچ ہش پٕز مگر گنڈٕی دار صداقت ژَمے ہٕژ۔ تہٕ لگہٕ ادبُک ییتھ ہیوٗ انہار پاأد کرُن چھ ہاوان زِ قلم کارَس اُس قلمَس حبسہٕ ہشیأری مگر وُٹھ کجارِچ روشن سو ییتھ لأ ہِگتھ۔ بشیر اختر سُند کسب چھ پٕرتھ تالہٕ تہٕ پٕرتھ چالہٕ منز زوتان

ع ہر رنگے کہ ہستم خود ہر ستم

یہ سومبرن روزِ کأشرِس منز ضرور تھٕکنہٕ لایَق۔

محمد یوسف ٹینگ

o

# گوڈٕ کتھ

پٔننٮ۪ن افسانن ہنز گوڈنچ سومبرن پرن والٮ۪ن پیش خدمت تھاونس
اندر چھُنہٕ میأنس ذأتی اِرادس کانٛہہ دخل۔تکیازِ مےٚ چھےٚ خبر زِ میانہِ کھوتہٕ
زبر افسانہٕ سومبرَن کوسہ مُجرأہی دِژ ازتام کأشری قومن۔ییمی تہِ شخصن
کتاب چھاپ تس رٕوزُس براَرکأنی منز ڈولان۔تہندی گرٕ وألی ییٚلہِ تہِ
کمرن ہنز صفأیی کرٕنی چھِ ہوان، پرٛا ٮ۪یمتٮ۪ن کتابہٕ بنڈلن چھِ ڈاکھ تہٕ فان
ضرور کانٛچھان۔ادیبن تہٕ قلمکارن نَے سرکأری پذیرأیی آسہاتہٕ سأنۍ لِکھأری
آسہٕ ہن پرٕن لیکھن مُشرِتھ کرتام چھولاپوری کِنِہ پیٹھی ہتیِ۔چھولاپوری وألس
چھُ سأنس سماجس منز قلم کارٕ سندِ کھوتہٕ زیادٕ وقار تہٕ پرتیتھ، دیارٕ وول چھُنا۔
یُہے چھُ وجہ زِ یتھ کالچہِ کٔشیرِ ہُندا کھ ناماوار تہٕ یزَتھ دار پبلشر گھرانہ چھُ ازکالہِ
بۆٹ کنان۔

اول تہٕ چھ أسی صرف تیٚوٗتےٚ پران یۆت اَسہِ نوکری میلنس تام
بکار آسہِ یا یہ پرٕن سأنۍ مجبوری آسہِ۔نوکری میج تہٕ اللہ اللہ خأرصلا۔ملأزم بٔنتھ

چھُ سون پُرن، کٲشِر ہندِ بن اُردواخبارن ہنزِ شوشہِ بٲزی تام موژان تہٕ بس۔

دوٚیِم وجہ چھُ زِ از کل چھُ محض objective پرچہٕ حل کرنک رِواج۔ سہٕ تہِ کاینڈرگارٹن پیٹھہٕ کمشنری تام۔ اتھ ماحولس منز چھُنہٕ اول جمأژ پیٹھہٕ یونیورسٹی تام کتابن کانہہ جایی۔ گوڈے حل کرنہٕ آمتین کوسچن بینک کین سوالنامن کوٚرگوڈہٕ تہٕ 'کون بنے گا کروڑ پتی' کین مقابلن منز زٕنی لٔچھ۔ یا کجہِ کرکٹ بالہِ لگاتار شٔے ٹھِلہ تہٕ کرور تھوٚو چندس۔ وَجہ چھُ یُہے زِ سأنی طالبِ علم چھِ عام طور امتحان ہالن منز نوٕز دوان زِ "پرچہ سیلبس سے باہر تھا"۔

ترٛیِم یہ زِ کأشر بوٚتز ووٚنہٕ صرف کأشر پرُن بلکہ بوٚلُن تہِ۔ سکوٚلچ مِس یا میڈم چھےٚ ژاٹہٕ شُرِس مدرسس منز کوٚشُر بولنس پیٹھ لایان تہٕ گرِس اَندر ہرگاہ اُمی سے شُرِس ستی بگدتن کأشری پاٹھی گتھ کٔری زِ یاتس کینہہ پرُن وٗنی زِ، تہنز مٔمی چھےٚ شُری سندِ بدل سوال کرن وٲلِس بُتھ کھوٚوان، 'اسکو کہاں کشمیری اُٹھتا ہے۔ ہم گھر میں بھی کشمیری نہیں کرتے'۔

پتہٕ ییٚلہ یُہے شُر کانہہ چیز ہیٚنہٕ بازر سوزون، کینژھا پریشان گٔژھتھ چھُ سہٕ اُکی سے پٔژھان آسان، "ٹوئنٹی ایٹ کا نام اٹھوٚوہ بھی ہوتا ہے کیا؟" یِم شُری چھ بالغ سپدتھ تہٕ سوچان، "swan ریڈ ہوتا ہے کِنہٕ براؤن؟ تِکیازِ ووٚنی چھُنہٕ اَنزیا بٔطخ گٔنی، نہ شہرٕ تہٕ نہ گامہٕ۔ کوٚرُ چھِ یِم کھٔنزِتھ تہٕ مُسلہِ وٲلتھ رنن بانس منز وِچھان، زِندے نہٕ زٕہنی۔ دپان

شہرُک پوٚ ژھ ییٚلہِ سوننہٕ کالہٕ گام کھوٚت تہٕ خأر پاٹھ کران ووٚمُن گأمی رشتہٕ دارس، ''کیا حض دانہِ لۄنوا''؟ گرٕ وٚس اوس حأضر جواب ۔ سہٕ ووٚتھُس تورٕ بڈٕ ہٹہِ، ''اَہن حض شکر خدائیس گُن ۔ یہُس اوسنا پرانہِ نٕے موجن زامُت''۔ شہرباشن کوٚر الحمداللہ۔

ژۄریُم وجہ یہِ زِ، یِیٚتہٕ بنیو وپرُن لکھُن تہِ پکلو بدلاونکی پأٹھی فیشن۔ اَمیُک مُداومقصد روو۔ لۄکھ یاتہِ چھ انجینیر بنہٕ باپتھ پران یا ڈاکٹر۔ اکثر نہٕ چھِ انجینیر بنان نہ ڈاکٹر۔ چونکہ بدل کُنہِ علمچ چھنہٕ پأری زانٕے اِومو کھٕ چھُ بُتھِ اَنہِ گوٚٹ ۔بےٚ کأری تہٕ بیزأری۔

یم أسی کینْہہ ہتھ تہٕ یمٕنے ہندِس بناہس پیٹھ چھأپ نہٕ مےٚ یتھ دٔس تام پنٕنی کتاب۔ غریب موہنیو، کتھ پیٹھ خرچاوٕ ہأبۍ ہارٕ۔ پیٹھٕ چھنہٕ کتاب چھاپنس کم روپیہِ لگان۔ موخصر ترایو مےٚ یہ کاکُن ہاپتھ مگر کاکو تروٚس نہٕ۔ ییأری پکان تیأری ونان ''ہے کتاب''۔ کاکن منز چھ سرفہرست میأنی دوست، ہمدرد تہٕ بہی خواہ، خاص کرِتھ میأنی گرواجینٕی یٕسنز کھٕنکھ ووٚنی میانہِ باپتھ ناقأبل برداشت بنیہِ۔ مرتا کیا نہ کرتا، کتاب چھےٚ حأضر

اکبر دبے نہیں کسی سلطان کی فوج سے

لیکن شہید ہو گئے بیگم کی نوج سے

مےٚ چھنہٕ خبر زِتس کیا غلط فہمی چھےٚ یمن افسانن متعلق، کنہٕ حُسن ظون

چھُس ۔ بہرِ حال گرٚ یٚیمہِ کتابہ ہنز پروف ریڈنگ تمی تکیازِ أچھن ہُند قصوٗر آسنہٕ کنۍ چھُس نہ بہٕ فلحال پانہٕ کہِنۍ تہِ پٔرتھ یا لیٚکھتھ ہیٚکان ۔ تمی دِژٕمٚے أچھن ہنز کأم تہٕ روٗژن تمہِ سارے ''دناسیری'' ہُند ڈکٹیشن یوسہ مے پٔتۍ مین کینژن ؤرین دوران ذہنس منز آیہ تہٕ رِسالن یا اخبارن منز شایع سپز ۔ یٚیمہِ کتابہِ ہنز کمپوزنگ تہٕ ڈیزاینگ کرمیانو شُربو ، بشارت ، مبشرتہٕ شعیب صأبن ۔ چنانچہ أسی مٚے مُسوٗدٕ تیار کرنہٕ کِس حدس تام تہنز ے کتھِ ، گاوتہِ گرے ، گاو چاوَن وول تہِ گرے ، آب تہِ گرے تہٕ سماوار تہِ ۔ وَالانہٕ ژوچہِ ۔ ژوچہِ چھےٚ بہر حال پوٗان بازرے اَنہٕ تہٕ توٚ باپتھ چھ دیار لگان ۔ کاغذ تہٕ پرٚنٹنگ باپتھ پونسہٕ ٹوٚنک سپُد اوڈا گرواجنہٕ نِش فراہم تہٕ باقیس سوز کلچرل اکادمی تہِ ۔ اَو باپتھ چھُس بہٕ دوشوٕنی ہُند شکر گذار ۔ مأنی تو مٚے چھپیہِ مُقتس منز کتاب ۔ ''کھا پیا کچھ نہیں گلاس توڑا چھے آنے'' ۔

اما پوٚز گرواجنِہ اَتھِہ کینٛہہ لکھناوُن تہٕ چھُ کارے دارد ۔ یہ چھُ کُنہِ ساتہٕ جأرس پیٚٹھ واتناوان تکیازِ مضمون یا خیال کلایمکس (climax) پیٚٹھ واتن وِزی چھےٚ گیس چولس پیٚٹھ تھوِتھ دوٕد بانس گرٛبکھ یوان ۔ کاڈبن چھُ وُترٕبٔنیِل ووتھان تہٕ انسانس چھُ زچہِ ژٕٹنس پیٚٹھ واتان ۔ مگر کرِ کیاہ موہنیو قہر درویش بر جان درویش ۔

پتھِن افسانن متعلق وَنہٕ بہ یِی زِ مےٚ چھُنہٕ فن کار آسنک دعوا۔ میانِن افسانن منز باونہ آمتی خیال تہٕ تفکرات چھِ تمے یِم بہ حیثیت اِنسان عام کأشرِ ہندی چھِ ۔ تمے اَرمان، امارتہٕ أرزوے۔ وُٚن گوٚ وکأنسہِ چھےٚ کتھ تگان وَنٕنۍ تہٕ کأنسہِ نہٕ۔ مےٚ چھُ ہہتھ زِ مرزا غأبس چھےٚ میانِن أرزوین تہٕ اَمارن ہنز میانہ کھوتہٕ زبر ترجمأنی کرٕنی تجمرٕ، ییلہِ تس ہیوٚ ہ قأدر الکلام شأعرونان چھ ۔

منظر اک بلندی پر، اور ہم بنا لیتے
عرش سے ادھر ہوتا کاش کہ مکاں اپنا

# پیٚتہِ آب چھُ کوٗلے

تھانس برونہہ کُن وٲژ جیپ تہٕ ڈرایورن بدلوو گیر۔ گیر بدلاونہٕ سٟتی ٹُل اِنجن شور۔ سایلنسر کِنی دراو زیوٗٹھ دُہی لمبُکھ۔ تیاراوس زِ گاڈی گیٹہٕ اَندر ژٕنہٕ باپتھ ہیٚیہ ہا سہٕ کلچہٕ پیٹھہٕ کھور ژُلتھ ایکسی لیٹرس بارتھ اوٗن زِتس کھوٕرِی کِنی ہتھ ڈپٹی سپرنڈنٹ آف پولیس سربلند خان صابن دیُت زنتہٕ پوٕر بٹالنس کاشن

'ہالٹ !!'

ڈرایورن کھیٚیہ ووٹھ۔ ایکسی لیٹرٕ بدل بیوٗٹھ ژٕ چھن کھور مشینی اندازس منز بریک پایڈلس تہٕ حسبِ حکم گٔیہ جیپ دَروازس نیٚبرٕ کُنہٕ اَلفتہٕ کھڑا۔ خان صابن پلہٕ نوو ڈیش بورڈس کُن اَتھہٕ، اَتھہٕ سٟتی تلُن کین۔ جیپہٕ أندرٕ نیرتھ وٲژن کلہٕ پیٹھہٕ پک، سووٕرن کھوورِس کرٔھس تہٕ ژاو لیفٹ رایٹ کران بڈِ گیٹہٕ اندر۔

گیٹس پیٹھ کھڑا اسنتری دیُت حسبِ عادت سلیوٗٹ۔ تیوٗت زورٕ

دُتِن زِبوٗتہٕ کھورَن ہُند ٹاپھ بوٗزتھ گیہ دأن تھرِ پیٹھ بہتھ جاناوار پھٔر کرِتھ وُڈِتھ۔ دَپھ توتہ زن بوٗزِ ے نہٕ خان صأبن، کنہٕ گوٗش دِتُن تہٕ پوٚک سیوٚ دُے۔ کارِیڈورس منزیم تہِ سپاہ آسی تم گے اَلَارٹ تہٕ أتھی ستی پھیر تھانس مرگزارِچ ژھوپہٕ۔

خان صأب ژاو کمرس اندر۔ اژان اژ آنی پھرِ ن ٹاس کرِتھ درواز تہٕ کُرسی پیٹھ بہأنی پلہٕ نوٗن کال بیلہِ ہندس پُش بٹنس کُن اتھہٕ۔ تمی دبوو سُچ، دَپھ آواز گیہ نہٕ کہنی۔ تمی دبوودوٚیمہِ پھرِ سُچ۔ توتہِ گو نہٕ کہنی۔

'حرام زادے'۔

تُمی ووٚن پانہٕ سے ستی۔ یہ چھنہٕ خبر زِ اَردٔلس ہا کِنہٕ بجلی والین تکیا زِ یلہ تمی دیوارس کُن کلہٕ تُل، بجلی وُچھِن ژھبتہٕ تہٕ اَرد‌ٔلی درواز داسس پیٹھ موٗٹھن ہیوٚ کھڑا۔

'حوالدار کو بلاو!'

یہ ونان کھور تمی گلہ رٕن پھوکھ۔ اردٔلی بوٗزتہٕ کوٚرُن about turn۔ تیار اوس زِ درواز نبر تُلہِ ہا اَردٔلی قدم زِ پتی کَنی گیس آواز،

'اور سنو!!'

اردٔلی پھیوٗر ریتھ۔ اَتھہٕ زِ ترٔ آوِن بون تہٕ پانس کرِن لگر۔ توتہِ

دأرِن بیأرِ سندی پأٹھی گن۔

'وہ میری چیز لے آئے ہو؟'

یہ ووٚن خانن أچھ بون گن تھٔوتھ۔ برابر تمی آیہ یتھۍ کٔنی شامن

بأگی مأیلس ماجہٕ زرولدتھ شُر کینژ ھامینژ ھاچُھ منگان۔

یہ بوٗزِتھ کوٚرارڈلی پرٕژھنے وِشرام تہٕ وِشرامس منز تجُن ٹیبلس پیٹھ

تھٔوِتھ پِن کُشنہٕ پیٹھہٕ ہرٕژن تہٕ کوٚرُن تمی ستی دٔچھنِس کنَس کھوٗلو۔

'وہ جناب۔ کب کا رکھا ہوا ہے'

'گڈ'

خان ووتھ زیوٚستی تہٕ کلہٕ ستی تہِ۔

'سارے عملے میں تم ہی ہو ایک کام کے آدمی'

'مہربأنی جناب'۔

ارڈلی ہأوی مازبیرٕ وسان لیٚدری دنْد۔

'اچھا۔ ٹھیک ہے'، مطلب ژٕنیر۔

ارڈلی ییلہِ دژاو، خانن تُلی دٔچھنہِ طرفہٕ چِہ ٹرالی أندرٕ کاغذ۔ گوڈٕ

کٔرنکھ سرسری نظرہ تہٕ نظراہ کٔرِتھ کوٚرنکھ دوگُل تہٕ ترأوِن بیٚیہ واپس۔ تٔمی چوٚ پراوِ

أچھ تہٕ دِژٕن سأرِی سے ٹیبلس تنقیدی نظر۔ سوٗرے اوس ترتیبہ سان۔

قلمدان، پیپر ویٹ، پِن کُشن، بُلاٹر، شیشہ تہٕ شیشس تلہٕ کنہِ گرُپ فوٹو یَتھ پیٹھہٕ کنہِ جلی حرفن منز یہ عبارت اُس،

Lest we forget on the occasion of the transfer of DSP Raja S.B.Khan

خبر نہٕ کیازِ ترٛ و وخان صاێبن ترُن یخ ہیوٚ ووش۔

گرُپ فوٹو ہس پیٹھ یُس شیشہٕ، مطلب ٹیبل گلاس اوس، تتھی اوس اَکِس کوٗنس پیٹھ سفید تہٕ گول زرٕٹ ہیوٚ داغ۔ برابر تتھے یتھ مدرسہٕ شُری پرکارٕ ستی بناوِتھ تتھ پتہٕ رنگ بران چھِ۔

تس پیوٚو یاد زِ اوترٕ اوترَ ے اوس تمی پننہِ دستہٕ برابر اَتی نس چایہِ پیالہٕ تھوومُت، یلہِ تس پننہِ چندٕ نقد پاێنسہٕ دِتھ ترٛے پٕژھی رنزوٕنی پیمتی اَسی۔ دشکس لدگام !!'

تمی وون پانہٕ سے ستی۔ یی ونان بدلاوِن کُرسی پیٹھ لر تہٕ لر بدلاوِتھ تراوِن دُبارٕ شیشس کُن نظر۔ دیٖچھ داغ اوسنہٕ کُنی۔

خان صاێب رووٕ تہٕ نوٚ مرووُن کلہٕ۔ کلہٕ نوٚ مراوِتھ وُچھن اکہِ خاص زاوِیہ دُبارٕ شیشس تہٕ داغ اوس اَتی۔ اَکھتُے اوس یہ دارِ ہِندِس سفید گاشس منز زیادے پھن نوٚن۔

بےحیائی منزٕلُٮ تٕمۍ پیپرویٹ تہٕ دِژنس اَمی ٚستۍ گکھر۔ شیشس گوٚو
'چیٖن' تہٕ گکھر لگنہٕ ٚستۍ گیہ داغس زٕ ژورر کھ تہٕ بس۔ خانن رٕٹ پیپرویٹ
تژٕ ییٚو اونگجو ٚستۍ تہٕ سائلم اُٹھکۍ زورلڑاۓ اوتھ دِیتنس کُنٕے وَر۔ وَر دِنہٕ ٚستۍ لوٚگ
سُہ ٹیبل گلاس ِکس ہموار سطحس پیٹھ برتَن ہیوٗ نژنہٕ۔ نژان نژان دِتۍ تٕمۍ
گرُپ فوٹووَس پیٹھِ چھٕپتھ جلی عبارتس أندی أندی زٕ ژور گھ تہٕ گھ دوأنٕ
کٕڈن زن گُنی دَوتہٕ آوٹیبلہٕ بوٚنہٕ کنہٕ فرشس پیٹھ ٹاس گرِتھ لایِنہٕ۔

عبارت أس خان صأبس أچھن منز پیران۔ تٕمۍ وَچھِ أچھ تہٕ پتھ
کُن پان ترٲوِتھ لوٚگ أندری سوچنہٕ۔

ییٚمہِ تھانہٕ بڑونہہ اوس سُہ أٹھن وٕرین شہر۔ قسمت اوسُس
یاور تکیا زِ ییٚلہِ تہِ پوسٹنگ گیس تیلہِ آس باگہِ Payingعلاقہٕ۔ تہٕنز ے
کتھہِ 'سوٗرت بندرٕ'۔ صبح شام گاڈٕ ہن ہُند ریل پیل، سینمارش، نِصف رأژتام
دُکاندأری، اکِہ کھوتہٕ اَکھ کیس۔ دَستہٕ واد کاغذ، پرچہِ تہٕ چالان تہٕ تھٕی ٚستۍ ٚستۍ
موہر بند لفافہٕ۔ نہ راتس فرصت نہ دوہس تھکھ۔ گرِ کھو دفترٕ لوٚکن ہٕنز برٕ بارٕ ے۔

اتھ مقابلہٕ یہ گام۔ مگر مٕژ گُہی کھٕر گژہیی بارے نیرِ گُہی پھوٚت ہیتھ
مأدان تہٕ کُس کَرِ بس ٹھٹھہٕ۔ تہٕ منز سرٕ کہِ ہے ہتھکڑی ترٲوی زِ تہٕ کس۔ کیس
ہے بنٲوی زِ تہ کیاہ؟

خان صأبن اَسی شُری تڑ آ وٕتی سارِوٕ ے کھوتہٕ تھٕدِس سکوٗلس

۔تِمن آسہ ۔نیچہٕ تمام آسأیشہٕ مویسر۔عأش تہٕ آرام۔ میٖمہٕ کُے شوق گرٕٛ ھ

ہیٚگھ تی اوسُکھ حأضر۔پیٹھے بانہٕ پاش کالنی منز بنگلہٕ چالہِ خوبصورت مکانہٕ۔

موہنِوی اَردٕلی ......

تُمی تُلی ڈٕ چھنہِ طرفہٕ چہِ ٹرے پیٹھہٕ ہیٚیہ کینٛہہ کاکز۔ تِمن وُچھُن غورٕ

سان۔توپہٕتہٕ گُرنگھ موٹھہ تہٕ تڑ آوِن یہ ونان پٔتھر،

'ڈیم اِٹ آل۔ان میں کچھ بھی نہیں'۔

'مے جناب چھا اجازت...........'

یہ اوس حوالدار دروازس أندرٕ گِنہ ڈٕ چھُن اَتھہٕ تھوٚ دتُلِتھ کھڑا۔

خانن تُل کلہٕ۔نظراہ گُرنس تہٕ دِڑن کرٕنکھ۔

'کہاں تھے ابھی تک؟'

'وہ جناب...........'

'بکواس بند کرو'

سُہ ہیٚیہ ہاہیٚیہ کیاہ تام وُنُن زِ خان ووتھ تھوٚ د۔ ٹڑ ے أندرٕ کی

کاغذ پھِرنأوی نس أ چھن برٕ ونہہ گنہِ تہٕ ووتھُس مُشتہٕ ہاوان،

'اسی پر بلایا ہے مجھے۔ کتنے سال ہوئے ہیں یہاں؟'

'اٰٹھ وٗری جناب'

'سیدھے کھڑے رہو'

'یہ جناب چھُ لوٗکٹ گام۔غریب جناب'۔

حوالدارن ووٚن تتھٕ کٔنہِ زَن روٗٹھ بچورٹھٕ رِہانٛژِ۔ہیٚژ این صفائی تارٕنی زِ خان گژھ یزیوو،

'شٹ اپ'

حوالدار رووٚ۔ بروٗنٛہہ ہیوٗ ہ کوٗڈُن تہٕ ترٲوِن دارِ کٔنہِ نظر۔

ڈٔکرِ اوس درٛمُن تہٕ اَتھی درٛمنس اوس اَکی دوہ کہِ رۄٗدٕ سٟتی رنگ ہیوٗ پھیوٗ رمُت۔ یہ اوس از سرسبز۔سبزارس اٰسی گامی گاہمکی گٔین۔گٔینن دوٗر پہن اٰس چِٹہٕ سفید گر۔ تتھٕ کٔنہِ باسان عاٗن تہٕ غاٗن نِلہٕ، جسیم تہٕ قد اوار دَپھ بڑوٹھی میٚن زنگن ڈنگ دِتھ۔صاف اوس باسان زِ اَمس چھےٚ زنگن ڈنگ تھوٗچ پرکٹس تکیا زیٚیلہِ تہِ یہ پکُن اَس ہوان بڑوٹھمہِ دوشوے زنگہٕ اَس یکہٕ وٹہٕ تھوٗ دتلان تہٕ لایان بڑونہہ کُن ووٚٹھ۔اوٚ پتہٕ پکہٕ ناوان پٔتم زنگہٕ ہوٚر۔توتہِ باسیو حوالدارس زِ یہ چھُ جُرم۔جانورن سٟتی زیادتی، قابلِ دست انداٰزی پولیس

تہٕ اَتھی اندر یٟمہِ ساتہٕ خان صاٗبن یہ ووٚن،

''مون زِ گام چھُ شرِیف ۔ یِیتہٕ چھُ جرم نہ آسنس برابر ۔ مگر گامہٕ والین ہیکہِ نا کوٗ کٔریا تیوٗ ررٲ وِتھ''؟

حوالدار ووتھ پانہٕ سےٚ ستّی ،

'جناب ہیکہِ رٲ وِتھ ۔ ضرور ہیکہِ رٲ وِتھ''۔

یِی سوچان دژ اوسہ نبر تہٕ نبر نیرِتھ تُلُن دٕچھن اَتھہٕ تہٕ ڈیکس کُن نتھ کٔرِن خان صأبس تہنزِ غأر حاضری منز سلام ۔ تو ہند بُتھ وُچھتھ ہیکہ ہا کانٛہہ تہٕ وٕنتھ زِ جسمس اندر چھُس کمہٕ تام ووکھہ بلایہ پرویش کوٚرمُت ۔

تَوٕ پتہٕ یہ سپُد ، تمیُک خلاصہٕ چھُ یتھہٕ کٕنۍ :۔

رسول ڈار اوس ٹٕڑ وول ۔ غریب دَپھ پنُن ہا کھ بتہٕ کھوان ۔ کار اوُسس یہ زِ گوٚنڈوال گامہٕ پٔٹھہٕ اوس زِنۍ گُر والان تہٕ سُے ہٕنتھ پالان پنُن عیال ۔ یہ کار آسس وٕری ژومبرِ گاٚمتی کران ۔ گُری ہن أسس دُلکہِ دوروٕنۍ ۔ قد ، کنۍ بلند تہٕ ژمہٕ کنۍ سفید ۔ عاٚن تہٕ غاٚن مہرازِ ہن ہٕش ۔ تس اوس عادت زِ کاٚم موکلاٚوِتھ اوس سہ گُرِ دوان برونٛٹھ مبن زنگن ڈنگ تہٕ اوُسس ترٛ اوان گاسہٕ چرایہ ۔ ڈنگ اوس اَوٕ سببہٕ زِ بنان چھُ چارووے ماسیِٚدلوٗ کہٕ ہنزِ وارِ تہٕ پتہٕ گرشھبس لینے کے دینے ۔

گُرِ آس ہاٚل زِ ژھمبرِ ملون باٚ گر آس پانے گرِیوان ۔ دَپھ راتھ

شامس ییٚلہِ اَنہٕ گٹہٕ تہٕ گیہ، گر اُسنہٕ کُنی ۔ رۄسُل گو پریشان ۔ سُہ دژاونہٕ وورُ ے ۔ ڈٕ کرِ پھیوٚ رژووایٲرٕ ۔ لٔگہٕ ہٕنزن وارِہن دِژن سارِنے نظر۔ گاٚمی گامس پرٛژُھن اَکہِ اَکہِ ۔ گرِ نہ اوس اَتھِ یُن تہٕ نہ آیہ۔

یہ اوس سُہ بیانہٕ یُس رو سُل ڈارن تھانہٕ والین دیُت ۔ بیان کیا دِتُن دَپھ بیان لیوٚ کھ تموتہٕ روسُلی کوٚ رانگوٹھہٕ ۔ بیان لیکھتھ کُر مُنشِ پانہٕ سے ستی اَسنہٕ ہَناتہٕ کرنوٗ ن انگوٹھہٕ ۔ کاٚم موکلِتھ ووتھ سُہ روسُل ڈارس،

'سگریٹھا چھیا ؟'

'کیا جناب ۔ اَنہٕ ناوٕ ۔ بہٕ جناب چھُس نہٕ پانہٕ چوان ۔ اَسہِ گیہ بوٚ ڈبڈیم بجیر ۔ غریب جناب..........'

'اچھا اچھا بوٗ زٕ'۔

توِتہٕ کوٚ ڈروسُلی چندٕ اَندرٕ داہ روپیٛن نوٹ مگر مُنشِس کھوٚ ت نہٕ شاید ٹارِتہٕ نہ توٚ رُہمس گرٛیسی گلہٕ باٛرس فکرِ زِ 'شوٗدا مطلب چرس'۔ پُلسہٕ والوِ کوٚ ڈسُہ دَکہٕ دِوان یہٕ وٚنتھ نبر،

'اچھا اچھا تھو ۔ مہ تُل توس ۔ نیر صحبس سمکھ'۔

تہٕ صحب سُند حکم اوس زِ حوالدار صاٚب وُچھُن ۔

'او برو ے جناب'۔ روسُلی وونِ تہٕ ژاو حوالدار سِندس کمرس منز۔

حوالدارن تہٕ یِیلہِ بیانہٕ بوٗز، تمی چورڈ بکہٕ۔

'یِیتہِ کیاہ جودوٗ گری چھا، پھوکہٕ ستی کر: کھرآوی ہتی گری حاضر۔

نیراسہِ تہِ دِکاروآیی کرنہٕ۔ نتہٕ سمکھ صبجس'۔

اَما صبجس دُبارٕ سمکھُن اوس کارے دارد۔ روسٕلس نٹیہ زنگہ۔ تس

اُس خبر زِ صبجس ستی کتھ کرنہٕ چھےٚ خودِ موقدمس گٕتھ گوجہِ گرشھان تہٕ میانٔی

چھنہٕ باتھے۔ تیاراوس زِسہ ژھٹہِ ہابا کھ زِہاتفی بٕنتھ اوس اکھ پُلسہٕ وول۔ تمی

نیوٗ اَندکُن تہٕ وونس کنس تل،

'وَدنہٕ ستی اگر پُلسہٕ والین اثر گیو، تیٚلہِ چلے یوو کارٕ بار۔ ژکر

کاٗم۔ گوڑٕ وَن وتھ ولد چھیٚہِ کُنہِ؟' سبیل وننہٕ بدل کوٚر پُلسہٕ واٗلی پوٗچھ تاچھ۔

روسٕلی کوٚرُ نہ'

یہِ 'نہ' بوٗزِتھ پھیش پُلسہٕ واٗلی وُٹھ مگر ستی پیوس حبس تہٕ ووٗتھُس بیٚیہ،

'ژچھکھ ناستار جنس ہمسایہٕ۔ یُس ہایارٕ چایہ وان چُھ چلاوان۔ موڈس پیٹھ۔

'جناب۔ ہمسایہ نہٕ مےٚ چھےٚ تہنزٕ ے ہمشیرٕ نیتھری'۔ روسٕلی وون

مندٕ چھی مندٕ چھی۔

'بس تہٕ تیٚلہِ کیاہ چھُے'۔

پُلسہٕ واٗلی لاٗے تس یہ وَنان پھیکس ژنڈ۔

'تس تہٕ سائنس صجس گوسخ پانہٕ وأنی۔ ژےٚ چھُتھن ناسون صحب تہندس چایہ وانس پیٹھ ز؟ نہہ وُچھمُت؟'

'نہ جناب۔ تیوٗت کُتہِ چھُم ظون۔ وونی پوٗوتھ ژےٚ یادتہٕ چون سہبٹھاہ شُکر یہ'۔ یِی ونان پلنو وُ تمی سُے داہ روپئین پُلسہٕ وأرِس تہٕ تمی تھوٗ ولوتی چندس۔ روسلِس کھۄتہٕ وآنج زِوولہٕ گری درایہِ کأم۔ پلسہٕ وألس کوٗرُن دوِیہِ خأراتہٕ سیوٗ دُےژاوگرٕ۔

فاتن ییٚلہِ بأے سُندتھز ربوٗز، تس کھۄتہٕ ناٹہ۔ تمہِ بُربیٚس کورِکانگرتہ تتھی بُرن مٹھایہ لفافہٕ جوراہ تہٕ دوریہِ شُری مُری گرِی ترٛ اُوتھ مالیُن۔

یہ اوس یزرزِستارجن اوس خان صأبس تیوٗت نزدیک زِتمی اُس پانہٕ وأنی ٹھٹھہٕ مسخری تہِ کران اما پوز ییٚلہِ سُہ تھانہٕ پیٹھ واپس آو، زن اُسی ہس ہتھ خوٗن مٹہِ مرٕی مژ۔ زن اوس مود بونیوٗمُت۔ موخصر لفظن منز ووتھ سُہ کمہِ تام چانٹہِ ہیمس،

''ژےٚ ماچھے خبر۔ پُلسہٕ وول چھُنہٕ پنہٕ نس مألی سُند۔ پلسس ہے تہٕ ہیمس ژلہِ زنگومنز یزاربتھ'۔

وٗارِ وٗارِ تورتمی تس فکرِ زِ ''اُسہ تہٕ ماچھےٚ خبرگُر کمی چھےٚ ہمژ۔ پتاہ ہے آسہِ ہاتہٕ دون ژون ہتن اندر نیرِ ہاکأم۔ سپرِ دِ ناس پیٹھ کڈ ہون گر

ووٚنی کر ژٕ کاٗم دوٚن ترٚبن زنبن ہٕندی ون ناو زِیمن پیٚٹھ چھُم شکھ۔ مُنشِس اتھِ لکھناوٕو بیانہٕ تہٕ اگر تہٕ سپُد ممکن اُٹھن شتن پیٚٹھ ژھیٚنہٕ ماملہٕ۔ گر دِن تھانہٕ واٗلی پانے لُبتھ۔ اَسہِ چھُنہٕ دوہ دٕبن راوٕرِ نک ضرور تھےٕ۔ ووٚنی ہرگاہ نہٕ تہٕ سپُد، مان تہٕ تیٚلہ گرِنشی چھوٚل اَتھہٕ۔ پُلسہٕ والبن چھا چیٚٹ۔ سون چھُنہٕ کانہہ نوکرٕ۔

دوٚیِم دوہ ییٚلہِ ووت، روٗسُلی لکھنو وتتھے کٔنی کاغذ یتھہٕ کٔنی حوالدار صاٗبن وٚون۔ تمی کوٚر رووٚنی دوٚیمس کاغذس تہٕ انگوٗٹھہٕ۔ پانژٕہتھ دِتن نقدتہٕ باقیس کوٚر نکھواد زِ گرُرٹن یور گُن تہٕ دوٚیمہ اتھہٕ گرَ وٕو رقم حوالہٕ۔

دپان روٗسلس اوس نزدیکی ہمسایہ رحیم عیال۔ یتھہٕ کٔنی پانہٕ شریف دٕپھ نیچُو اوٗسُس نیٚبری دراو۔ نیٚبری دراو تہٕ کیاہ، پلو دَلو اوس جان پاٗٹھی لاگان۔ شاٹک وق اوس۔ تم اٗسی ژوشوے باٗژ گرِ پننہٕ ہتھ تہٕ ہنگہٕ منگہٕ گوکھ بوٚنی کنی آلو۔ آلو بوٗ زِتھ دراپہٕ کھاٗت دارِکنی۔ تمہِ ییٚلہِ پُلسہٕ وول وُچھ، زن پھرہس لئیڈ رِکھار بتھس۔ توٚ پتہٕ ییٚلہِ بوٗزن زِنیچوس چھُم ژھانڈو تہٕ لاجن سخ پاٗٹھی لبلہٕ کرنہِ۔ چنانچہِ دراونیچوی ہند بدل خودرحم پلسہٕ واٗلس ستی۔ زٕہتھ گاٗس تھپھ ٹلونی اٗسی تھےٕ، مگر یُس کئیل تس روٗسلیٚن روٗد، سُہ نیٚر ہانہٕ تس زٕساس دِتھ تہٕ۔ تس اوس یقین زِ روٗسُل کالن پھسووے بےٚ گوناہ نیچُو۔

دوٕیم نفراوس صمد میر۔ سُہ ییلہِ تھانہٕ پیٹھ آو، نَنے لبکہٕ کجن کھاتہِ تہٕ تہنزِ کورِ۔ اِدِ ییلہِ ترٕیُم نفریعنی رٕحم گراٹال تھانس منز راتھ دِتھ آو، محلّہ والیوٚ کور سمُت تہٕ کورُکھ روٗسِلس محلّہ محضر کرنُک فأصلہ۔ رحم گراٹالس اَسِکھ نل نکھ پھُٹری مٕتی۔ تس اَس سو حالتھ زِ روٗسُلی وودلھِر۔ آخر ییلہِ نہٕ کُنہٕ کِنۍ چلیوس، لاچار گژھِتھ کھیون قسم زِ ووٚنی ژھانڈن نہٕ ہرگزنہِ گُر۔ تس ژھنہٕ بلایہِ تہٕ تمن پانژن ہتن تہِ مگر تھانس کُن کرنہٕ دُبارٕ روخ۔

اتھ واقس گٔے دوہ پنداہ مرِ۔ گامہٕ والین تہِ اوس ووٚنی سورُے موٗٹھمُت۔ رحم تہٕ صمد اَسی ہمسایو سمجاٗوی مٕتی تہٕ تم تہِ اَسی پرأنی پأٹھی روٗسلنن سٕتی کتھ باتھ کران۔

دپھ پلسہ والین اَس ڈِوٗٹی۔

اَکہ دوہ صُبحأے اوس روٗسُل دارِ پیٹھ بہِتھ أندٕری أندری گلان زِ بوٗنہٕ کنہِ کوچہ منزٕ دِتس پُلسہٕ وألی آلو۔

'ووتھو ہیا۔ گرہأیے!'

یہ ووٚن پُلسہٕ وألی روٗسلس۔ دپھ روٗسلس برونہہ بوٚزگامہٕ شُربو۔ وُچھان وُچھان گیہ محلس پارٕے۔ کأنسہِ آیہ نہٕ پزٕ ھے۔ یتہِ کُنہِ شُراہ اوس سُے دور یوو تھانس۔ سارِوٕے وُچھ زِپزٕی پأٹھی اَس حاطس منز روٗسلنی گُر

آسمان کُن چونٹھ کٔرِتھ کھڑا۔ زنتہٕ زندگی نش بیزار۔ ازٕ اُسس نہٕ سو سفیدی تنہِ نہ اوسُس رٔ دمُت برٔ نٹھِم سہ زٕ زہتہٕ ۔ روسُل ییلہِ تس برونہہ کُن گوٚو، تس آیہ نہٕ ونی۔ اتھ مقابلہٕ ییلہِ گرِ روسُل ڈیشتھ رزہیٕژ پراٹنِ، خان صأبن کوٚربڈٕ ہٹہِ یقرار زِیژی گژھِ یہ گرروسلنی آسنی۔

'جناب یہ کتہِ آیو اَتھہِ؟'

اَکی محلہٕ وألی کور تھاندارس سوال۔

'ژٕے کیاہ تتھ ستی؟'

تھاندارس کھوٚت یُتھ سوال کرنس پٹھ شرارتھ تہ کھیونس بُتھ۔ تمۍ وون اَو پتہ لۆکن،

'توٚہہ چھا اَمبہٕ کھینہِ کنہٕ کُلۍ گنز رٕنی؟'

'نہ جناب امبہٕ۔'

سارِوے محلہٕ والیو وون اکی زیوتہٕ روسلی ترآو تھاندارس کھورن تل ٹوٚپۍ۔

'جناب بہٕ چھُسو نوکر۔ میانہِ ستھ پیرِ چھو نوکر۔ بہٕ لگوٕ بلایہٕ۔'

ستی ہوٚرن تتہٕ پھٔ کرُون اوش۔ یُتھ زِ سوال کرن وول نفر گو بچور نجل۔

تھاندارس آو عار۔ تمۍ ٹُل روسُل تھوٚد تہٕ پھکِس پٹھ اتھِ تھوان وونُنس نرمی سان،

'یہ ہساوِس سون فرض۔ پیٹھ اوسہٕ ناژنے ٹھاکھ کورمُت یو رینس۔'

سہٕ ووتھ لُکن ہُن لیڈر آیہ،

'پولیس چھِنہٕ لوکن ہُند دشمن۔ پولیس چھُ سرکارُک نوکر تہٕ سرکار چھے لۆکن ہنز۔ وون گوأسی تہٕ چھِ انسان۔ اَسہِ تہٕ ہیکن غلطی اُستھ۔'

گامہٕ وألی گے بوزِتھ شعوزد۔ تموٗ منج مأفی۔ سٔخ پأٹھی کورُکھ زارٕ پارٕ تہٕ چھیکرس کٔرِکھ متفق سپدِتھ خان صأبنس وِنہٕ نس پیٹھ اخبارٕ کِہ ناوٕ یتھ مُراسلس دستخط۔

'ہم اہالیان دیہات جناب راجہ سر بلند خان صاحب ڈپٹی سپرانٹنڈنٹ پولیس ومتعلقہ اہلکاران تھانہ ہٰذا کے تہہ دل سے شکر گذار ہیں کہ انہوں نے ہر مصیبت کے وقت اہالیانِ دیہات کی پوری جانفشانی سے خبر گیری کی ہے۔ بحیثیت ماں باپ اہالیان دیہات کی پرورش کی ہے اور علاقہ کے امن وامان کو قایم ودایم رکھا ہے۔'

دستخط اہالیان دیہہ بذریعہ موقدمٕ ہرگام

سو آس شاید آتھوار۔ ڈی ایس پی راجہ سر بلند خانن اوس بوٗنہٕ گامُک موقدم حأجی عزیز ووٗنی کوکرپۆت ہیوٗ ہ ژومر ووٗمت۔ سہٕ اوس اُچھن منز خۆن لٔدِتھ تس ونان،

''گرِہندِ دانگ خرچہ مےٚ نش ژھارنہِ آمُت۔ ژٕ ے چھے ناخبر لۆکہِ ہُند گرژٕ؛ رِتھاوُن کوتاہ بوڑ جرُم چھُ ؟''

''مگر جناب''،

موقدم لۆگ پاٲوِ پاٲوِ وننہِ،

'لس خنزیرس لعنت۔ دوٚن دنیاہن تاوِن تیمی گرژٕ رِتھاو۔ مےٚ جناب آو تُہندِ ے نفر راتھ کیٚت گرہتھ۔ دوپنم زِ صاحبہٕ سُند چھُے حکم، گر تھاٲوِ زہن توٚ تام کھٕژتھ یوتام ژٕ ے نٔوشیچھ واتی۔ خبردار چھُے پننہِ نمبر کڈٕہن۔ پتھ گوٲہندِ کھنگ بٔری زہنہٕ پرواے۔ خرچہِ یہ لگی تہٕ واتہٕ ناووے پایہِ پایہِ واپس۔ تہٕ یہ جناب گوحساب۔ روپیس چھو اکھہتھ تہٕ ساڑ ژوداہ'۔

حساب پرٕ چہٕ وُچھتھ کھاٲر خان صاٲبن ڈیکس درٕہ، اَوٕ پتہٕ لوٗمن موقدمس ژادرِ۔

'ووتھ تھوٚد، مےٚ ہاوُن کُس نفراوسے میانہِ عملہٕ منزٕ'۔

دٔپھ موقدم روو ہیوٗ تہٕ ووٗنن درجواب، 'مےٚ جناب کتہِ وُچھ اٚچھو۔ سُہ ہے راٚژ ہنزِ اَنہ گٹہِ منز آوتہٕ۔ گاش کتہِ اوس'۔

'گاش اوسے نہٕ ژٕ ے۔ قونوٗنس تہٕ چھُنا گاش؟ سپاہی.....'

خان صاٲبن دِژ کربکھ، 'اس بڈھے کی داڑھی کا ایک ایک بال نوچ لو'۔

# کوکرِ ہندی بطخ پوٗتی

میرؤن بلیزرِ کی کوٹھ۔ چٹہٕ سفید قمیضہِ کالرتہٕ نپہٕ نپہٕ کرؤنہٕ نبک ٹیہِ۔ عأنتہٕ غأن أسی تم باسان بابہٕ گٹ۔ شاید أسی تم تھد بن سکولن ہندی لڑکہ ییتہٕ دپان نصأبی تعلیمہِ علاوٕ عام مولوٗ ماتن ہنزتہِ خاص ٹرینگ چھےٚ دنہٕ یوان۔

چنانچہِ ییلہِ کیز ماسٹرن quiz masterیمہٕ وٕے لڑکومنزٕ أکس سوال کوٚر، 'دتس خوبصورت زنانہِ ہُند ناوٕ نویسندِ باپتھ دوٕن یورپی مُلکن وٗری وادٕ جنگ چلان روٗد؟'

لڑکن دیٔت فورن جواب، 'ہیلن آف ٹرائے'۔

ویری گُڈ کران پرُژھ ماشٹرن دویمس لڑکس، 'دتس بہوُدر سپاہ سالارسُند ناوٕ نوٚیمی مُلکِ فرانس اندرواٹرلوٗ ناوی جنگ لوٚڈ'؟

'نپولین بوناپارٹ' امہِ پتہٕ ییلہِ کوٗیز ماسٹرن ترٛیمہِ پھرِ پٔتن یہ أخری سوال دوہروو، 'سانہِ شہرِ سرینگرُک 'بڈشاہ برج' یا 'بڈشاہ کدٕل' کمی کرنو وتعمیر'؟

لڑکو دِژ ژھتھ۔ ہنا کوٚرُکھ سوچ تہٕ وٗتھی بہ یک زبان،

'زین العابدین بڈشاہ صأبن'

خان صابن آسی شری تۍ آوٕمتی سارٕوے کھوتہٕ تھٕدِس سکوٗلس

۔تِمن آسہٕ ۔ نیہچہٕ تمام آسائیشہٕ مویسر۔عاش تہٕ آرام۔میٖمہٕ کُے شوق گرٕتھ

ہێیتھ تی اوسُکھ حاضر ۔پتھٕے بانہٕ پاش کالنی منز بنگلہٕ چالہٕ خوبصورت مکانہٕ۔

موہنٕوی اَردٕلی ......

تِمی تُلی دٕچھنہِ طرفہٕ چہٕ ٹرے پیٹھٕ ہێیہ کینٛہہ کاکز۔تِمن وُچھن غورٕ

سان۔توپتہٕ کرنکھ موٚٹھہٕ تہٕ ترٛاوِن یہ ونان پتھٕر،

'ڈیم اِٹ آل۔ان میں کچھ بھی نہیں۔

'مےٚ جناب چھا اجازت............'

یہ اوس حوالدار دروازس أندرٕ کنِہ دٕچھن اتھہٕ تھوٚد تُلِتھ کھڑا۔

خانن تُل کلہٕ۔نظراہ کرنس تہٕ دِژن کرٕنکھ۔

'کہاں تھے ابھی تک؟'

'وہ جناب..........'

'بکواس بند کرو'

سُہ ہێیہ ہاہێیہ کیاہ تام وُنن زِ خان ووتھ تھوٚد۔ٹرے أندرٕ کی

کاغذ پھِر ناوِنس أچھن برٕونہہ کنِہ تہٕ ووتھس مُشتہٕ ہاوان،

'اسی پر بلایا ہے مجھے۔کتنے سال ہوئے ہیں یہاں؟'

# فن تہٕ فن کار

دوست سمٕکھ دوستس تہٕ ووتھُس کتھ کران،

'اَپارِ گیہ لڑٲے۔ژور گیہ زخمی'۔

یہ دوست دژاو بازر تہٕ وژُن نٲوِدوانس منز بہتھ آنجاربن مانجاربن،

'اَپارِ گیہ لڑٲے۔ژ وداہ گیہ زخمی'۔

نٲوِدژاو گرٕ۔درواژٕ پیٹھے لٲین گرواجنہِ کُن کربکھ،

'اَپارِ گیہ لڑٲے۔اتھن پھوکھ دِوان بچوس،

'ژورنفر موٗد تہٕ ژوداہ گیہ زخمی'۔

# جہنم گار

اَکھ نار گوٚ ژھ ۔تھ لگُن۔ دۄ رِ روٗ زِتھ وُچھ ہا تماشہِ یمہِ ٹِکہٕ واوجہِ ۔کِتھٕ کُنٕز نیرن جوٗ نپھرٕ الأ ندی ترٲوِتھ وَچھ ژیٹان تہٕ سینہٕ دگان۔ یادِ پدر روزِ ہکھ یِیلہِ نہٕ کُرتنہِ پھسُکھ تہِ تنہِ پیٹھ آسہِ ہکھ ۔اِدٕ وُچھہن یہ نبشٕگا پأژھی آبس وُسن کیاہ گوٚ و۔ نتہٕ گوکھ کیاہ، ہُم گٕے کولہِ اَپارِ کنہِ مرد، توتہِ ورِش ہے کاٹھِ زَچِ نألی چھکھ ،اِدٕیمن زن چھےٚ سوتہِ کاٗمنٕز ۔ بڑٕ ونہہ کنہِ مازس زِزِتژ کھ الأ ندی ترٲوِتھ ژرونگ کرِتھ آبس وُسن تہٕ اکُے ڈُنگ دِتھ واپس کھٕسِتھ پھبرَن زچہِ نألی تراونہِ۔

ہَتے مَردوٗ چھِتھ ہے شُرٕ کہٕ نہن اژان چھوٕ تہٕ بہ کیاہ قرِ مُٹھی ٹاءکر زونہٕ وسا۔تھ دانس پیٹھ بہتھ۔ ہووُ چھن کولہٕ بٹچ ہش کیاہ چھےٚ ڈُنگہٕ ڈنگ کران۔ یہ آسی ظأہر کِبر کانٛہ۔گوڈٕ چھ کُس شوڈٕ کأنس چھےٚ باگہِ آمُت۔تس نہٕ کانہہ تان سیوٚ دتہٕ یہ وُچھتن شینس آسہِ مَل تہٕ أہنزِ تنہِ نہٕ۔ أمِس کتھٕ کُنٕز تس ژِنہِ ہانگرس ستی برابری؟ ہوٚنی واتلس ستھ شوٗ بہِ تہٕ تمس نہٕ اکھ۔ پتہٕ پتہٕ کیا چھس آسان گرایہِ ماران۔

پکان آسی روسُل بباپونڈس دیوٗلیٛدر۔ سُہ کالہٕ واتُل شوٗببس روٗن
تہٕ بہٕ گوس بَب۔ گوڈٕ روٗدس تہٕ کتھ کیٛت بہٕ یتھ دنیاہس۔ یُسے وُچھان تہٕ
میأنس سفید مستس۔ دپان چھُس کھٕنز تھ تراوَکھ بُتھہٕ پیٹھٕکی یم سفید وال یمو
بہٕ بدنام شہر کورُس۔

وُچھ کیا چھے ہوطورٕ خانٕی انٕہرٕ ش۔ أہندِ کھوتہٕ لوکچہٕ ژون ژون ہٕنز
ماجہٕ تہٕ یہ چھےٚ وُنہٕ ناوِنمو پیٹھ ووٚتے تژ اوان۔ لُگہٕ ہتس پوشہٕ أمی سُند ماز۔

وائے خدایہٕ۔ مےٚ نہٕ دند، نتہٕ ژوپہوٚ ستی تُلہٕ ہاس نتھ۔ تنمن زنگن
ہُند سفید مُسلہٕ۔ اوترٕ کتھہٕ کنٕی آیہٕ رونکھوتھوٚ دفرٕ اکھا گتھ، ''روسُل بباندری
مونجہ چھیا؟'' کران۔ اَکھ اَکھ تان اوسُس تمہٕ سفید کھاسہٕ منزٕ لبنہٕ یوان۔
تتھ تہٕ زن اوس أہند بدنُک ووز جارتوٚ رمُت۔

توباہ توباہ!!، أڈِس گأنٹس کھوت مےٚ پھرٕ کھ، اَدٕ أہندی کنٕی زن بہ
میٛرٕ موٗنٹھن اوسُس، بےٚ حِس تہٕ بےٚ حرکتھ۔ ہتے بچأری بڈیوس تہٕ ہے تہٕ
کوتاہ؟ کِنہٕ وانس پیٹھ ہتھ روٗدس نہٕ کُنہٕ مُجراہس۔

لگی یم ہوٗنی تہٕ میأنی ہے وانس بلایہٕ۔ کُل جہانس منز آیہٕ نہٕ یمَن تہٕ
بیٛیہ کُنہٕ وَتھ۔ گتہٕ گیوٗرکیا چھُکھ اکھ أکس ملہٕ نو ومُت۔ درٕ ژےٚ بلایہ۔ نہ
وُچھ ہس کیا چھ کھوٗنکھُن ہتھ أمِس تانہٕ تانہٕ لسوان۔ بےٚ مند چھ ذاتھ، پا کھ

تہٕ موگُر نہٕ خبرٕ ے ۔ گوڈٕ ییلہِ انسانن اَمہِ کھوتہٕ وُتل ؤژھ تہٕ یمن ۔ نے زبانئن گُس راہ۔

اوس ناوَق کوٗٹھبن اُس لورِژٕ نڈپوان زِٹھی سنز ژھاے وُچھِتھ۔

ہیرَن اَسی بیأڑی سندی پأٹھی وسان کھسان زِہاے ہے زیٗٹھ ما آسہِ کُٹھس اندر۔اِدٕ ہا یہ تیأل۔

زوٗن ہے آسہِ ہا، لچہِ کِچم کرٕ ہیکھ وانکہٕ لٔنڈٕ رٔٹتھ یم ڈٔچھنٕ تہٕ کھوٕ ری اَلاگوٗرچھِکھ کران آسان۔تو تہِ چھےٚ وُنہِ یتے۔

اوترٕ کیا اُس سو وزٹر باے نبسٕنگا پأٹھی ہاوس بوٹ چو کہِ پیٹھ زنگہٕ ز وہراُ وِتھ تاپھ دِوان۔لگہٕ ارساتھ اوُسن روٹہٕ کورمُت ۔ اِدٕ سو تہِ زن اُس مودیو ہٕمژ۔یٚمہ لَرِ ہولَر تہٕ ہُمہِ لرِ یہ لَر۔ روسُل ہرٕ ژنی ژاٹہٕ بأج کأم کار ترأ وِتھ مُدے گنٔدِٹھ وُچھان تہِ اَسی اَسی دب دِوان۔گُلہٕ چو برن آسہٕ کتھ تام ٹأکی اندر ننگے زنانہِ مردَن ستی سران کران وُچھمژ۔پٔنٕی کٔنی گیوس بہ تہِ تمأ کی ہتہِ ،اِدٕ تمو جانہٕ مرگو گرمیون بُتھ وُچھتھے ژھوپہٕ۔ ہتانہٕ لورِ ہٕتھ وژھو سوا۔چأنٹر گنڈ کتھ سالوگوٕ۔مےٚ تہِ ہے خبر کیاہ کیاہ وُچھمُت چُھ ۔ کِنہٕ مَس وُچھوم چھتیومُت ۔ گوڈٕ سانہِ وقتہٕ کتہِ آسہٕ یمہٕ ٹاکیہِ تہٕ سینما ...... او...... زنانہٕ ہے دارِ کٔنی کلہٕ کڈہا، سنگسار کَرہانس نہٕ۔

بلایہِ یمن ہونین کنہٕ کپس کڈِ کھ۔ وُچھ ماچھِ ییتھ دفع گژھان ۔ہوو چھ گم نٔر چھس کران۔

زوٗن تہِ اَس ییتھے کنٕز وُٹھنہٕ یوان۔ '' اَختابہٕ کھوت۔ گاش آو''۔ بچاری از ہے آسہٕ ہکھ اٚچھو ہاو ہے۔ تہِ گرتھ وونی کوسہٕ پنٕج تُل مہتاب چھس زِ پتہٕ پتہٕ چھُس لٔٹ گلہٕ وان۔ برابر زوٗنہِ ہش اِکٹہٕ کال۔

تن کیاہ اَس صابرنا وِدنہِ مہتابہِ۔ مے تہِ پییہِ تمہ دوہہ الغابہ سرانہٕ کُٹھس کُن نظر۔ زن نیوٗس ہٕتی لوٗکن تور کُن۔ پوٹ ہش تن اَس تس درواز لیہ کنٕز ناپان۔ رُمن رُمن پھوٗٹُم عارق۔ کمبرس اَسس کھبلہٕ وٗتھرن ہندی پاٹھی آبہ پھیری پشان۔ سفید تن، زنتہٕ گوڈٕ نکہِ چھوکہٕ درامُت تازٕ قلایہِ گٔرتھ ترامُو سماوار۔ اِدمے تہِ زن گوٚنڈُن تمہِ وِزِنار باگیہِ ہُند جوش بدنس۔ خونس لجم نوٗنہ چاپہِ ہنز گرٕ ہکھ تہٕ بے حکمن دِتم سرانہٕ کُٹھ کس دروازس دکہٕ۔

اتھ قصص تہِ گے وونی پنداہ وٕری۔ رولہٕ کیا تُجو محلہٕ والو۔ اٚکس پتہٕ اکھ موقدم۔

اکھ موقدم اوسُم غفار کاندُر۔ زنانہٕ تارٕ چھس پانس۔ تیر کھیلکی پاٹھی شُری پنگتھ۔ ہو گیس آرمینی۔ یہائے ڈمبہٕ گو گچھ ہش۔ تس اتھِ چھس پانژھ۔ دوٚیم چھس ژھوٹنی یوسہٕ وان چھس بہان۔ تو ہند بُتھ وُچھتھے چھے

خریدارن رٔج لگان۔ خاص کٔرِتھ مستٔری کٹھن یِم ژٕ وچہ وٕ ری ہِتہٕ یوان تہٕ تس

ہٕتیٚ مُسہٕ بأزی چھ کران آسان۔ أمِس اتھِ تہٕ چھس شُری تندل۔ ترٚیِم

چھُس ورمُلہٕ تہٕ توٚ ری چھُس خرچہ سوزان۔ توٚ ہُندے نیچُو چھُس أڈ مِل

چلاوان۔ امایہ کیاونہٕ مےٚ شرافت۔

بیاکھ موقدم گوم ہُہ بُڈ کٕچُل، جان چھُس لچر خان ناوکورمُت۔ ڈوڈ

کلومٲنز آسہ رِتس میےٚ نش نوان ریشہ وال رنگنہٕ باپتھ۔ زن نہ زانون۔

مےٚ کھسہ ہاوہند مجلسہ اندر پیٚٹھی مس صفس ہٕہن فکرِ۔

توباہ توباہ، کُس ہنگامہٕ لوگ یموخبیثو تمہ دوہہ۔ بازرس منزٕ نوٚ ژُ کھ۔

حالانکہِ ماہتابہِ دٕپوکربکھ چھکھ دٕژن یا بُتھ پھرُن مےٚ درواز

کھولنس پیٹھ، بلکل نہٕ۔ اکھتُے پھوٚلُس بُتھس پیٹھ اُسن۔ دپھ یمےٚ زٕ زندیق

بنییہ ناحقکی پیٚرِ ڈار۔ یِم واژ آے تھانس پیٹھ تہٕ مگر صأبر نأوِدن کھیٚیہ کتھ۔

سُہ لانژھ تہٕ آیوو پنٔز کنٔز خشمہٕ ہوٚت، خوٚنی أچھ کٔرِتھ۔ دپھ ژھوپے کرٕن۔

ظاہر کھوژ زِ بدنأمی گژھ ہیم۔ ژرِکہ، اُس تس محلّہ زِٹھہن ہنز فطرت خبر۔ سُہ روٚد

بچور ہیوٚ ہ تھاندارس برونہہ کنہٕ کھڑا۔ نہ ووٚنُن اکھ نہ زٕ۔ چھ تہٕ پھرٹھ گوس

بچارس۔ ووٚنی وأتِس داہ وٕ ری مزار کڈان۔

مگرمےٚ چھنہٕ وُنہٕ تہٕ سوسفیدتن أچھوتلہٕ نیران۔ مہرآنی ہش اُس

آسان۔اَڈِ ہازونہِ ہش مکرٕمژ۔

کأتیاہہ پھرِوونمس "ژٕ کیازِ مسافر بابے ہش۔" ہٕ تورٕاوس کُنے جواب۔

"مےٚ پوشِن پٔنِن سرٕز"۔

لَس زن اوسُے نہٕ خوے۔ زانہہ ووُٹن نہٕ اورٕ۔ ژکہ اَس شریف

زآدی مگر بأے ہہر اَسِس عأنہِ رامہٕ ہوٗنی۔ تمولوگ غأرتھ تہٕ نیکھ مالیُن۔

ژِکہ بوز موہنی گری باپتھ۔ تہِ نے آسہِ ہاتہٕ بمارے واتہ ہأنس۔ مےٚ ستی

ہے نبصف وأنس کڈٕن تہٕ ییٚتہ کونہ اَس بمار۔ یادچھم پوان تہٕ تلواس چھُم

پھیران۔ جنتھے اَسی نس بچارِ۔

اَمایم ہوٗنی کوٚت سناگے۔گے غأب۔نہ۔أ کیاچھِ کُچھِ پٔتی کٔنی۔

دَپھ ہوڈأن چھٔنہٕ وُنہِ تہِ مدٕ وَسان۔

میون ہے بوزِ ہے، ژوپو دویاَنہِ ہبس راس۔

O

# لۄگ نتہٕ جۄگ

لبرس پیٹھ وٲتِتھ ٹھیکرٲوی کٹن کھور۔ گردن تُجِن تھود تہٕ اکھ ووشوا ترٲوِتھ دِژِن پانس أندی پٔکھی نظر۔ بالہٕ دامنس اس دۄر دۄر تام وُنل وہرٲوِتھ۔ قداوار بونہٕ، أنیکھ مأدان تہٕ اکھ أکس سِتی ترومبر گرِتھ ٹاسری پَش۔ سورُے اوس وُنلہِ گٹہٕ کارس تل غأب۔ کہنہِ اوسنہٕ صاف۔ تِمی چوپراوِ أچھ تہٕ لۄگ غورٕ سان کولہٕ بٹھن تہٕ وتہٕ پدٕن وٕنی دنہِ اماپۄز کُنہِ گوس نہٕ کانہہ آدم زاد نظرِ۔ زنتہٕ ساری بسکین دراَمی اندہیرٕ ہندی عأدی أسی۔ اوبرٕ گٹہٕ کارس اندر زن اوسُکھ دارِ برترو پرنس زیادے پہَن لطف۔ کٹن ڈٲج بییس طرفس کُن نظر تہٕ اَتہِ آس ڈُلُک آب تہِ پرُسکۄن لبنہٕ۔ تس باسیہِ ژووپاری خاموشی۔ نہ اوس زن تہٕ نہ زانِپُن۔ ہمہٕ تہٕ بیہِ کُنہِ أسی نہٕ شاید سڑکہِ ہندی آوازٕ ہۄنی تہِ زورٕ ٹنو کرنس ہران۔

لبرس بون پہَن اُس کٹہٕ سنز ماد، سہٕ زاو چھرپۄتس زنگن پیٹھ استادٕ روزنُک سبق ہیچھناوان۔ کٹن پھِر گردن تہٕ ترٲوِن پۄری طرفس کُن تھزان کو ... مالن کُن نظر۔ بالس ... کنہٕ اوسُن ... ژُگ گاش ہیو تُمت

پریڈُن۔ کٹن کور اندازٕ زٕوُنی نتہٕ وُنی کھسہِ آفتاب تہٕ گاشراوِسورُے اوتد پوٚکھ۔ نہ روزِوُنل تہٕ نہ کالہٕ اوبرٕچ زانڈ۔

یہ اوس تمن آزاٲدی ہُند گوڈنیک دوہ۔ راتھ تامےٕ اٲسی تم باقےٕ تیرن ہٕندی پاٲٹھی لکہٕ ہٕندس وارس اندر گنڈٕ۔ کاہ چراین تہٕ گاسہٕ ماٲدانن اندر پھیرنُک اجازتھ اوسُکھ تہٕ ضرٗراما پوٚز بپرٕبلنی کھ ٔنتھ۔ کاٗنسہِ یاٗنی ٔچھُن کھوٗرنظر ڈلہِ ہا، تاٗنی اٲس گرٛھان گبہٕ راٲچھ ہنز کریکھ۔ قدم ڈجوونہٕ رٕکھِ نبر، ژورژورزٕنی اٲسی دوران اِبدٕ ہی پتہٕ۔

کھٹ ییٚلہِ باقےٕ چاروٲین چھرانِکیہٕ ستی چونٹھ دِتھ وچھان اوس، تس اوس جیرٕ یوان۔ خاص کرِتھ اوس تس شرارتھ دانٕد ہٕندِس وٕطیرس پیٹھ۔ حالانکہِ سُے یوت ہیکہِ ہا اَکی ٹھولہِ ستی گُپن گانُک بوٗسیدٕ درواز پتھر تراٲوِتھ۔ تس کیٗت اوسنہٕ ہانکلہِ تام چونٹھ پلناوُن تہِ مُشکل۔ مگر دانٕد!! ییٚتہِ پیٹھ ہور تام ماز وٕتھرن اٲستھ تہِ بُزدِل۔ پرٕتھ وِزِہوان پوٚت۔ ژکہِ نا اٲمس پتہٕ وتھ غولاٲمی کرنس ہاٲل۔ چھراگرٛن تام گاسہٕ لاوبن پیٹھ مطمئین۔ کٹن کجہِ تس کہی یا یہ پھرِ ٹھولہٕ، بار بارٕ ٹسناٲوی نس ہہنگِ مگر داندس گونہٕ الگزار۔ سُہ رٗددوہے زنگہٕ درازدِتھ دزامُن کرنس ستی آوٗر۔ آزاٲدی ہُند تصور کرنس یا تتھ متلق سوچنس سوٚمب تہِ رٗزٕس نہٕ زانہہ فرصتھ۔ نہ گوس شوق۔

بالن منز باگ یہِ خوٗبصوٗرت وادی أس سبزٕ زار وموٗجوٗب دوٗردوٗر تام مشہوٗر۔ اتھ أس رنگا برنگی پوشن ہٕنز برکتھ۔ گاسہٕ کرٛیچہِ تہٕ کُلی کٔٹ أسس تیتیٖ وو پدان زِطرفاتو پپٹھٕ أسی جب واتان۔

نَین تہٕ نیرٕبن اندر أس خبر کرٕ وسٕد یو پپٹھٕ بدلےٚ تیرٕ ذاتھ نوٚ وراونہٕ آمٕژ یمن نہٕ ہہنگ أسی تہٕ نہ قوتِ مردانگی۔ ونن واللبن ہُند گف اوس زِ خصی کرنہٕ آمٕژ یہِ تیرٕ ذاتھ آیہِ زأنتھ مأنتھ پھألاونہٕ۔ پرداٗرِ ے أسی کوٹھ دار تہٕ تموٕ ے گری ماہدٕن دسخط۔ چنانچہِ بنییہِ نٔوی قونوٗن یمو موجوب تمام مقأمی تیرٕ خصی کرنأوِکھ۔ تیز تہٕ پینہٕ دارہٕتھیار روٗستیٖ ژٔڈی ہکھ ہہنگ تہٕ ترأوِکھ یہِ ڈٕلٕ زِ تہِ برین واش گرِتھ منز مأدانن۔ حالتھ وأ ژیوٚت پپٹھ زِ ہتہٕ بدٕبن وٗرین روٗدی تم کلہٕ بوٗن گُن تھٔوِتھ چھرا گاسہٕ کرٛیچن تھپہٕ تھپھ کران۔ برمندِ نٕبن کونہٕ تھوٗ ہانکھ اَنہِ گٹہِ برنٕبن تأری دِتھ، مجال اوسا کلہٕ ٹلہٕ ہٕن۔ واٗرِ واٗرِ روو یہ تصورٕ ے زِ کٹس کیاچھِ ہہنگ۔

أتھی اندر چھنہٕ خبر زِ کیاہ سپُد، اکہِ گبہِ دیٖت یہِ ژھوٗیُس پتہٕ گوڈ نکہِ پھرِ پہٕلس مقابلس آو۔ خبر کتھہٕ تام پأٹھی أس أہندِس خوٗنس اندر پرانٕبن ہٕنز أڈرن۔ چھنا دپان زِبڈی بب یا بڈٕ بڈی بب سِندی کینٛہہ عادات چھِ ہتھ وٗری گُزرِتھ تہٕ تہندس کأنسہِ زُرِس منزٕ نٔی نیران۔

گوڈ دوہے اگر گبہِ راۓ چھن خبر لگہِ ہا زِ فلاۓنی کٹس چھِ ہنگ نیرِ نی ہوان، ہر گز چھڈ ہانس نہٕ زِنٕدِ۔ زبنہٕ گری ووزلاوِ ہانس ہوٚٹ۔ تہنزِ بد قسمتی کِنی ہیوٚت ہنگو تیلی کاڈ کڈن ییلہِ یہ پنہٕ نبن زنگن پیٹھ استاذِ سپُد مُت اوس۔ وَق تہٕ اوس نیرِ تھ گوٚمُت تہٕ آس پاس اوس ژوپاۓرِ خودی تہٕ خود اعتماۓدی ہُند پروپگنڈا اچلان۔

چنانچہِ ییلہِ کٹس پانس اندی پکھی ماحولچ پاۓرِ زان گیہِ، تس وو پدییہِ کاڈبن اندر بغاوتکی کیمی۔ مگر گبہِ راۓ چھ اۓسی خبر دار۔ تموۓ کر چالاکی۔ سیاست لڑاۓوِ کھ تہٕ پھرُ کھاۓمی سے کٹس پشانڑِ۔ اۓچھن دیُت ہس ٹانگہٕ گری سُند نوکتہٕ۔ اۓسس گنڈ ہس راس تہٕ زیٹھِ زتیٹھےٕ گرہس رز۔ ذمہٕ واۓری کھاۓجہس نکھس زِ اۓزی کہِ پیٹھ اۓسزِ ژےٕ نیران تیرِ کھیلس بروٚنہہ۔ کاۓشرِ پاۓٹھی چھِناونان، گلوانس گُر حوالہِ۔ برابر کورہس تی۔

چنانچہِ گو کٹس کابہٕ تاۓن۔ نہ روٚدس وار گردن پھِرنس نہ کُنہ جایہ تھکھ دِتھ پوٚت نظر دِنس۔ یاۓنی کلہٕ اوس پھران تاۓنی اۓسی یوان تمام گبہِ راۓ چھِ ووتلتھ۔

کٹس ییلہِ پرانبن ہنزِ خود مختاۓری ہُند خیال اوس یوان، اۓندری اوُسس تلواس ووتھان۔ مگر کرِ ہا تہٕ کیاہ۔ کتھ کرُن اوس منع۔ کتھ کرنس اۓس پابندی۔ نہ اوس اجازت زِ کھ کیا کر لو کل زباۓنی منز دویمس کٹس ستی اۓکی واکھ۔

دوہاا کھ چھُ بنان زِ ژھمبرٕ ملہٕ وَن بأ گر ووت سوٗرے جب کولہٕ بٹھِس نزدیک۔ یہ کولہٕ بۄڈھ اوس دۄر بالہٕ ڈٔندِس تام کاٹ کڈِتھ۔ گلی گنبر اوس تیوٗت زِ ژوپأری أس باسان اَنہِ گٹہٕ۔ کٹہٕ کھیٚلِس ستی کرؠ واو ژھنڈِتھ اوس پُھول ہٕرِتھ پیوٚمُت۔ بدنس آسس عأرقہٕ شرٛانہِ تہٕ ترٛیشہٕ دادِ زبوتہِ پھٔٹتھ دزاہرٕ۔ کولہٕ بٹھِس پٹھ وأتتھ ترٛ ووٚتمٕی ژادرِ شکھرتہٕ لوٚگ دوژھو دوژھو آب چینہٕ۔ کٹن ییٚلہِ سہٕ پانس کُن تھر کٔرِتھ ڈیوٗٹھ، زَن پھیوٗرس ژمٹھیمٕن زنگن نِوسرٕ زُو۔ خونس لٔجس گربکھ تہٕ بُتھیٚک سوٗرے ووز جار آس أچھن اندر ووتلِتھ۔ سہٕ پوٚک زٕ ژور قدم وارٕ وارٕ پتھ تہٕ أخرکار ییٚلہِ گردنہٕ ہنز رز پھٔلی ہندِ دسترس نبر نیران وُچھن، آویاشاہ کٔرِتھ دوران تہٕ گُنی ٹھولہِ ستی دِتُن پُھول آبس اندر بٔرِتھ۔ فولادٕ کھوتہٕ مضبوٗط ہنگ سَنیہ بُڈٕ پھٔلس أہی رنجن۔ ہرگزٕ پھوٗرس نہٕ چیٚن۔

کھیٚلہِ منزٕ أس گُنی تہٕ کیول گٔب یوٚسہٕ غولأمی ہندی زولانہٕ تراونس پٹھ تیار سپز۔ تِمہٕ یِم تہٕ جانورأسی تِمن زن اوس غأرتھ موٗدمُت۔ ہرگزتہِ مونگھ نہٕ کولہِ بۄڈھ تراوُن۔ لاچار گٔژھتھ دراوکھ تہٕ تس پتہٕ پتہٕ تہنز مادٕ۔

یتھٕ گُنی رٔود یہ ٹبر آزأدی ہندِ نشہٕ ستی سرشار یارِوَن ژھنڈان تہٕ جنگل پژاٹان۔ تِمن نہ اوس اندیشہٕ کأنسہٕ ہندِ حملک تہٕ نہ ڈر کأنسہِ دشمن

سُند۔ پٹھہٕ اوس آسمان تہٕ تلہٕ کنہٕ زمین تہٕ یُہے زون تموگرٕ۔ دوہ کھوراتھ رٲ دی پکان، وپر وارومنزی، کوہ تیتۍ تالوٚ پیٹھی تہٕ سیکہٕ ماٚدانو کنی۔ تمو چھاوِ پاں ژادرٕ تہٕ بونہِ گوڈن تل ترٛ وُکھڈاپھ۔ منزی رٲ دی ژھالہٕ دِوان تہٕ منزی ترٕ شِٹھنیارس اندراکھاٚکس ستۍ تنہٕ ستۍ تنٛ لارٕناوِتھ۔

لبرِس پٹھ وٲتِتھ ییٚلہِ کٹن ژوواپاٚری نظر ترٲو، سُہ گواٚندی پکھی نظارن منز مست۔ تیوٚت مست زِ دچھُن کھووُر رٲدُس نہٕ بلکل حس۔ تس اٚس راے زِوُنلہِ کٹھکارس منز چھُ سورُے دُنیادارِ برترٛ وپرِتھ بہتھ اماپوٚ زتہٕ اوسنہٕ پزٕر۔ گرٕ ہتھ جوراہ آسہ ہاٚ فاصلہٕ زِیارِاٚکس ژھایہٕ اوس کرٛہُن اِکٹہٕ کال ہیوٚ ہ رامہٕ ہوٗن ترٛیشوٚنی شکارن اٚچھ کٲری کٲری وِچھان۔ تٔمی ییٚلہِ زون زِ گب ہاچھےٚ چھرٕ پوٚتس ستۍ مست، وارٕ وارٕ پوٚک تہٕ نزدیکھ وٲتِتھ ہیٚیہ ہاکٹس پٹھ چھ تُلنۍ زِ گبہِ پییہٕ نظر۔

رامہٕ ہوٗن وُچھِتھ وسر ییہ تس گوڈٕ کوٚٹھی، پانس ژالیس تھرٕ اماپوٚ ز ستۍ کوٚرُن دِل تہٕ دِتُن مخصوٗص اشاروٚ ستۍ کٹس حس۔ یہ اشارٕ گوٚتِتھ گٔنی زِ رامہٕ ہوٗنس توٚرنہٕ فکری۔ دپھ کٹھ زن گومرِ نندرِ ہُشارٕ۔ زن اُلجس گرین۔ توتہٕ تھوٚون حوصلہٕ برقرار تہٕ پانس کٲرن نہٕ ہرگز تہٕ حرکتھ۔ صرف پھرٛن اٚچھ تہٕ کوٚڈن ڈٕچھنہٕ طرفہٕ بیم ناکھ رامہٕ ہوٗن نظرِ۔ رامہٕ ہوٗنس آسہِ ہانہٕ

شاید خابہٕ خیالس منز زِ کٕھ کرِ واو۔ سہٕ کرِ واپس حملہٕ۔ سہٕ اوس مس یڈ برنہٕ
کِس تصور سے ستی تہٕ اَوے کنی ہیوٚکُن نہٕ سہٕ ژھٕ تریراہاوِتھ۔ تس توٚرنہٕ فکری
زِکیا زِنو مرآ وکٹن وارِ وارِ گردن، کپاٚری تُلِن قدم تہٕ کتھ کنی آ وو زِ ملہٕ ہنتھ۔

دَپھ ییلہِ تلوارِ کھو تہٕ تیز ہنگ رامہٕ ہوٚنس بو کہٕ وَچن سنیہِ، سہٕ
پیوٚ واَسمانہٕ۔ یہ اوس شاید گوڈنیک موقہٕ ییلہِ یوٚت کمزور جانور رامہٕ ہوٚنس
ہِوس بلا یہ خدا ہس بُتھِ لوٚگ۔ دپھ رامہٕ ہوٚن، سہٕ ماترا وِہس، تمٕی گلوی پنجہِ
تہٕ لوٚگ زورِ زورِ پھنکنہٕ۔ کٕھ تہِ کوٚ تام پوشہٕ ہا، سہٕ گوٚ آخر زیر۔ تیاراوس
زِ رامہٕ ہوٚن ہیہ ہا بے یزتی ہُند بدلہٕ، دوٚرِ گیہ گبہِ رآچھ سنز کربکھ۔

یہ واقہٕ یُس سپُد، یہ سوٗرے اوس گبہ رآچھ لبرِس کھسان
وِچھان۔ تمٕی اوس کٕھ تمی وِزِ نظرِ کوٚ ڈمُت ییلہِ سہٕ دُنیا مشرِتھ نظارِ ژٹنس ستی
آوٗراوس۔ چنانچہِ کوٚ ڈمٕی بو نہٕ پیٹھے کٕھ وَنہِ تہٕ دژاو شرارتہٕ ہوٚتے تُس کاڈی
دوننہٕ باپتھ بوٚ ڈڈانگ ہتھ گرِ۔ تس زَن گرِن نوسرِ تمن اٖہی رنجن دگ یمن
کولہٕ بٹھس پیٹھ چوٹ اوسُس آمت۔

وٗں ییلہِ لڑاے وُچھن، زَن پھوٚ جس بو کہٕ، زن پیوس نارِ
توندرس آب۔ گوڈِ آس نہٕ یقینے زِ کٕھ کیا ہیکہٕ یوٚت بھودرِ تہِ اُستھ زِ
واَنا کھ رامہٕ ہوٚنس والہِ وٗ قرِ۔

رامہٕ ہٕوٗنی ییلہِ پُھول کوٚ ڈنظرِ، پوٚت ہہنہٕ ورآے لوٚگُس نہٕ چارٕ، تمی تھٗولڑآے پھوٚلتس تل۔ کٹس کرٕن دُدرٕ نظرتہٕ نین کُنی ژھال یارِ وَنو مُنزی۔ کٹس گومو تہٕ کھوتہٕ سخ۔ تس اگر چلہِ ہاتہ تژٕیم ٹھول کڈِ ہاپٔھلس تہٕ پہنڈُل گٔرِتھ تراوِہس بالس ڈٕلہٕ۔

دَپھ پُھول اوس سیاست دان۔ تُمی چھوٗڑنہٕ ہرگز تہِ کٹس۔ تُمی تل چھرٕ، تس ڈوٗلُن اتھٕ، مونہِ پونشہ کرِنس، مَٹھ مدارا گٔرِتھ لوٚدُن کھونہِ تہٕ ترٲوِن قدم گرٕکُن۔

کانہہ کٲنسہِ ؤنی زِ بچہِ دود۔ گبہِ تِتھے چھرٕ وُچھ ژلان، تس لوٚگنہٕ چارَے تہِ دژایہِ پٔھلس پتہٕ پتہٕ۔

کٹس کھوٚت گوڈٕ خشم۔ زبردس خشم۔ مگر کوٚت تام.........

آخرس سومبرٕن اورٕ یور رز، سوترٲوِن پانے پننہٕ گردنہِ نالی تہٕ دژاو برابر تمی وِتہِ یپٲری چالباز پٔھلی زآنتھ مآنتھ پننِن قدمن ہندی نشانہٕ آسی ترٲوی ہتی۔

--

وَ ے لئے گئے کئے یٔ ئٕ ٕ ٕ ئَ

# ہیرٕ گام رٕیہٕ تہٕ بوٚنہٕ گام رانٹسہٕ

شایداوس تُرونزاہ۔ ؤری چھُم نہٕ وارٕ ژتھس دپھ یہ کتھ چھم کالُک بتہٕ یاد زِ رہتہٕ کالچہٕ چھُٹی پتہٕ آس بہٕ پنداہہ دوہ ماتامالہٕ۔ سکوٗل گرٕ ھنگ اوس گوڈنیک دوہ۔ گیٹہٕ اندراژنہٕ باپتھ اوس مےٚ وُنہِ ہیرٕ پاۍوِس پیٹھ قدم تراونے زِ ہنگہٕ منگہٕ دِتُھ مےٚ أچھن تھوٚپ۔ شانن کوٚرہم دٕرِتہٕ بڑونہہ پکنہٕ بدل کھورہس پتھ۔ اِوِ پتہٕ دِژٕ کھلوتی زیر۔ مےٚ وُچھ أنی سارِ اتھوٚستی اتھہٕ تہٕ دوٚنم ناو۔ میانہِ حسابہٕ أسی سکوٗلس اندرٕ کرسےٚ نفرس پھُہری اَتھہٕ۔ قاۍدرِ پاچس۔

میانہِ زیوٚپٔنن ناوبوٗزِتھ نہ صرف تراوِمی أچھ بٔلکہِ پھٔیرنس بہٕ اَکی دڑسہٕ پتھ کُن تہٕ روٹنس نالہٕ متہٕ۔

''ٔہر ا۔ وارے اوسکھا؟''

یہ ونان ژایہ تس وُٹھن تھرٕ تھر، چاۍنٹس زن گوس نارژِ کی پاۍٹھی کووتہٕ سفید أچھن پھیوٚرس تتھے کُنٔی ووزجار یتھہٕ گُنٔی واریاہس کالس کولہِ اندر سرٕان گرِتھ آبہٕ ستی پھیران چھُ۔

''ماجہِ ہنزٕ دِرےٚ ہا اوسےٚ مےٚ چونٔے یوت پھیران'۔

تمی وونُن بیٚیہ تہٕ مےٚ آیہِ یکدم تھنز نانی اَچھن تل۔ یہ خرٚن ہُند اوس بُڈ نانہِ 'موج' ونان۔ نتہٕ کتہٕ آسہِ ہس اصلی موج تیژ بُڈ تہٕ شکلہِ بد زیب۔ سفید شین ہیوٚ مس۔ عاٗن تہٕ غاٗن ژاٗرِتھ کڈی مِتی وٕتھی پھم وال۔ بُتھِس گیٚنہِ، کمبرس ڈوچر مگر یوٗت اَستھ تہِ تیژ ذیلہٕ زِلکہٕ ساسس اَنہِ ہا پھینہٕ۔ محلہٕ واٗلی اَسی تس ریٚژہٕ پاٗٹھی 'مہرِ باجر' ونان۔ شاید اوے زِ سواٗس منز بازرس وان بہان تہٕ کتھ کران اوُسس شُری ہندی پاٗٹھی اڈ کوٗل گرٛھان۔ دندماٗ اَسس بچارِ۔ سواٗس توَے بازرس باجرونان تہٕ گاژرونان گاجر۔

کتھ کتھ کران وونُن ماٗلی اکہِ دوہہ،

'یٚیلہِ مہراجس خلاف اَجی ٹیشن تُلکھ، مرِ اَس جوان۔ لۆکھ چھکناونہٕ باپتھ سوٗزی سرکارن رسالہٕ۔ دپھ تُھے تم رسالہٕ کڈلس نزدیک واٗتی، مہرِ کوٚڈ گانہٕ منزِ کنسنٹرٹین۔ سُے ووُن چھُمٹہٕ ستی۔ تیوٗتاہ زورٕ ووُن زِ گُربو کھیٚیہ کھربکھ۔ نہ صرف لاٗیکھ گُری سوار پتھر، بلکہِ پھٗٹی واریاہ آبس تہِ۔ لۆکو ووے ژرِ پوٚپ تہٕ مہرسوٗزکھ اوٕ پتہٕ رتس کھنڈس مالین۔ یہ اوس تس ژھانڈو۔ دپان کمی تام پُلسہٕ افسرن اَس مہرِ پچھان کرِمژ تہٕ وونی اَسی گرِ پتہٕ گرِ تلاٗشی کران۔

ماٗلی وونُن زِ تس اَسی تمن دوہن ماٗلنی بارستہٕ مگر پتہٕ کھیٚیہ تم موتن تہٕ

اَز چھُنہٕ تِھوٲندرٕ اکھ تہٕ نوٚن۔

دپان اَمی دوہہ پٔژھ گیہِ سومشہوٗر۔ سرکٲرؠ کا کدن کھورٕ تو ہند ناو۔ جلوٗسہٕ ییٚلہِ نیرٕ ہامہرأس برونٹھ۔ کھاندر آسہِ ہاتہٕ سوے ٲس پٔژھ گُن کھٔسِتھ تمبکھ نٲرو ایان۔

قٲدِر پاچہِ اوس مےٚ برونٹھ خبر گرٛٔوٚ ری پنژمہِ کھوٚتمُت۔ مےٚ اوس سُہ واریاہ کالہٕ پٔژھ وَنہِ تہٕ اکہِ حسابہٕ بوزوتہٕ بڑ اولہٕ پٔژھے۔ خاص کٔرِتھ ییٚلہِ اَسہِ ایکسکرشن باپتھ لال منڈی آسی نِوان۔ ماشٹرن برونٹھ اوس پاچے آسان لوٗرِ گلہٕ وان۔ سُہ اوس لڑکن وَتہٕ لٔبی لٔبی پکناوان۔ رہتہٕ کالہِ اوس سُہ کاپی پنسل ہتھ مارٕ بٔتھس پھیران تہٕ تِمن لڑکن ہٕندی ناو لکھان یِمن سُہ کولہِ منز سرٛان کران وُچھان اوس۔ دوٚیمہِ دوہہ اوس یِم ناو پرِ یرِ منز پران تہٕ پتہٕ ٲسی تِمن لڑکن اَتُس کھٲلِتھ ژوتہٕ بچھہِ دگان۔ اَکھتےٚ ٲسِکھ لنگس پٔژھ موہرتہٕ تراوان یِتھنہٕ تِم بارِ دُبارٕ سرٛان کرَن۔

پنژمہِ ہٕندِس کلاسس یِتھے بہٕ کھوٚتُس، پاچس دٔژ کھ مےٚ ٲستی جاے۔ رِکنہٕ میےٚ دِتٕھ رول نمبر حسابہٕ تِمی سےٕ ٲستی بینچ، تہِ ہکہِ نہٕ وٕنتھ۔ بہرحال ٲسی أسی أکی سےٕ ڈیسکس پٔژھ کلاسس منز بہان تہٕ پاچہِ اوس اکثر میانے کاپی پٔژھ نقل تارن۔

اُردو تہٕ انگریزی کھوتہٕ اوس تس حساب تگان۔ خاص کٔرِتھ سوٗدٕ کرِ تہٕ تجارٕتکی سوال۔ ہسٹری ہندی سوال اُسی نہٕ تس کتابہِ پٮ۪ٹھ پرٕنی تگان مگر کُنہِ ساتہٕ ییٚلہِ منٛزی سوال پرٛژھہ ہَن، پاچس اوس سوٗرُے یاد آسان۔ وزیر اعظم تہٕ صدر رُسند ناو۔ مُلکُک قومی جنڈ۔ ریشم خانچ لڑٲے۔ مجاٛہد منزل تہٕ خوجہ یار بل۔ یتھی ہی سوال اَسی نہٕ کتابہِ منز مگر پاچس اُسی یم زبٲنی یاد۔ میٲنی کُنی اوس سُہ اَوے موکھ امتحانس فیل تہِ گژھان۔ تس اوس تی یاد آسان یہ نہٕ کتابہِ منز اوسُے۔

اکہ دوہہٕ ییٚلہِ ماشٹرن سارِنے لڑکن اکہِ اکہ پرٛژھ زِ زندگی منز کُس چیز چھُوٕ توہہ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ؟

أکی وون جواب زِ رازماہ دال۔ اتھ پٮ۪ٹھ ترٛوو ماشٹرن اُسن۔ کینژو وون مول تہٕ موج تہٕ کینژو وون علم۔ یوہے سوال ییٚلہِ پاچس پرٛژھُکھ، مند چھنہٕ ورٲے وون تمی کھرٛٹھ کرِتھ ماشٹرس،

'رحمان شیٚخنی ژورِ بچہِ ہنز گانٹی'۔

لڑکو ترٛوو بڈٕ اُسن مگر مے گیہ اَمی وِزِ پاچنی زیر۔ رحمان شیٚخ اوس سکوٗلُک چپرأسی تہٕ ژورِ بچہ اوس سُہ چھُٹی ہنز ژٕ ٹھ گنٹی وایان۔

یہ جواب بوٗزِتھ دِژمے تمۍ ٹارِ پاچس کُن نظر۔ تمی ہاوُمے أچھ ناٹھ

تہٕ مےٚ آواُسن۔اَمہٕ وِزِ کوٚرمےٚ سُہ زیادَے پہن خوش۔

پاچہٕ اوس قدٕ۔کنہِ میانہٕ کھۄتہٕ زیوٚٹھ، اَکھتُے ویوٚٹھ تہٕ۔ حبیب اللہ صأبنہِ کنہِ أس پاچس تہٕ مےٚ یہأے یأژ تفاوتھ۔نتہٕ أسی أسی دوشوے کھٔری پھہٕ۔

پاچس أسی خاص کٔرتھ وردی نہٕ آسنس پتھ دوہے لتھٕ ناوان۔اکہٕ دوہ ییلہٕ اَلُس کھأرتھ تالوٕکس تل بیزارے ژوٚٹھس، پاچس گوہتگھ۔بُڑ بأل سِندی پأٹھی لوگُن وَدُن۔ أشِس ستی ؤژھس نستہٕ کنہِ کھنِ۔مگر دوٚیم دوہ ییلہٕ ووت، حسب موموٗل اوس سُہ سفید قمیض لأگتھ سکول آمُت۔مےٚ کٔرِس پنٕنہِ کنہِ بأے پأٹھی نصیحت تہٕ وونمس،

'ژٕ کوناوردی لاگان۔یا گوچھےٕ نہٕ'؟

میأنہِ کتھ بوٗزِتھ ژوکرووپاچن أس۔زَن اُلجِس کسٹریل تہٕ ووٚنُن،

'مےٚ ہا گژھان خبر کیاہ ووٕزلی پلو لأگتھ۔مےٚ پھیران من'۔

۔گروٚٹھ ہیوٗہ وألِتھ ہوٗن میانہٕ قمیضہٕ کُن،

'یتھ زن چھُکھ روٗسُل پُجنہٕ وانہٕ پتھٕ خوٗنہٕ تگارِ منز غوطہٕ کوٚ ڈُمت'۔

بییہ کتھ تام کتھِ پتھ پرُژھ مےٚ اکہٕ دوہہ پاچن،

'ژےٚ رِکھو ۂہر اپورِ ناو'؟

مےٚ وونس، ’عادِل جہانگیر ولد سکندر بٹ‘۔ پاچن کوٚ ڈ زیوٗ ٹھ

بڑ وڈ۔ اِو پتہٕ ووٗنن ماشٹر آیہِ،

’جہانگیر اور بٹ کے الگ الگ معنی بتاؤ‘؟

مےٚ اٗس نہٕ خبرٕ ے تہٕ وونمس سیوٚ دُے زِناو آسمٕ مائلی ماجہِ

کوٚ رُت۔ نگرٕ ستی پیوم یاد تہٕ پھرٕم زبان۔

’بٹ ہاچھے اَسہِ ذاتھ۔ دپان اٗسی تہِ اٗسی پتھ کالہِ بٹہٕ‘۔

میٲنی کتھ بوٗزِتھ گوٚ نڈنس اٗندری نار۔ زن بُجس ریہہ تہٕ

گوہنگہٕ منگہٕ ؤتِھتھ،

’تَوے تہٕ اوسے پوشہِ کالہٕ سوال ہاوان‘۔

’مےٚ کھوٚت اپزِس پیٹھ شرارتھ۔ مےٚ کٔڈس لکھ تہٕ وونمس،

’گُرِ وٕہرا !!‘

’یِیلہ ہابنسی ژھوٚٹس ستی امتحان اوسکھ دوان‘۔

’ٕہرا۔ سہٕ ہا ہٲوی نے تمی ہے۔ ژٕ سوال کٔرینس پانے تہٕ اکھ

لکھنووُن‘۔

’ژٕ ے ستی تہِ ہے کتھٕ کرِن؟

’مےٚ ووٗنن فارمولا $(A + B)^2$۔ میٲنی کتھ ژٹان ٹٕل پاچن اتھٕ۔

'تھوٚ وہیا شُریا۔ مےٚ ہاچھُ یہ سوال ٹھیکھ گوٚمُت'۔

پھرٕ کھ ہیوٚ ہ ترٲوِتھ بیوٚٹھ سُہ درٕ منس پیٹھ سپہ تہٕ ووٚنُن زِ ژھ آیہ،

'بٹہٕ بوے چھُس نا۔ اَسہِ تہِ کرِنہٕ خود اصاب بند'۔ اِوٚ پتہٕ کوٚرُن مےٚ

بیہ تہٕ بیہ ہٕکتہٕ ہٕکتہٕ۔ تیوٚت کال ترٛ ووٚنس نہٕ یوٚت کال نہٕ مےٚ اُسُن آو۔

امتحان مو کلنس ٲسی وُنہِ کمے دوہ گٲمتی زِ رِسہٕ برونٹھے وٲ یکھ ژورِ

بچہِ ہنز زٕ ہٹھ گنٹی۔ تمہِ وِزِٲسی ٲسی مشقہٕ لیکھان۔ گنٹی بوٚزِتھ ژھنہِ اسہِ سٹیپہٕ

وارِ پھِرتھ۔ مشقن دیُت پھَش۔ گُنی دورِ دراے کلاسہٕ منزٕ تہٕ پچہِ وہن

ہیرن ملہٕ نٲوٲ کھِتھ دبرارَ ے۔

آنگن اندر کوٚرُکھ اعلان زِ بٹہٕ وارِ تام چھےٚ سارِنےٕ چھُٹی۔ تیار اوس

زِلڑکہٕ ٹلہٕ ہن گُنی گرٕز زِ ہیڈ ماشٹرن ٹُل ٕستی اَتھِ تہٕ ووٚنُن بڑِ،

'خاموش رہوٚ'

یہ بوٚ زِتھےٕ گولڑکن دَم۔ شاید کھوٚژی زِ ہر گاہ شور ٹُل تہٕ ہیڈ ماشٹرنی

تَن چھُٹی واپس۔ سٹیج گوٚ خٲلی تہٕ سٲری ہیٹھی پتھر۔ سکوٚل گیٹس تَل ٲسی وار یاہ

نفر۔ مرد کھوزنا نہٕ۔ ماشٹرٲسی بامبرٕ ہتی اورٕ یور دوان۔

'اوبلہٕ کنہٕ ہاموٚ د !!'۔

یہ وون مےٚ پاچِن کَنس تَل لوتہِ۔ سُہ اوس اَمہِ وِزِ مےٚ پتہٕ کنہِ

کھڑا۔ نبر یتھے درا ے تہٕ پاچہِ ووتھ بیہ،

دتس پچھے گلس گوٗلی آمژ۔ ساَرسے گوہرتال تہٕ چوکس منز چھُ بوٚڈ جلوٗسہٕ۔ مےٚ تُل کلہٕ۔ اَسمانس اوس امہِ وِزِ کرٛ ہُن اوبرُ۔ مےٚ زَن باسیوو ساَرسے کرٛہنیار۔ مکانن آسہٕ سیرِ لبن ہنٛزٕ ڈاٗٹھ زیادے پہن ننہِ۔ روٗدٕ ستی زن چھٲلتھ۔ سڑکھ اَس گاٗمژ برونٛٹھمہِ کھوتہٕ زٕیٹھ۔ کولہٕ بُٹھس یم پھٔرس اَسی، تِمن زَن اوس ہجر ژامُت۔

'موج اَس ونان'، پاچن تُج وَتہِ پکان نانہٕ ہنٛز کتھ،

'ییٚلہِ مارچھُ گرٛشہان، زمینہِ ستی ستی چھُ اَسمان تہٕ ودان'۔ یہ اوس پوٚز۔ تِکیازِ اَسی اُنہِ کٔدلس ترانے زنٛگ نٔیگ روٗ دوولُن۔

کٔدلس تران ییٚلہِ مےٚ دٔچھن گُن وُچھ، دوٗر تام باسیوم اَسمان ووزُل۔ یُہے ووز جار زَن آبس تہٕ توٚرمُت۔ اتھ زَن پھِرمژ روسُل پچھنہِ وانہٕ پیٹھ خوٗنہٕ تگاٗری دُبہٕ۔ امہِ وِزِ کھوٚرمےٚ کٔدلہٕ پیٹھٕ آبس ہبڈ لانک تراوٕنی۔ مےٚ تُج تھوکھ تہٕ چلاوٕم وٕیتھہِ۔

اوبلہٕ کنہٕ اوس اسہِ دوشوٕنی ہمسایہِ۔ پاچس تہِ تہٕ مےٚ تہِ۔ سہٕ اوس نہ اسہِ ستی سکوٗلہٕ پران ٹلکہِ اوس سانہِ کھوتہٕ واریاہ بوٚڈ۔ تس اوس ٹانگہٕ اَڈس نیٚبرٕ کنہِ سگریٹھ دُکان۔ تہندِس وانس برونٛٹھ کنہِ یوسہٕ تارکول ترٛاوِتھ سڑکھ

أس، آتھوارِ دوہہ أسی أسی أتی نس سۭزٕ لِنگس گنداں۔

اوبلہٕ کنہٕ اوسنہٕ پۆرمُت کہنۍ مگر عام چیزن ہنز پیٚٹھ اہ تس خبر أس، شایدٕ ے آسہٕ ہا کأنسہِ پرٕیدس۔

'فلأنی دوہہ ووتھِ فلأنی دون مُلکن پانہٕ وأنی جنگ'۔

'فلأنی جایہِ تارن سیمٹُو کٕڈل'۔

'فلأنی مُلکُک ٹیم ییہ یورفٹ بال گندِنہ'۔

'نِو ہفتہ کھسہِ فلأنی ہیروٕسنز فلم پلیڈیمس'۔

حأرانگی ہنز کتھ أس یہ زِ یہ سہ وَنہِ ہا، تی اوس سپدان تہِ۔ شاید اَوے زِ تس اوس گوس پیٹھ وان۔ اوتنس أسی امیر لُکھ یوان۔ سگریٹھ چوان تہٕ کتھ باتھ کران تہٕ اوبلہٕ کنہٕ اوس ییمے کتھٕ بوٗزِتھ اَسہِ کُن تاران۔

چھُٹیو برونٹھ یوسہٕ آتھوار گیہِ، اوبلہٕ کنن دِژ تمی دوہہ وُردی،

'جلۆسہٕ نیرن سخ'۔

گرِ وأتتھ اوس مے وُنہِ بتہٕ کھنہٕ باپتھ اتھ پٹھر اونے زِمول ژاو لارِہۆتے اندر۔ اژان اژ أنی وون تمی ماجہ،

'جہانگیر آوا؟'

ماجہِ کۆرس 'اِں' تہٕ ہووِنس مے کُن۔ تمۍ کۆ ڈبۆٹ تہٕ بیۆٹھ۔ ماجہِ

أزٕ ججیر تہٕ مول ووتھ چلمہِ تموکھ بران زِ چوکس منز زولُکھ جنگلاتُک دفتر۔ پُلسن چلاو گوٗلۍ تہٕ دپان اَٹھ ژٕنۍ نیکھ گاڈِین لدِتھ ہسپتال۔

ماجہِ وٕنس اوبلہٕ کٕنۍ شیچھ تہٕ سُہ دژاو پوٚت کھورے جنازس۔ وٹہِ منزٕ پھیوٗ رسُہ بییہٕ واپس تہٕ وونُن مےٚ شرارتہٕ ہوٚتے،

'ینا براندٕ بون قدم تراوَ کھ۔ یادتھوٗی زِ زنگہٕ ٹُکے'۔

امہِ دوہ دراس نہٕ بہٕ بلکہٕ ہےٚ نبر۔ صرف اوسُس مٔنزی مٔنزی دارِ کنٕ وُچھان۔ سڑکہِ پیٹھ اَسۍ نہٕ ہوٗنۍ تہٕ گُنۍ۔ صرف اَسۍ مٔنزی مٔنزی ٹینہٕ ٹوپہٕ دِی دِی ملٹری واٗلۍ پکان۔ تمن اَس سارنی چھِٹل وردی تہٕ وردی اوس رنگ نہ سبز تہٕ نہ کرٕہُن۔ یہ نہ اوس پنہٕ وٕتھرن ستۍ رلان تہٕ نہ سگریٹھ دُہس ستۍ۔ ماٗنۍ تو اوبرٕ کٕھ کارس اندر یُتھ رنگ گلۍ گنٕرِس چھُ آسان۔ بومہٕ لدتہٕ بیم ناکھ۔ پیٹھہٕ اَسۍ تمن سارنے بندوٗق، تم تہِ نہٕ ہوی بلکہِ واریاہہٕ قسمہٕ۔ مےٚ یوٗت نہٕ یمن بندوقن ہُند خوف ژاو، تیوٗت اوسُس بہٕ تہنزِ وردی کھوژان۔ مےٚ پھر لوتہِ پاٗٹھۍ داٗروا پس تہٕ آہستہٕ گرمس أندری کنٕ ہانکل۔

دِگرَن باٗ گرِ آمول واپس۔ تٔمۍ وون ماجہِ،

'اوبلہٕ کنہٕ آسہِ ہا وانس پھالو گنڈان تہٕ أتھۍ اندر آیہٕ گوٗلۍ تہٕ سیٚد ے یس کلس۔ دٕچھنہِ پاسہٕ لجس کنس پتہٕ کنہٕ۔ کینژٕ کاٗلۍ ییلہِ لاش تُجھ،

اوبلس وُچھکھ اَتھس منز سرتلہِ قلُف'۔

مائلی وون یہ تہٕ،

'سرانہٕ وِزِنیوٗ ہس زبردستی اتھہٕ منزٕ قلف کڈِتھ۔ پھِری پھِری دِتی

ہس امام زادن ہندی سوال'۔

مائلی وون،

'گوٗلی ییٚلہِ کانسہِ یوان چھےٚ، یہ چھےٚ ہرٕ شہِ پہٕ کنی پانس اڑان تہٕ

ییٚلہِ یہ نیرِ، ہٕسی برٕن گرِتھ چھےٚ بدنہٕ منزٕ نیران۔ اوبلہٕ کنس اَس ڈٕ چھنس

کنس تل لوٚکٹ گڈی رٕژھ، دٕپھ کھوورِ پاسہٕ ییٚارِی گوٗلی درایس، پٹلس

سوٚمب اوسنس گوٚدکورمُت۔ کاڈی اَسس سرٕکہِ پیٹھ چھکرِتھ'۔ ماجہِ ییٚلہِ

بوٗزتمہِ کرِللہٕ، تمہٕ دوگ سینہٕ۔ مول اوس مےٚ کُن دولہٕ وُچھان۔

دوٚیمہِ دوہ توٚرس بہٕ ٹُچہ ہندِ پشہِ پیٹھی تہٕ ترأوِم سُلہٕ گورنس

آنگنس منز ووٚتھ۔ ژیرتام اَسی اَسی تی نس کِندان۔

اَمہِ دوہ پگاہ اوسُس بہٕ وَتھرِنہِ منزٕ نیرنے زِنئیری کنی گوٚو زبردس

شور۔ کئدلہٕ اپارِ اوس بون شہرٕ پیٹھہٕ جلوٗسہٕ کھسان۔ اَنتھہٕ روستےٚ لُکھ اَسی نارٕ

دِوان۔ ماجہِ دِژنہٕ ہرگز داٚرمژراونہٕ۔ نہ دِتُن کانسہِ درواز ہبر نیرنہٕ۔ سأری

شُری اَکرِسے جایہِ۔ بہناوِتھ لوٚگ تمہِ اوکژ اَرِس پیٹھ قہوٕ، بیٚیہ کوٚ ڈُن المارِ منزٕ

سۆت۔ اَمی لالچہِ پیٹھی أسی واریاہس کالس رَسے یوٗتام قہوس تہٕ گرٛبکھ آیہٕ تہوٕ چیتھ ییلہِ زیادَے شور گو، مےٚ لگی پھپھرٕنی۔ موج ژایہِ اندر تہٕ مےٚ کھاأج کُنی ٹکھ کاأنی پیٹھ۔ کاأنی آسہٕ سٹر کہِ اندٕ زاألی پنجرٕ کُرتھ دارِ تہٕ اندرکُن اوس کمےٚ پہن گاش۔ میانہِ حسابہٕ اوسنہٕ اَتہِ أندرٕ پیٹھٕ تماشہ وُچھنس کُنہِ رنگہٕ خطرٕ۔ یہ أس مےٚ خبر زِ پنجر دارِ مُنزی ہرگاہ دُہلی گاشہٕ وُچھو، أندریُم نفر ییہ نہٕ نیٖبرٕی کُنی بوزنہ۔ راتھ کیٛت ہرگاہ بجلی زالو، أندرِمی طاقچ تاأنی أسی سٹرکہِ پیٹھٕ بوزنہٕ یوان۔

جلوٗسہٕ اوس ووٗنی کدلس پیٹھ ووتمُت۔ یپارِ کدلہٕ یم سپاہ أسی، تم تہِ أسی نہٕ کُنہِ کُنی نٔژ۔ وارٕ وارٕ توٗر جلوٗسہٕ کدلس۔ برونٹھ أسس مےٚ سۆمب لڑکہٕ۔ تمن پتہٕ پتہٕ نچہٕ کورِ تہٕ پۆتس مرٕد۔ کوربن کہٕ لڑکن اَتھن کیٛتھ جنڈٕ۔ جلوٗسس أس منز باگ خبر کُہنز بس تہٕ بسہِ ہندِس پشس پیٹھ واریاہ جوان کھڑا۔ تم أسی مگافونہٕ مُنزی نارٕ دِوان۔

'شہیدانِ قوم' تہٕ سأری أسی کران 'زندہ باد'۔

یہ جلوٗسہٕ اوس واریاہ بۆڈ۔ اتھ لۆگ گاأنٹہٕ کھنڈ سانہِ مکانہٕ برونٹھی کُنی نیرنس۔ یوٗت کال أسی کاأنی اندر تہِ واریاہ نفر جمع گاأمتی۔ موج أس کھٔرٕ مٔژ۔ بییہ أس پیچنی، عشہٕ دیدٕ أس، نبہٕ لاأنز، فضہ، مصرٕ، سارٕ بل تہٕ تمو علاوٕ

وار یاہ شُری۔ جلوٗسہٕ ہیوٚتُن اندُن تہٕ زنانوتہِ ہیوٚت کاَنی منزٕ نیرُن۔ أتھی
اندر گوٹاس۔ کدلہٕ اَپارٕ گیہِ بجلی گرس تل چھگ۔ اوپتہٕ گو بیا کھ ٹاس تہٕ یکدم
زَن دِتھ ستہ ٹاسن ژٕ کھ۔ مےٚ ہہڑ وو پنجرٕ منزی نبر گُن وُچھُن زِ ماجہِ لوٚمُم
پتِ کنہٕ تہٕ شونگہٕ نووُنس پتھر۔ چھیکرس ییٚلہِ ٹاس بند گیہِ، کاَنی منزٕ اُس صرف
موج تہٕ بہِ۔ اَسہِ تلُی لگ بگ اکی ساتہٕ کلہٕ۔ پنجرٕ منزی ییٚلہِ مےٚ نبر گُن وُچھ،
کئدلہِ یپارِ وُچھم زٕ نفر درحتہٕ۔ أکس نفرس اوس سفید رنگہٕ قمیض ییز ار۔
دویمس زٕ ئنس اُس مَولہِ رنگہٕ سَدٕری۔ کئدلہٕ پینہٕ تَل یُس دٕ چھنہِ طرفگ
ڈ نگہٕ چھُ، تتھ ستی کوٚ ڈےٚ گنج بانہٕ نظرِ۔ منز باگ سڑکہِ اوس لوکُٹ تروڈٕ
یُس اکثر چھانن دٕسلن ستی چھُ آسان۔

أتھی اندر آیہ چوکہِ طرفہِ ملٹری گاڈی۔ سوٗرکییہ کئدلہٕ پینہٕ
نکھے۔ رُکان رُکاَنی تراوِامہِ منزٕ ٹینہٕ ٹوپہِ والہٕ ووٹہٕ۔ أکی نفرن کٔر سفید قمیض
ییز ارو اُلس کھوورِس کھورس تھپھ تہٕ نیوٚن گاڈِ تام ربہِ منزی کھکھرِ۔ گاڈِ تل
واتناوِتھ رچس بیے زٕ نی نرِ۔ اوپتہٕ گلہِ نووُ کھسہٕ ژٕنہٕ بوہرِ ہندی پاَٹھی تہٕ دِتُکھ
درو پھ کرِتھ گاڈِ منز داَرِتھ۔ گاڈِ منز تُجہِ تمی اَکی پھرِ نرِ۔ زنگن لوٚگُس کُنے درسہٕ
تہٕ ستی گوکھش کرِتھ کتہٕ ہندی پاَٹھی ندہٕ سوتھ۔ تتھے کُنی کوٚ ڈُن زنگن واش۔

بہٕ وُچھِ ہامہِ اورتہِ دوٚیمی سُند تماشہِ زِ پانس پتِ کنی گوم بڈ درو پھ

۔موج آس وَگوس پٔژھ درختہٕ پتھر۔تس اوس لابُدی گأیلہٕ گوٚمُت۔

اَمی دوہ شامن وُچھی مےٚ برابر تتھی جایہٕ ہوٗنی لۄوان ییتہٕ نس سَند رِوول درختہٕ اوس پیومُت۔ ماجہِ ووٚن پتہٕ زِ ہوٗنی چھِ مورِدٕ سُند خوٗن لۄوان۔ خوٗنک ناوبوٗزِتھ پھیوٚر مےٚ پاچہِ نی پأٹھی مَن۔مےٚ گیہِ اَمہِ وِزِ ہونٛن ہنزٕ تہٕ کھُر۔ظأہر چھِ ہوٗنی اَوے موکھٕ ژوپس یوان تِکیازِ تِمن چھےٚ خوٗن لۄونس ہأل۔

جمعہ دوہہ اوس اوبلہٕ کنٛس فاتحہ۔ پارکہِ منز اوس شأمیانہ تہٕ لۄکہ ارساتھ اوس ژٕستھ آمُت۔ زنانہٕ کھوشری آسی پارکہِ نیٚبر کنہ سڑکہِ ہنزٕ پٔژھ بِہِتھ تہٕ شأمیانس تلہٕ کنہِ یِم ڈنڈٕ کھڑا آسی، سارِنےٕ آسی لاوڈ سپیکر لأرٕگتھ۔ أکس پتہٕ اوس بیاکھ نفر ووتھان تہٕ تقریر کران۔ بوزَن وألی آسی وُتھی گرٕھان تہ پرتھ جملس پٔژھ 'ضرور' کران۔ بدل کانہہ ساتھ ہے آسہ ہا تہ پاچہ کھیٚیہ ہا مے ضرور کن،

'ہہرا۔ ژٕ کونا ضرورونان، اَسی یوت چھا یہ چیٚٹ'؟

بہٕ اگر ونہ ہس، 'مے ناگوڑ فکری ترٛان یہنزٕ کتھ'، تہٕ پاچہ وِنہ ہا تھاندار آیہ،

'اوہو۔ ژٕ کس ساگوہم فکرِ نہ ترٛن وول؟ فکرِ ترُن چھُنہ ضروری۔

چاۓنی کأم گیہٕ ضرور کرُن۔

مگر اَمہِ دوہ وُچھ مےٚ قأدر پاچھ بوزلہٕ ہیوٚہ بہتھ۔ نہ کران کتھ نہ باتھ حالانکہِ تیزٕ قندٕ شربتھ اُس زِمےٚ رۄدنہٕ شامن بأگی بتس تہِ مأل۔ شُربۄ چێیہِ خوب شربت دپھ پاچھِ سےٚ یوت أسِکھ کلی زن دِتی متر۔ سُہ ووتھ نہٕ اکہِ لٹہِ تہِ تھۄد۔ جیرٕ ہیوٚہ یتھ یێلہِ مےٚ کھٕنی کھٕنی کرمس، تمی کۄ ڈبێہ منزٕ اخبار تہٕ پلنووُن مےٚ۔

اخبارس اوس گوڈنکس صفس اوبلہٕ کنُن فوٹو۔ تس اوس کلس پھمبہٕ دستار گنڈِتھ۔ أچھ آسس وٕٹھ۔ زن اوس مَس ہندرِ۔ فوٹوس تلہٕ کنہِ اوس توٚہند ناو وۄزلہِ رنگہٕ ستی لیکھِتھ، عبدالمجید خان ولد لسہ خان مرحوم۔ عمر ۲۱ سال۔ اتھ تلہِ کنہِ اوس شہیدانِ قوم تہٕ تتھ تلہٕ کنہِ أسی خانن اندر درجن پێٹھی ناو، سکوٗنت تہٕ ولدیت۔ عبدالرشید کاوہ ولد مرحوم غلام رسول، عمر ۱۳ سال۔ محمد عبداللہ ولد اسد صوٗفی عمر ۸ سال۔ مےٚ پرٕی یِم ناو تہٕ پلہٕ نووُم پاچھس اخبار واپس۔ تمی تُل اَتھ تہٕ اونگجہِ ستی ہوٗوُن مےٚ أکس جایہِ لفظ مرحوٗم۔ اَتھ اُس تلہٕ کنہِ پینسل رِکھ۔ مےٚ یێلہِ وارٕ وُچھ یِمہٕ رِکھ وُچھم پأنژن جاین تہٕ یِمن سارِنے جاین اوس ولدیت جایہِ مرحوٗم تہِ لکھِتھ۔ مےٚ تو ریکدم پاچھُن اشارٕ فکرِ۔ تس أسی پانس تہِ مأگی سندس ناوس ستی مرحوم

لکھان۔ مےٚ پیوٚ اُتی پٔنٕن مول یاد۔ اُچھن منز آیم اَش بَگہٕ۔
خداصأبا میون مول تھٲوِ زٕ بن ہمیشہٕ زندٕ۔ مےٚ زَن رٔوٕ دِ یےٚ نہٕ اَمہٕ زِماٰلکہ
سُند ہیم یاد تہٕ کوٚر مس یڈ برِتھ دعا یہٕ خاٰر۔

اکھٕ زدوہ گےٚ منزٕ تہٕ سڑکن ژٔ ج رَب۔ رٔو دِ تہٕ گوبند تہٕ دوہے ہیوٚتُن
ووٚنی تا پھتہٕ کرُن۔ ملٹری تہٕ درلیہٕ تہٕ سڑکن لوٚگ رَش۔ اَسہ کھوٚلُکھ ژٔ ندروارِ دوہ
سکوٗل۔ گوڈنِکہ دوہہ آو نہٕ پاچِہ کہنی۔ مےٚ نوِ دوہس توٚ ہُند غاٰر حاٰضر روزُن
ہنجاٰری وپھ ژورِبچہ۔ ییٚلہِ گُنےٚ زٕ ؤن دراس مےٚ اوس توٚ ہند پھیران۔

دوٚیمہِ دوہ تہٕ آو نہٕ سُہ کہنی۔ امہِ دوہ آم نہٕ دوہس قرار۔ چھُٹی
ییٚلہِ گٔیہٕ گرِکس کوچس پچھم نہٕ زنگے۔ بہٕ پھیوٚرس واپس تہٕ ژاس قاٰدر پاچِہ
نِس لوکٹِس کوچس۔ وان وُچھمکھ دٔری بند۔ شاید ما آسہس ناٰنی بیمار۔ بہ
پوٚ گُس ہیٚیہ ہن برونٹھ تہٕ وُچھمکھ مکانس تہٕ قلُف۔ محلہٕ واٰلی اَسی اورِ یور
پکان مگر مےٚ کوٚرنہٕ جرٲتھے کاٰنسہِ پرژھنس۔ ہاے ہے وٲنی تن پتہٕ میاٰنس
ماٰلِس، بہ دراس سیوٚ دُے تہٕ ووٚتُس گرٕ۔ موج اَس امہِ وِزِ پتھٕری واٰنی
لِوان۔ چنانچہ کھوٚتُس بہ سیوٚدُے ہیوٚر۔ مےٚ آیہِ نہٕ امہ وزِ کاٰم تہٕ کرنہٕ۔
چھرا اوسُم توٚ ہندُے پھیران۔

ژیری ییٚلہِ مول آو، مےٚ کوٚ رُکھ بو نہٕ پیٹھے بتہٕ کھنہٕ باپتھ آلو۔ماٰلکہ

وُچھنس بہٕ تہٕ بہنوونس پتھر۔ مستس دیُت نم پھش تہٕ ووتھ مے گُن بڈٕ نرمی سان،

وُچھ سا گوٚ برا۔ ہفتس کھنڈس گرٛھکھ ژٕ بییہ ماتا مال۔ سکوٗلہٕ

تراوے بہٕ پانے درخاس۔ ماجہِ ییٚلہِ پرٛژھس تہٕ درجواب یہ تمی ووٚن تمہ

ستیٚ ژایہ مے دوشوٕنی زنگن نٹھ۔ اتھن پھوٚٹم عارق۔ بجلی گاشس آیم کٹھس

منزٕ جن ہی نژان بوزنہٕ یم دپان نیوٚلے مازچھِ کھسوان۔

مالی ووٚن زِ جمعہ دوہ راتھ کیُت اوس پاچہِ نبن پُلسہٕ آمُت۔ تمو کوٚڈ

پاچہِ وُرنہِ تلہٕ تہٕ واتنوُ کھ خبر کتھ شایہ۔ تھانس منزیُس مُنش اوس، سے زانہِ

ہامالس تہٕ تمی اوس ووٚنمت زِلڑکہٕ گرٛھِ تام اورٕ یوٗرڈالُن۔ خبرچھا۔ تھ کتہِ

ووتھِ یابہِہ۔

مالی کجہِ امہِ وِزِ پاچنہِ بدل تہنزٕ بُڈٕ نانہِ لکہٕ۔ سُہ اوس تس بار بار

مونڈتہٕ مونڈونان۔ مہرٕ باجرکُرتھ وَنہِ تمی تس متلق تیزٕ اہ کتھہٕ یمہ نہٕ مے اوتام

بوزمژے آسہٕ۔ مالی ہٕندی کنٕ اٰس سو پانے خودراہ۔ یاوٚن اوسُس تہٕ

برونٹھ برونٹھ اٰس نیران۔ ازییٚلہِ تتھی کارس زُرتہٕ لوگھس، بالہٕ پانےٕ لوٚ دُن

تپالہ۔ یہ ووٚن مالی تہٕ ماجہِ دوگ سینہٕ۔ تس آو پاچس پیٹھ عارتہٕ ووٚن

مالس کمہِ تام چانٹہٕ،

"آہن ساتہٕ یہ ہے ڈُنہِ موصوٗم چھُ، آخر یمن چھنا عقل"؟

مألِس کھوٚت اتھ پٹھ تہٕ جَکھ ۔ تٔمی وأج چِلم تہٕ دِنن پتھر۔ تمہٕ کی

ڈبہٕ لٔبتھ ووِن تمی بیٚیہ ۔

''سیاست ہبی۔ پٔنُنی چھکھ ۔ تم چھکھ لندن تہٕ واشنگٹن ۔ تورِ ے

چھکھ لۆکرِ سوزان تہ مألی چھکھ ییٚتہ مندورِ کھاران'۔

تٔمی بٔر بیا کھ تمہٕ کی چِلم تہ زیوٚٹھ دام دِتھ ترووُن بوٚ ڈُ دہی لمبُھ تہ ووتھ بیٚیہ،

''کنہِ لائینس کیٚت گومہرِ باجرِ ہُند زُرقاً در پاچہ، گوٗلی کھنبس کیٚت

او بلہ کنہٕ، عز پھیرِ ہُند موندٕ کِھ ۔ منشٹر سُند نیچو بنہ منشٹر تہ ٹانگہٕ وألی سُند نیچو

روزِ دوہے ٹانگہ وول'۔

یِی ونان گلہٕ نو وٕ تٔمی تتھِ کٔنی کلہٕ زَن آلیس درویش ہنز ذکر۔ سہٕ ووتھ

ہأرتھ ہیوٚ ہ ماجہ کُن،

'خدالیس منگ پیٚتھی منز برکتھ۔ پنہٕ نی ڈیرِ سیری'۔ مألی ترٛ ووو وش

تہٕ ووُن تالوس کُن أچھ تُلتھ۔

'اَسِہ مہٕ ییٚر ھن پٔننی گرِ کھالنہٕ باپتھ لۆکہٕ ہنٛدی شُری ووٹھِ اَنی ۔ تم

بیقل زانٛنی تہٕ پتولاکن ہونبن تہٕ ہاپتن اتھہِ کھیاوٕنی'۔

دویہ ریٚتی آس بہٕ ماتامالہٕ واپس۔ گرٕ وأتتھ باسیوم سوٗرے کینہ

ٹھیکھ مگر پاچہٕ نبن اوس وان مستقل پأٹھی بند۔ مکانس آسکھ لبہ تہِ زن

یلے۔ آنگنس اوسکھ کاٹھکر پتھر تہٕ تتھ منز اَسی محلکی شُری واز وانس
گندان۔ سکوٗل تام یوسہٕ سڑکھ چھےٚ، جایہِ جایہِ اَسی تتھ تارِ کوٹّن پیٹھ اشتہار
یمن منز اوس اَکی سےٚ نفرٕ سُند فوٹو۔ یہ اوس سوٗٹ لاگِتھ، نبک ٹےٚ گنڈِتھ
تہٕ قراقلی ٹوٗپ دِتھ۔ دٕچھنِ نرٕ اَسس آسمانس یٔ زٕ زٕٹھ تہٕ اونگجہِ ستی اوس ہیور
کُن خبر کیاہ ہاوان۔

اوبلہٕ کنہٕ تہٕ اوس سارنےٚ موٗٹھمُت۔ ووٗنی اوسنہٕ کُنہِ جایہِ تو ہند ذکر۔
اَڈی اَسی دپان زِتہنز ماجہِ رٔڈ خبر گٔژ ساس۔ سو اَس ووٗنی محلہٕ واجتھن تہِ کھران۔
صرف اَس لڑلیہِ کران تہٕ زنانہٕ آسس پھوشنہٕ کنٕ' عزٕ پھٔچھر' ونان۔
اکہِ دوہ یِیلہِ شامن بأگی گرِ تو ہند ذکر ووتھ، شُر بوٗلوگ بار باراُسن
۔ ماجہِ کھوت اتھ پیٹھ سخت شرارتھ۔ سو متیہ سارنےٚ تہٕ ووٗنُن،
'وولہِ نہٕ تہٕ وولسیا اَدِ!! نیچوٗ اوُسس سُہ نیوٗس گانٹہِ۔ وان کھیوس گلی
فقیرو تہٕ پأنسہٕ ہے کانہہ ناوس کھوٗتُس سُہ شرٕ وٕپس سوٗرے درٕ ین۔ حال
چھس درٕ کاکنہِ راجاتا جاکران'۔

o

# ہوٲیی حادِثہٕ

"ٲسی چھِ سخت افسوسہٕ سان خبر دوان زِ بحراوقیانوسس ترٛوُن سپُد سانہِ مُلکُک ہوٲیی جہاز خطرناک حادثُک شکار۔ جہازس سپُد فضہس اندر دَماکہٕ تہٕ امیک ملبہٕ آو وٲنا کھ سمندرس دوٗر دوٗر تام چھکراونہٕ"۔

یہ خبر بوٗز محمد جمالن کأنی دارِ پٮ۪ٹھ بہتھ۔ خبر بوزأنی وبسر ییہ تس اَتھ۔ یا شاہ کٔرِتھ آو چایہِ پیالہٕ دُرلاینہٕ تہٕ گأس دَمدرِستی چھاونہٕ ینہٕ کنہِ ٹُکرٕ۔ اکھاکھ کھٔنڈ وأتریہ ڈٟپی زِتہِ لارِ ہٕنٛز آنگن اندر۔ ژوچہِ پھٔلی ڈہٕ یشتھ آے درُستہِ آنگنکی کوکرتہِ لگی تھپہٕ تھپھ کرنہِ۔

پیالُک ٹاس بوٗزِتھ روٗدُ ے نہ زوٗن دیدِ پانس تام۔ تمہِ ترٛکراوِ أچھ۔ خشمہٕ ہٕنٛز چشمہٕ تُجن ریڈیوہس کُن تہٕ ووٗنُن زنتہٕ لبَن،

'تقصیر، تقصیر! گوڈٕ زن چھِو مود بوٗتمتی۔ ہاے، کأنسہِ تہِ چھونہٕ کھنہٕ چونٹھ'۔

تمہِ ہیوٗت پنٕنی کنی شرارتہٕ سانٛے تتہِ پھوٗکرِنس چایہ سماوارس ٹھانہٕ ٹُلن اماپوٗز توٗت لگنہٕ موٗجب ترٛوٗن ٹاس کٔرِتھ واپس۔ پٮ۪ٹھ کوٗ ڈنس

کراٹھ ہیؤ ووہو۔ گریکہٕ وٕنس سماوارس ووتھ پھٔکر تہٕ سُے لۄگ زۄن دیدِ

دٕچھِنس اتھس۔ تمہِ کڈ ووڈھ، وٕش، کٔرِ تھ دِژن گ ڈٕ اتھس زور زورٕ دٕنن

تہٕ توپتہٕ لوٗگن بے وایہِ پاٹھی دٕدی مٔتس ھسں چونٹھ تہٕ لٔج تتھ پوٚتس پتھ موٗنہِ

کرنہِ۔ آخرکار ووتس جایِس پتھ تہٕ وٕژھ محمد جمالس کُن،

'ژٕ وُچھ، دارِ کنِ دمہٕ نے یہ ریڈیو کھٔنڈ دٲرِتھ۔'

زۄن دیدِ پھیؤرا چایہِ پیالک کنہٕ سماوار پھٔکرُک تژر تیلیوس، تہٕ

توٚگ نہٕ محمد جمالس بوزُن۔ تمِ وَچھِ لحظس کھنڈس أچھ تہٕ لۄگ دلہٕ أندری خبر

کیاہتام دٲیرنہِ۔

سُہ یمن دوہن جہازس کھوتمُت اوس، تمن دوہن اٲسی نہٕ یتھہٕ کٲنہٕ حادثہٕ

سپدان۔ نہ اٲسی أزِکی پاٹھی جہازٕ اغوا کران۔ پتٕھ سُہ گاش، احساس ذمہٕ

دٲری۔ مسافرو اژوونہٕ جہازس اندر، چھکھ چوندرِ ہشہٕ اَن ہرشہِ ژومبرٕ آسہٕ النہٕ

تہٕ وَلنہٕ یوان۔ مٹھاے ناتہٕ سنگترنا...... انسان زن ٹُلہِ ہاٹافی پھلبن ہنز بڈ

دوژھ پلیتٕہ أندرٕ، مجال چھاٹھا کھ کرہانس۔ تمہٕ آسہٕ تورٕ پٔریہ اُسن کران۔

محمد جمالن تژ دو ووش۔ ووش تراوأنی پھوٚٹس عأرق تہٕ عأرق

پھٹأنی زن آیہِ کٔنی تر ژھٹھ تہٕ سوے دژ ایہِ کلہٕ پتٕھ نلس تام ژھٹھ کڈِتھ۔

دلیل سپز یہ زِتس پیوٚ و سُہ واقہٕ یاد ییلہِ توہند جہاز وُنہِ

پیر پانژالس ترأنی اوس۔ وَنۍ کی دوہ أسی تہٕ اوبر کٹھکارن اوس سورٕے آسمان آورِتھ تھوٚومُت۔ آفتاب اوس خبر کتہِ کالُک غاًب تہٕ حالتھ أس یہ زِ منزدُپہرن أس نصف راتھ باسان۔ تہِ اوسنہٕ کُنہِ گاش۔ وتہٕ آسہٕ ژووایأری آدمی قدٕ شینہٕ ستی آورِتھ تہٕ ہوأیی جہازس منز سفر کرُن اوس اوٕ موکھٕ غنیمت زِ کم از کم اوس دستیاب۔ انسانس کونہٕ پیٚیہ ہاٹکٹہٕ پونسہٕ باپتھ پان بند تھاوُن دپھ توتہِ أس ستھ زِ شُری بأ ژمرَن نہٕ فاقہٕ۔ تہِ أسی تتھ مُرِتھ تہِ پونسہٕ تران۔

اتھ مقابلہٕ بسہِ ہنز سوأری!۔ انسان آویرُو تہ گوٚو گاسُو۔ منز بیابانس ہے ترٛیشہِ تہِ پیٚیہ، حرام ہوٚنس ہے کانہہ دٕرٕ کربس۔ موٚدہرگاہ تہٕ مرِتھ گرِ ستی نیہِ ہانس ہوٚ ژُرے۔ پانژألی کاوکھیٚیہ ہانس دِگہ دِگہِ۔

محمد جمالس اوس سرکأری کامہِ باپتھ جوٚم ترُن تہٕ أکس بٔیہ سندس ونہٕ نس پیٹھ انہٕ نأوی جہازٕ چ ٹِکٹھ، کانہہ ؤنی زِ تَس خرچس لتھ دِتھ۔

آسمانس اوس اوبرٕ دَلو تہٕ أتھی دَلوس پیٹھ کنہِ اوس توہند جہازٕ کمہِ مزٕ وُڈان۔ وُڈان کیاہ، زن اوس أکی سے جایہِ ٹھہرِتھ۔ تتھ نہٕ أس بسہِ ہنز پیٹھ تہٕ نہ ٹانگکی ہی دَب تہٕ درٕسی۔ صاف اوس باسان زِ انسان چھُنہ ہوٚہس اندر بلکہِ کتھ تام پرستانس منز یتھ زمینہِ تہٕ آبہٕ بدل چھٕ سفید تہٕ نپہ نپہ کروٗنی

پھمبہٕ دوٗگل دٕوٗردٕوٗرتام وَہرأوِتھ چھِہ۔ ڈٕچھِنۍ تہٕ کھوٗوُرۍ کوٗ ہہ تیٖنتاٮ۪ی برابر
تِتھے کٕنۍ چمکان۔ یِتھہٕ کٕنۍ رہتہٕ کالہِ سأرہٕسے کشیٖرِ چمکان آسان چھِہ۔ اوبرٕ پٹھ
کُن اوسنہٕ باسأنۍ زِوندٕ چھاکنہٕ رہتہٕ کول۔ ژوواپأرۍ تاپھ۔ چھراتاپھٕ۔
تاپھ تہٕ تاپہٕ سوأے نہ ہیٚیہ کہٕنۍ۔ یہ تاپھ وُچھتھٕ ژوٗل تِس وندُک سوٗرُے
کشُن۔ متھ گوس زِوندٕ چہ یمہ سارٮ۪ے زچہ کڈٕتہٕ نبٕسنگالا یہ جہاز چہِ دارِ کٕنۍ
ووٗٹھ۔ ژھانٹہٕ ژھانٹھ کرٕیمن اوبرٕ دلون منز۔ یِتھہٕ کٕنۍ رہتہٕ کالہِ گگرِ بلہ ڈٕل
آبس ووٗٹھ لایان تہٕ ژھانٹہٕ ژھانٹھ کران چھِہ۔

محمد جمالن سوچ زِ أخرتہٕ چھُنہٕ وندٕ کالس آفتاب بلگلےٕ غأب آسان
گوٗمُت۔ یہ چھُ برابر تِتھے کٕنۍ زوتان آسان۔ یِتھہٕ کٕنۍ رہتہٕ کالہٕ زوتان آسان
چھُ۔ مگر یہ شکس لد اوبُر، ہیٖرۍ کٕنۍ سفید تہٕ بوٚنۍ کٕنۍ کرٕہُن۔ کرٕہُن شیطان۔
اَسہِ کأشرٕ ہِن ہندس نصیٖبس وندٕ کہِن شہِن رتٕن اَگادِ آسان گوٗمُت۔

محمد جمالن ترأو جہازٕ کہِ شیٖشہٕ دارِ کٕنۍ دُبارٕ نظر تہٕ اَتہِ باسیوس وسیٖع
آسمانس اندر پنُن پان بلکل موٗگل۔ نہٕ کُنہِ ٹھوٚر نہ کانہہ دیوار۔ نہ بنہٕ، نہ
سرحد۔ نہٕ ترتہٕ نہ سُہ زنگن ہُند رٮ۪ہہ۔ چھراتاپھ تہٕ تاپس ہیوٚ رگن أنہٕ خانہٕ
ہیوٗ ہ نیوٗل نب۔ سوٗرُے وُشُن۔ کاندرواٚنچ تازٕ ژوٹ ہیوٗ ہ۔ تِمِ کوٚ ڈٮ۪ بے حیأ لی
منزرٕ ہِن زنگن واش تہٕ ہیٚیہ ہاوونۍ سوکھسان ڈوکھ دیُن زِزورٕ گو دُب۔ زن

پھوٚٹ بنگولہٕ۔

دُب بوٚزِتھ گۍ تمام مسافر زنتہٕ ہَرٕنِند رِہُشار۔ بُتھن پھیر کھلیٚد رِ زھٹھ تہٕ لگی کھربکہٕ لد تیٖر ہن ہندی پاٹھی کن کھڑا اگری گری تالوس کُن وُچھنہٕ۔ صاف اوس باسان زِ جہاز چھُ ڈورٕ ژٹتھ گانٹہٕ برارِ ہندی پاٹھی اور تہٕ یور لاینہٕ یوان۔

'حضرات..........'

جہازٕ أندِ رموٚ سپیکروکوٚ راعلان۔

'سائنس جہازس سپز معموٗلی تکنکی خرأبی۔ اتھ گوا کھ پکھہٕ جام تاہم چھنہ گابرنچ کانہہ کتھ۔ أسی کرو یہ ٹھیک۔ سوارن چھُ استدعا زِ تم گنڈن کمر بند۔ بیٚیہ تھاون حوصلہٕ برقرار۔'

اما کوشچھ بوٚزِتھ کُس حوصلہٕ روزِ سوارن؟ تموٗتُل ہے۔ مردو دتی زنانن ہندی ہاٹھی بُتھہِ بُتھہِ تہٕ جہاز والوٚ وون بروٗنہہ کُن،

''تمام سوارن چھُ تاکید زِ سیٹن تلہٕ کنہِ محفوظ لایف جیکٹ رٹن اتھن کیتھ تہٕ گُنہ تہِ ایمرجنسی باپتھ کرن پنٕن پان تیار۔'

اَمہِ پتہٕ کیاہ سپُد سوارن تہٕ آسنہٕ محمد جمالس خبر۔ نہ بوٚ زُن پیٚتی وٗری گزرِتھ تہِ کانسہِ ہنز زیوِ۔ صرف اوُسس پیٚتے مولوٗم زِ جو مہ کہِ ہسپتالہٕ أندرٕ

پھمبہٕ دۄگل دۄردۄرتام وَہرأوِتھ چھِ۔ ڈٔچھِنۍ تہٕ کھوٗوٗری کو ہہ تیتاٚلی برابر

تِتھےٚ کٔنۍ چمکان۔ یتھ کٔنۍ رہتہٕ کالہِ ساٚرہسے کشیرِ چمکان آسان چھِ۔ اوبرٕ پیٹھ

گٔن اوسنہٕ باساٚنی زِوندٕ چھاکنہٕ رہتہٕ کول۔ ژٔوواپاٚری تاپھ۔ چھراتاپھ۔

تاپھ تہ تاپہ سوأے نہ ہیٚیہ کہنۍ۔ یہ تاپھ وٗچھتھ ژٔول تس وندُک سوٗرے

کشُن۔ متھ گوس زِوندٕ چھ یمہ سارِیے زچہ کڈٕ تہ نبسنگالا یہ جہاز چھِ دارِ کنۍ

ووٚٹھ۔ ژھانٹہٕ ژھانٹھ کرِیمن اوبرٕ دلون منز۔ یتھٕ کنۍ رہتہٕ کالہِ گگرِ بلہ ڈل

آبس ووٚٹھ لایان تہٕ ژھانٹہٕ ژھانٹھ کران چھٕ۔

محمد جمالن سوچ زِ أخرتہٕ چھُنہٕ وندٕ کالس آفتاب بلکلےٚ غاب آسان

گوٗمت۔ یہ چھُ برابر تِتھےٚ کٔنۍ زوتان آسان۔ یتھٕ کٔنۍ رہتہٕ کالہٕ زوتان آسان

چھُ۔ مگر یہ شکس لَد اوبرُ، ہیری کنۍ سفید تہٕ بۆنی کنۍ کرُہُن۔ کرُہُن شیطان۔

اَسہِ کاٚشرِ ہندس نصیبس وندٕ کہن شہن رتَن اَگادِ آسان گوٗمت۔

محمد جمالن ترأو جہازٕ کہِ شیشہٕ دارِ کنۍ دُبارٕ نظر تہٕ اَتہِ باسیوس وسیع

آسمانس اندر پنُن پان بلکل موگل۔ نہٕ گُنہِ ٹھۆر نہ کانہہ دیوار۔ نہ بنہٕ، نہ

سرحد۔ نہ ترتہٕ نہ سُہ زنگن ہُند ریہہ۔ چھراتاپھ تہٕ تاپس ہیوٚ رگٔن أنہٕ خانہٕ

ہیوٚ ہ نیٚول نب۔ سوٗرے وٗشُن۔ کاندرواچ تازٕ ژوٹ ہیوٚ ہ۔ تمِ کوٚ ڈبے حیاٚلی

منزرِ زنگن واش تہٕ ہیٚیہ ہاوونی سوکھ سان ڈوکھ دیُن زِزورٕ گو دُب۔ زن

پھوٗٹ بنگولہٕ۔

دُب بوٗذِتھ گۓ تمام مسافر زنتہٕ ہَرٕ ہند رِہشار۔ بُتھن پھیر کھلئید رِ

ژھٹھ تہٕ لگی کھر بکہٕ لد تیرٕ ہن ہندی پاٗٹھی کن کھڑا گری گری تالوس کُن

وُچھنہٕ۔ صاف اوس باسان زِ جہاز چھُ ڈورٕ ژٕٹتھ گانٹہٕ برارٕ ہندی پاٗٹھی اور تہٕ

یور لاینہٕ یوان۔

'حضرات..........'

جہازٕ أندِ رموٗ سپیکرو کوٗ ر اعلان۔

'سائنس جہاز س سپز معموٗلی ٹکنکی خرأبی۔ اتھ گوا کھ پکھہٕ جام تاہم

چھنہ گا برٕنچ کانہہٕ کتھ۔ أسی کرو یہ ٹھیک۔ سوارٕ ہن چھُ استدعا زِ تم گنڈن کمر

بند۔ بیٚیہ تھاون حوصلہٕ برقرار'۔

اما کو شیچھ بوٗ زِتھ کُس حوصلہٕ روزِ سوارٕ ہن؟ تموتُل ہے۔ مردودتی

زنانن ہندی پاٗٹھی بُتھہ بُتھہِ تہٕ جہاز والیو وون برونہہ کُن،

''تمام سوارٕ ہن چھُ تاکید زِ سیٹن تلہٕ کنہِ محفوٗظ لایف جیکٹ رٹن

اتھن کبتھ تہٕ کُنہِ تہٕ ایمرجنسی باپتھ کرن پنُن پان تیار'۔

اَمہِ پتہٕ کیاہ سپُد سوارٕ ہن تہٕ آسنہٕ محمد جمالس خبر۔ نہ بوٗ زُن پیتھ وٗری

گُزرِتھ تہِ کانٛسہِ ہنز زیوِ۔ صرف اوُسس یتے موٗلوٗم زِ جومہِ کہِ ہسپتالہٕ أندرٕ

ییلہِ چھُٹی دژ ہس ،ہسپتال نیٖرِ کنہِ اَکِس واریاہ نفر استادٕ ۔دفتری تہِ تہٕ پُلسہٕ وألی تہِ ۔ جہاز افسرن پلنوٗس نیران نیران پوشہٕ گوٚ ند تہٕ چندٕ أندرٕ موہر بند لفافہٕ پلناوان ووتھُس ،

"THIS IS COMPENSATION FOR THE INCONVINIENCE"

یہ اَس وُہن ساسن روپین ہنز چیک محمد جمالنہِ ناوٕ ۔

یہ واقعہٕ یاد ہیتھ کوٚ ڈُمی گُل ڈبہٕ أندرٕ تمأ کی کاکُد ۔تتھ کجن دوٕ یود ویاتھو پھُٹہٕ ۔او پتہٕ کورنس تاہ ۔تاہ کرِتھ ژوٗٹن تہٕ ووٗٹن تمہِ اَنہٕ مانہٕ زاتھ بنوٕ کاغذٕ و جہازٕ ۔جہازٕ بنأوِتھ کڈِن کانگرِ أندرٕ لو برنارٕ تیوٚ نگل ۔تمہ ترأوی نس پیٹھ ۔

تمأ کی کاکدس ییلہِ تیوٚ نگلن ہُند تاو ییتھ دُہہ ہیوٗتن ووتھن ،محمد جمالن تُل سُہ آہستہٕ پأٹھی تہٕ تروٗن دارِ کنی بون ۔بون ترأوِتھ گنڈنس مُدے یوتام سُہ آنگنس نزدیک ووت ۔نزدیک واتنہٕ بروٚنٹھے کھییہ ہوأیی جب زن لر ۔نارٕ تیوٚ نگل آے ژھُن کھوٗرلاینہٕ تہٕ تمأ کی کاکُد ووت ییران ییران یندرٕ دوسہِ اپورٕ تہٕ بیوٚٹھ دیوارس اپارِ کنہِ گولاب تھرِ پیٹھ قرارٕ ۔تھرِ پیٹھ واتتھ گودُہہ ووتھن تہِ بند۔

محمد جمالس پھوٗل ژُھن پیٹھ اُسن ۔تُمی ترأوکانی پورس اَرٕ وٗرنظر

۔کأنی ہُند یہ پوراوس تمۍ جومہِ پٹھہٕ واپس یتھ کمہٕ کأڈۍ کھارٕ نو وُمت ۔

'جہازٕ نےَ لرکھییہ ہا'، تمۍ وون پانہٕ سےٕ ستۍ 'یا اگر بہ بسہِ منز جوٚم توٚ رمُت آسہٕ ہا، یہ پور کتہِ آسہِ ہا'۔

'شُکر میانہِ خودایہِ۔ بوڈ سوٚب ساز چھُکھ'۔

یِی ونان پلہٕ نوٚوُن ریڈیوہس کُن اتھہٕ تہٕ پھرُن تتھ سُچ ۔ سُچ بند کرِتھ ووٚنُن ماجہِ، 'بدل چایہ پیالہٕ دِکھے؟ ملایہِ رَژھ ترأوتھس ژٕرے پہن'۔

...

دویمس بُلٹنس منز یوسہٕ خبر آیہ، تتھ اوس گوڈنکہِ بُلٹنہٕ کھوتہٕ یہ جُملہٕ علاوٕ۔

'سرکارن چھُ اعلان کورمُت زِ ہرگاہ مرن والین ہندی رشتہٕ داریا وأرث درأخری رسوٚمن منز شِرکتھ کرٕنی یژھن، تمن یِیہ وبلا یتھ تام آوٚن جاون تہٕ کھین خوردن دِنہٕ'۔

یہ خبر ییلہِ دومۍ دَرکاتھجو ہند گرِ بوٚزِ کھ، مورِ وانس پیٹھ لجہِ ژووأپأری سوٚسرِ گوٚسرِ۔

امرناتھ اوس دومۍ درس گوڈنیک سنتستان تہٕ سور گہِ وأسی سریندر ناتھن زیٹھ بوے۔ توے موجوٚب اوس اَرن دٕتی ہُند اصرار زِ تو ہندُ ے

برتھا گژھِ ہوٲیی جہازس کیتھ وِلایتھ تہٕ دِیہ پنہٕ نوٚ اَتھو سریندرنس شوس داہ۔ آخرتہٕ چھُ امرناتھے مرن وأرلس زیٹھ بوٗے، یہ ڈٲپ زِتہٕ مألس بجا تہٕ تسی شوٗبہِ توٚ ہند کریا کرم کرُن۔

اتھ مقابلہٕ أس بنسی لائنز بأریا أکھ سہٕ أکھ سہٕ ونان زِ پاسپورٹ فارمس منز یتھ جایہِ وأرث درسُند ناو لیکھُن چھُ آسان، تتھ جایہ چھُ تمہِ وِز بنسی لال نہٕ دستخط کورمُت۔ اصوٗلی طور واتہِ تمہِ نہٕ دون بأژن سکھر کرٕنی۔

مگر دومہٕ درنہِ لوکچہ ہشہِ نوشہِ رانی جی ہُند اوس بدل خیال۔ سوٲس ونان، 'کریا کرٕم تہِ گوپوزٕے دپھ وِلایتس اندریُس تہِ انگریز یا امریکن سانہِ اَرن ڈٲتی مَل کُت ترٕنگہٕ تہٕ، گلٹھ گرِتھ ڈیجہِ ہوٚرنالکی وُچھِ، سُہ کیاہ وَنہِ۔ أمس نہٕ تگان ٹانکس کیتھ أمراکدل کھسُن۔ لوٗکھ ژھنن ناتھوکہٕ زِلالہٕ صأبس اوسناگرس اندراکھ انگریزی خاندِ تہِ۔ بنسی لالس تٔج نہٕ تمہِ دوہہ جوٚم باپتھ ٹورسٹ سینٹرٕ ٹکٹ کرٕنی۔ اَماتورکوٗت سناواتہِ أہنز یہ مڈل پاس زنانہٕ'۔

اتھ سأرسے برعکس خیال اوس تنسی جی ہندبن وأروبن ہُند تہٕ تی زأنتھ اوس تموسارِوے بروٚنہہ امرناتھُن زامتُر یعنی پنُن نیچُو سکھراوُن تہِ ہیوٚتمُت۔ سارِوے کھوتہٕ أس سریندرس پنہٕ نی۔ کوٗر، بی اے پاس، ٹوٗرِ

زمس منز سیکشن افسر یو، کنی تس انگریزن تہٕ انگریز باین ستی کھلہٕ ڈلہٕ پاٹھی کتھ باتھ آس کرٕنی تگان۔ تس اوس ہشہٕ تہٕ زٲموا وترٕپتھے پندی کوٗ ڈمت زِ پوشہِ نہٕ کھاندرٕ باپتھ یُس سامانُک لِسٹ تمو بنوو، سُہ تھاوی زِ وارٕ۔ رأچھ کری زبس۔ روپیس زتووٕ ہ ساس یم امہِ سامانہٕ باپتھ حوالہٕ کری ہے، تمہ تھاونہٕ باپتھ بناوی زِ پیٹی کوٹھس أندری کنی چندٕ۔ روشن لالُن ایڈرس تھوی زٕ زھرِ تھ۔ تس وٕنی زبھوشنس کیٚت یُتھ وِتیُتھ سوٗٹ ضرور سوزُن۔ تہنز ماجہِ اوٗم جیرٕ۔ زن ہیکی نہٕ بھوشنہٕ بُسہٕ ولأتی سوٗٹہٕ ورأے ہوٗر گرٕ دستھ۔ از تام کمی ژھونڈ امریکن سوٗٹ مہرازس لاگنہٕ باپتھ۔ تراہہ تراہہ۔ تریش کأژاہ چھکھ'۔

یہ اوس ننسی جی پننہِ ہشہِ وونمت۔ ستی اوسنس باند باندتہِ کورمت زِ یُتھ نہ بی یمہٕ کتھٕ پننہٕ نس برتھا ہس وَنکھ۔ لوکہِ ہنہِ گرشسم پتہٕ بڈٕ ہن'۔

دپھ ارن دٲتی آس یہ سوٗرے تاڈان۔ سبز رتہِ ہے تہٕ کوتاہ۔ تس گیٚو وتمی وِقتہٕ شکھ یلہِ رانی کھوس کڈنہٕ کہِ بہانہٕ ووٹ وژھایہِ تہٕ تورٕ اَدٕ پہر گرٕ ھتھ تہِ واپس گھرٕ شنہٕ۔

'بلایہٕ لُجس مُنس'، ارن دٲتی وون پانہٕ سے ستی،

' آکاش چھے۔ کنس تل ؤنہٕ نَم شیچھ زِرانی چھے ماجہِ ستی ووٹہٕ بٕہتھ لوٚت لوٚت کتھٕ کران۔ اَکھتے چھکھ ٹھوبہٕ تہِ کوٹھس ستی کوٹھ رلأ وِتھ۔ کیاہ

گوم، کیاہ گوم، جودزَن چھُس اَمہِ زنانہِ کورمُت'۔

موردس داہ دِنہٕ کہِ بہانہٕ اوس وہلا یتھ گژھنہٕ باپتھ سریندرُن' ہوٗ ری دورتہِ الگےٚ سیاست لڑاوان۔ مگر کھُلہٕ پأٹھی أسی نہٕ اظہار ہکان گٔرِتھ تِکیازِ زامُتر اوسُکھ موٗدمُت۔ توتہِ أسی مردمردٕ پأٹھی تہٕ زنانہٕ زنانہٕ پأٹھی لوٗکن برونہہ کنہِ رٕتھ، رسم تہٕ مُریاداپھُکاوان۔

أخرس ییلہِ ارن ژتی جان منَس پیٹھ آو۔ تمہِ ژھٔٹ باکھ۔ روٗن موکھہٕ رٔٹتھ وونُن سارِنے أشناوَن،

'بنووتھم باتھ تہِ تماشہِ۔ تراہہ تراہہ میانہِ بھگوانہٕ یتھ کونہ وسان ترٹہٕ۔ ہاسُر یندرو۔ وولا مہابھارت ہاووتھے گرِ'۔

ارن ژتی لأج گاڑٕ ہانزنی۔ ودان ودان دِژ تمہِ تیژٕ کتھٕ أشناون زِ أکس تہِ پھوٚرنہ دِٕ۔ سریندرٕنی ہوٗری درائے گوڈَے۔ ننسی گیہِ پریشان۔ بچأرٕ پرمژٕ لیچھ ہژ أس، رپنٹھ تہِ ماتگہِ ہبس لائگنہٕ۔ کأنسی ییلہِ نہٕ کہنی توگ، زنانوسوٗزاکہِ اکہِ پنہٕ نین مردَن شیچھ تہٕ درائے سأری دُہی لدگگرِہی۔

...

شامن بأگی ییلہِ ٹیلی وِجنس پیٹھ حادِثس منزٕ مرَن والین ہندی فوٹوہاوِکھ، أکس مرَن وألی سنز شکل کڈرسول کھأنڈٕنی گلی وَنہِ۔ تمی لوگ فوٹووٕ چھتھ شور۔

'اَلاٰے یہ زانن بہٕ !! یہ اوس مےٚ ستۍ پران'۔

تمۍ وون ژرِ پوٚپ کران تہٕ کٹھس اندر ہتھ اَکۍ سےٚ اَکۍ سےٚ نفرس لجہِ اَچھ ٹیلی وِجنس کُن درس۔ تمن بڈ یہ یہ خبرٕ ستۍ دلچسپی۔ اتھ پٹھ یُس فوٹو اوس، سُہ اوس اَکس لڑکہٕ سُند۔ وآنسہِ کنۍ اوس سُہ گلی سےٚ سوٚمب مگر زُو زہتہٕ کنۍ تھندِ کھوتہٕ کوتاہ بوٚڈ باسان۔ عاَن تہٕ غاَن انگریز۔ مستس پھٹلہٕ لہٕ۔ تتھ پٹھ کیاہ زَبر کنگنی۔ ہٹس گنڈِتھ نِک ٹے'۔

رٔحم دیٚدِ کوٚر یہ لڑکہٕ خوش۔ کیاہ زَبر شکل اَسِس۔ تمہِ کوٚر رٔیندرس کرۍچم بندتہٕ لٔج اتھ شکلہِ کُن تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ۔

'کہو چھُکھ افراسیأبی ونان؟'

تس ہیٹھ نہٕ پزٕ ھے۔ کُجا گُل تہٕ کتہِ یہ صحب زادٕ۔ توتہِ کوٚرُن سوال،

'کتہِ کوٚچھُ یہ لڑکہٕ؟'

'یہ ہے چھُے سُہ مجہِ............مجہٕ مارکر............اَمی اَنہٕ نوو نامےٚ تمہِ دوہہ مول سکوٗل۔ ہیڈ ماشٹرس اتھِ دیوونم مار'۔

'اَدِیو ہے چھاسُہ............گرٕھ دِتُم چانہٕ بلایہٕ'۔

رٔحم دیٚدِ بدلیوو موٗڈ۔ تس کھوٚر یہ لڑکہٕ تس پیوو اَز برونہہ کینہہ وٗری گٔد ریوٗمت واقہٕ یاد۔

گُل تہٕ مجہِ مارکرأسی تٔمن دوٕہن سینٹرل سکوٗلہٕ أکی سےٚ کلاسس

پران۔ أتھی اندر بدلوٗو کھ ڈرِل ماسٹر جانکی ناتھ تہٕ تٔہنز جایہِ آو غلام قادر شیخ

۔سُہ اوس رٹایرڈ فوجی تہٕ توٚکنی ڈِسپلنگ سخ پابند۔ مزازٕ کنی اوس تیز تہٕ۔

دوٚہی دوٕہس اوس کٕتھ لاے گتھ پانہٕ تہٕ لیفٹ رایٹ کران آسان تہٕ لٔڑکن تہِ

تھاوان نٔنس تاپس منز گنٹہٕ وادَن کھڑا۔ گرامارٕچ پاس تہٕ گرابیٚہ گُنہٕ بہانہ۔

دوٕہہ اکہ کڈنووُکھ ہیڈ ماشٹرس اتھہِ آڈر زِ تمام لڑکہٕ گژھن پگہکہِ پیٹھہٕ ووزلہ

رِنگک بلٹ لاے گتھ سکوٗل یِنۍ۔ نوِ رہتہٕ نہٕ ژوٗرمہِ تأریخہ اوس تمام سکوٗلن

ہندٕ بچن سٹیڈیم واتُن یِیہٕ تٔمن کتھ تام بُڈس فنکشنس منز شرکتھ کرٕنی أس

۔چونکہِ وردی أس سارنے مدرسن ہندٕ شُرٕ ہِشی آسان، اِ سبہٕ اوس

غلام قأدرُن تجویز زِ ہجومس منز پننہِ سکوٗلکی لڑکہٕ identify کرنہٕ باپتھ گژھہِ

تمن ووزُل بلٹ گٔنڈتھ آسُن ۔ یہ تجویز آو ہیڈ ماشٹرس ستی ستی باقی سٹاف

ممبرن تہٕ پسند۔ چنانچہِ دراو فوری طور آڈر۔ حالانکہِ سٹیڈیمس فنکشنس أسی

وُنہ ییمہِ رٕتنۍ ستھ تہٕ نوِ رٕتنۍ ترے یعنی برابر داہ دوہ اماپوٚز غلام قأدرن لاج

دوٕیمہِ دوٕہہ صبح پیٹھے لڑکن ٹلکی۔ سکوٗل اژنُے اوس سُہ پریرٕ پتہٕ لٔڑکن

أکتھ کُن کھڑا کران تہٕ بلٹ نہٕ آسنس پیٹھ کینگ کران۔ گُلی کھیوٚ وگوڈٕ

أکس دون دوٕہن ژھوپہ کٔرتھ مار۔ تس آس خبر زِ ماٗلس آسہِ تنخاہ ترنے تہٕ

لس ہر گاہ بلۂ باپتھ پأنسہٕ منگو، سُہ وولہِ، یِیتہِ کیا کھل چھمہٕ۔

مگر ییلہِ چوب کھیٚنٛز لس دوہ دِشک معموٗل بنیوٚ، تٔمۍ لوگ گرس اندر رَڈٕ۔

مائلۍ وون اَکی کتھِ، سانکرأ ژ دوہ شامن ہکہٕ بٔ بلٹ دیأ وِتھ۔ تمہِ برونٛٹھہٕ

ہرِ گز تلکیا زِ گرس اندر چھِ باقی تہِ خرچہٕ۔

تمۍ وون خاندارنہِ ''گُلِس اگر پرنُے چھُ تہٕ بلٹہٕ ورأے تہِ ہیٚکہ

پرنہٕ ییتھ۔ بہتر گوٚو ہر گاہ سُلہٕ گری کُنہِ کارس زنگ تراوِ۔ وَنکھ ہے تہٕ اسد

کوأ ڈِس ستی کرِ بہٕ کتھ۔ ماہہٕ رٔکُن سُہ ٹھنگنہٕ چھُ تتہِ تموکھ برنس تہٕ خریدارن

ہند بن سایکلن پھٔش دِنس پیٹھ۔ اِدِ توتہِ چھُ دوہ بٔرِتھ شامس وُہ ڈبل گرِ

ژانان۔ دود تہٕ ژوچہٕ گوأسی تھٕے، کُنہِ کُنہِ چھِ تم سیٚن تہِ تہٕندی نٕے پونسن

اَنان۔ أکیا اوترٕے بدلأ وِکھ دانہٕ کھٹِس وَگوٕی''۔

اکہِ طرفہٕ موٗل تہٕ دویمہٕ پأری ڈرِل ماشٹر۔ گُل سپُد گیر۔ سکوٗل

والہٕ وُنے کیٚنِنگ تہٕ شامن گرِ وأتتھ مأِلس ماجہٕ ہنز پانہٕ وأنی مجادلہٕ

بأزی۔ گُلس چھایوٗرِ لاگُن کِنہٕ یہٕ ہیٚکہِ اورٕے کمأوِتھ دِتھ۔ گُل گوٚو لاچارتہٕ

تمۍ نیوٚ مجہِ مارکرس بلٹ تہندی گرِ منز ژورِ کڈِتھ۔ دَپھ ژوٗرِ کٔرِتھ تہِ لوگُن

یوت دید دورِ زِ دوٚیمی دوہ آولوٚ کہٕ ہُند بلٹ لأ گِتھ سکوٗل۔

پگاہ کیٚت آومجہٕ مارکرُن موٗل ڈپٹی عزیز دین سکوٗل۔ تمۍ اَنہٕ نوٚو گُل نادِتھ

۔سہٕ کھولنوٗن بلٹ تہٕ ہیڈ ماشٹرس ستی انگریزی کران دراوسہٕ ٹے گلوان واپس۔

اَمی ساتہٕ دراو آڈرتہٕ گُل کوٚ رُکھ سکوٗلہٕ منز خارِج۔ رٔحم دیدِ کریوٗ۔ تاہ زِ رسول کھانٛڈ گرِٹھ ہیڈ ماشٹرس پانہٕ۔ تس کرِ زار پارٕ۔ دپھ تس اوس ہتھے، کوٚ بس لتھ دوا، تمی لوٗگ ہُپ تہٕ دُپ۔

چھیکرس سپٔد یہ زِ مأ لی زیوٚن۔ پہلاہس پٔٹھ کھوٚت سُہ اسد کواڈِنس وانس پٔٹھ۔ چونکہ خریدارن ہُند ناوتہٕ گاڈِ نمبر بیترِ اوس ُسُس لیکھُن تگان، گُلِس لوٚگ تنخاہ۔

ازگیہِ ووٚنی گرٕ ٔ ری۔ رسول کھانٛڈس زَن ژایہِ تمی دوہہ شامس گرس اندر دِوتھ موج۔ییلہ تمی اَسد کوا ڈس نش گُلیٖن گوڈنیک تنخاہ روٹ۔ تمی بدلاوی کٹھن پٔٹھے بانہٕ وَگوٕر۔ اَوپتہٕ لاٚ رُکن دارٕبن شیشہٕ۔ توپتہٕ سماوارتہٕ تھوی ستی تراِ مو جیر۔ سہٕ اوس نہٕ ووٚنی گُل وُچھتھ نس تالہ پٔٹھ کھالان بلکہ اوس تس بہنہ باپتھ جاے شیران تہٕ ہتہ سا گرتھ کتھ تہٕ کران۔

دَپھ یوٚت گرِتھ تہٕ آس رٔحم دید اَن گتھ رِنس نسبت ونان زِ موصوٗم شُر لوگنم بیگارِ۔ نار لوگیہِ چانس آسنس تہٕ سُہ اوس گُنزنس کران۔ رٔحم دید ہرگاہ کوتادتہِ وَنہٕ ہا، تس اوس نہٕ شرارتھ کھسان۔ تہٕ ازییلہِ مجہٕ مارکرُن تصویرتمہِ ٹی وی سکرینس پٔٹھ وُچھ۔ زَن لِجس ریہہ،

'گرٛ ھ دِتُم چانہٕ بلایہٕ'۔ تمہٕ وون گلُس۔

خبر کیاز آیہٕ اَمی وزِ رسول کھاَنڈس ننٛت۔ سُہ گوٚتھوٚ دتھوٚ دوٗتھتھ،

'بلایہٕ کتھ دِہَن۔ یہٕ بچورلوٚگ لوٚکہٕ ہنز بلایہٕ۔ جہاز پوٚ ووٗسرتہٕ تیٚ موٗد'۔

'توتہٕ کیاہ کھیوس ماٚلی ماجہٕ؟' زُحم دیٚدِ اوس مجہٕ مار کرہنٛدس ماٚلی سُند

زیادے پہن تیلان، 'مےٚ کرنووٗن نچوٗ خراب۔ ژکہٕ آسہٕ ہاشکس لدٕ ے'۔

تمہٕ وون اکی کتھہٕ۔

'شکس لد کھسیا ہوآیی جہازس؟'۔

روٗسُلی دِژ بڈٕ کرٕکھ۔

'کھسی تن۔ لاریوس کیاہ آخر؟' تمہٕ وون ننٛتھ ہاوان۔

'دپان چھکھ لاریوس کیاہ؟'' روٗسُلی لوگ اونٛگجن پپٹھ حساب کرُن۔

'ژور لچھ روپیہٕ نقد۔ کشیر پپٹھہٕ ولاتھ تام ہوآیی جہازس مُفت

سوآری۔ ہوٹل۔ سینما۔ چکر۔۔ سأل۔ سمندر .......... سڑکہٕ ..........

'ونان ونان تھدییہٕ تس آواز۔ تمی کورٕ بڈٕ وآے میانہٕ خودایہٕ ..........!!'،

تیوٗ تاہ بڈٕ کوٗرُن زِگلُس پھٹ کاٚر۔ بیمہٕ ستیٚ ژھُن تمی کوٹھن اندر

کلہٕ تہٕ پھرِ نہٕ تٔلی لوٚگ ییز ارزِس اندر سوزٕ ے تلہٕ پوٚدژوٗ رِتھاونہٕ۔

وٗ ےٚ لئے گئے کئے ئٔ ئٔ ، ئٔ

# بُتھِ لار پتہٕ چھمب

سلام خانس وولُکھ مکانہٕ۔

دپان سیمٹھ سلیب دار پوٚختہٕ مکانس گوٚنڈ ہس ژورن کوٚنن بورُد۔

ٹاس گویوٚت تھدِ زِ ڈاے کرٕ ہ زیچھِ وُڈٕراَپارِ گو مکانن الہٕ۔

تالون گوٚو کرٕ چ تہٕ دارِ برلگی چھانچہ پوٚتلی پاٚٹھی وزنہِ۔

'ہے یہ کیاہ سا گوٚو!!'

'شاید چھُ جہاز'

'مگر جہازس آسہِ ہا انجُنگ تہِ شور!!'

'تیلہِ گو گرنیڈ'

'گرنیڈس تہِ کتہِ چھےٚ یِیٖژ تھٕز آواز'

'تیلہِ چھےٚ بدل کتھ۔'

یہ دون کٕمی تام تہٕ یہٕ توٚر بوزن والو منزٕ گژن تام نفرنےٕ فکرِ۔ یمن فکرِ توٚر تمن بدلیو بُتھن رنگ تہٕ اُس گاٚکھ خوشِکھ۔

'خدایا سہل!!!'

سلام خانس وولُکھ مکانہٕ۔

بوزن والبوٚ بوٚ زتہٕ کوٚ رُکھ شکر زِفل حال بچیہِ أسی بلا یہ تلہٕ۔

'ہے تہٕر ہسا ترأوی زبو حضرت سیّد سند استانہٕ'۔ یہ آواز أس غفار بأنگی ہنز۔

'آیہ وأنس تہٕ گیہِ کاندرس۔ ازٕ گرد سگیرن نٔی یأری'۔ یہ کتھ بوزتھ ترأوساروی ونن وألس کُن نظر مگر پھیار ترأوتھ گوٚ وتس پننہِ غلطی ہُند احساس تہٕ ووزلیوس بُتھ۔

'کرٕ سا أسی؟'

'تہِ چھاسا خبر۔ شامن بوزو ریڈیو'

'اَہن ساتہٕ نتہٕ لُس کارچھُ ووٚنی'

'سأنی کأم گیہ صرف بوزُن۔ وُن نہ کہنی۔ ہُم ین تہٕ کرُن دِیس سر۔ یم ین تہٕ کرُن آس جناب'۔

'ہے۔ بہٕ زن ونہ ہا کتھ۔ یہ چھا ضروری زِ ہُم روزن تو تام اَرداہ فٹ تھزِ قلا یہ أندری شونگتھ یوتام یم ین تہٕ سدن زبردستی کأنسہِ ہندس گرس۔ پتہٕ ین ہُم تہٕ وُڈاون بورٕ دِستی لوٚکہ ہُند مکانہٕ۔

'بابا۔ کھنے سا کتھ۔ یہ لگہِ نہٕ وُن'۔

'پوٗ زہایارٕ چھےٚ ونان۔ ژٕ کتھ اَس تھوپ دوان ؟'

'ہتایارٕ۔ ہرگاہ جوٗرتھ چھےٚ یا پان کھران چھےٚ ،' ژھتہٕ ونتھ کھور ٹھیکراَوتھ ،'رات کو روندس نکلا کرو، ہر گھر کے آگے بنگر بناڈالو۔خود دیکھو کدھر سے آیا۔ ہم کون ہوتا ہے اُن کو روکنے والا۔اُن کے پاس بھی بندوق ۔تم کے پاس بھی بندوق '۔

سلام خانس وولُکھ مکانہ۔

سلام خان اوس نہٕ دوہے چھتیس۔منز شہرس اوُسس ماَلی میراث ، ییٚتہٕ لوکچارٕ کرٕ وٗہؤری زِٹھس باَیس ماَلی نظرِ وٗچھان کٔڈن۔تنخاہ رٔٹتھ اَنہٕ ہاتہٕ باَے کاکنہٕ کرِ ہا حوالہٕ۔اکہِ دوہ تورنہٕ لتس فکری زِ کیاہ گوٚو، کُنی کتھہِ وَوتھُس زیٹھُ بوے، 'پنداہ شتھ چھی دِتی مٔتی تہٕ ارداہ شتھ چھی خرچہٕ۔ پتھ گوٚو مکانہ تتھ پٹھ چھَکھ بیٚنہٕ نکھٕ واَجمٔژ۔ یہ گوٚے پرچہِ تہٕ باقی چھےٚ مرضی'۔

یہ مسلہٕ ییلہِ تٔمی پنہٕ نٮ۪ن دگدارن برونہہ کنہِ ترٕوو، ساَری وٗتھس اَکی کتھِ ،'گوٚ برا۔ ازتہِ چھےٚ چھوٚنے نیٖرِن تہٕ پگاہ تہِ۔ ووں گواز چھکھ جوان تہٕ پگاہ آسکھ بُڈ۔از چھےٚ اکھ ہن تہٕ پگاہ آسنے بیٚیہ تہٕ شُری'۔

حسبِ حساب پیوٚ وتس بُڈی بب سُند مکانہٕ تراوُن پُشہِ تہِ سورُے یتھ گرو یٹھ ونان چھِ۔ یتھ کنٕ دراوسہ تیوٚ تے سوگاٹھ ہیتھ یہ تٔہنز زنانہِ سونہ

رٔنگی تہٕ ترامہٕ رٔنگی پٔنہٕ مالنہٕ اونمت اوس۔

سلام خانُن گُف اوس زِ کورِ گرِژھ سونہٕ روپہٕ رٔنگی مالنیُک کینژھا آسنے۔یہ پھُ اَٹھِ نتہٕ شیٖٹھِ بکاریوان۔

یہ چھُ سُہ زمانہٕ ییلہِ وُہن روپین سیمٔٹھ بہری، شیٖٹھن پونسن ڈبل سیرِ تہٕ پانژٕ ترٕہ روپیہِ چھانس ڈسلس دوہ مزوٗری آس۔

سلام خانُن بیاکھ گُف اوس زِ سرکاری ملازمس چھِ زٕ چیز خدأیی عنایت۔ اکھ گوٗری پتہٕ انکریمنٹ تہٕ بیٚیہ رہتہٕ پاٹھی جی پی فنڈ۔

سلام خان گوٗری پتہٕ وٗری انکریمنٹ رٹان تہٕ سہٕ جی پی فنڈس تراوان یوٗ تام داہ وٗری گے۔ یمے داہ وٗری گیہِ تس وانٛجِ وآرس اندر پرانئن زچن پچہِ پھیرِ کران تہٕ سنٛ مہمیہ سوژل کھوان۔ تٔمی گر وانٛجہٕ وآرسہٕ اندر پیٚژ صورت زِمأنی میراثہٕ دوٗ رہیٚژن لرِ پاورِس کرٕ پُرن یتھ پتہٕ زٕ وٗری زمین وآلس ستی حساب موکلاونس تہٕ مزید باہ وٗری گٔن دِنس تہٕ لبہٕ ژوک کھارنس لگی۔ پرُس اوسُن اتھ پورس پیٚش تُلتھ تالوٕ چہِ جایہِ سیمٔٹھ سلیب تروومُت۔ چونکہِ لِکر درایہِ تالوس تہٕ وونی اوسس یہُس دویمہِ پورچہِ لبہٕ کھارنُک پروگرام۔

آنگنس اندراوس چھان پرانہٕ لٔکرِ دویمہِ پورچہِ چار چوبہٕ گران تہٕ

سلام خانن اُس پننہِ زنانہِ ہندی تاریف کران زیٹھ لنٹ وہراوِمژ۔

گرِ واجتی اَس تریشہِ جگ تہٕ گلاسہٕ ہتھ اندر ژاژ تہٕ سلام خان اوس ونان،

'بابہِ کیاہ ونے اوہند دل۔ واتِنگ وارس اندر پُرن مٔلی ہنگ خیال

آو گوڈٕ اَمی سےٕ۔ امہِ اون سورُے جاداد۔ سُہ تھوُن مےٚ برونہہ کنہَ تہٕ

وٕژھم، 'ڈبن اندر تھاوِتھ یہ سون کُس چھُ وُچھان۔ یہ پھر کاوتہٕ تُل قدم'۔

سلام خانن وون، 'مےٚ گیہِ ہمتھ۔ اتھ آیہ داہ درداہ دیارِ۔ مےٚ تہِ

اوس دہن وٕرین ہُند جی پی فنڈ تہٕ سُہ رلاوِتھ ہیٚژم یہ پُرن'۔

'یی حض چھِ ساری کران'۔ یہ وون وٕستن۔ شاید کھوٚت نہٕ تس فکرِ۔

'کران ہسا آسن'۔ سلام خانن وون کتھ ژٹان،

'بیٚا کھڈٕ لیل بوز۔ پانژھ وٕری برونہہ اوس اَمس مالنٕن کھاندر۔

یہ اُنِ مےٚ مگر زِ کھاندر چھُ تہٕ ژھری گلی ہتھ کیاہ بہمہٕ بہٕ تتہِ۔ نہ چھُم نالی

کینہہ تہٕ نہ کنٕن'۔

خبر نہ کیاز ترا وِوٕستن تۄرِ پتھر تہٕ لۄگ اتھ زِ وۄٹھ سلام خانٕنی کتھ بوزنہِ۔

'مےٚ گوتر دُد تہٕ کۄڈُم جی پی فنڈ۔ یہ کینژھا پرٕ اوس تہِ کۄرُم اورِ

یورتہٕ گری مس پوٚنسہِ حوالہٕ۔ یہ کھٔرٕ سونز وانس تہٕ کۄرن سون پسند۔ امہِ پتہٕ

کرنوُن سُہ پیک تہِ۔ تیار اوس زِ بہٕ پلناوِ ہاسونزس پوٚنسہِ زِ اَمس آو خیال تہٕ

وۄنُن مےٚ کنس تل،

'اکھ منٹ وسکھ نابون۔'

'مےٚ زِ خبر کیاہ چھُس وَنُن۔ سڑکہِ پیٹھ وأتِتھ چھسم ونان،

'بوز کھ نامیائِ کتھ۔ کھاندر چھُ اکھ دوہ آسان۔ یہ سون روز ِتو تہِ

ڈبس منز بند۔ مےٚ باسان أسی ترا او ومکانس بیا کھ پور۔ شُری تہِ چھِ بڈان۔

پگاہ آسہِ یمن تہِ کھاندر تہٕ یہ کتہِ تھاوکھ نوشہِ تہٕ کتہِ بہمہٕ پانہٕ'۔

یہ بوٗزِتھ تجہِ ووستن احترام چہِ نظرِ سلام خان نہِ گرواجنہِ گُن یوسہٕ

امہِ وِزِ چایہِ ساوار ہیتھ درواز أس نیران۔

شام ہیوٚتُن واتُن تہٕ ووستن ووٹ سامانہٕ۔

'کیا سا چھُٹی؟' سلام خانن کوٚر راسان اسان سوال۔

'اہن حض شےٚ ہے بچیہٕ'۔

سلام خانن دِژ پننہِ مرژھِ گرِ گُن نظر تہٕ وچھن پانژِ منٛزِ پیٛٹھی آسہٕ شےٚ۔

تس پھوٗرنہٕ کہنی۔ البتہٕ لوٚگ سوچنہِ زِ یمن کأری گرن گُس ہاتھی چھُ ژینہٕ وَن

دوان زِبتہٕ کھنُک، چاے چینُگ یا کأم بند کرنُک وقت ہسا ووت۔ اکھ ذرٕ

چھنہٕ یہندس اندازس فرق آسان۔

بہر حال دراوسہٕ سلاما لیکُم کران برونٛھی مہِ برنہِ۔ سہٕ آسہِ ہاوُنہِ کوچہِ

سے منز زِ پٔتی مہِ طرفہٕ چھِ آنگن برنہِ گولو تہِ ٹھُک۔

سلام خانن وون خاندارنہِ زدرواز کھول۔ یہ آسی صاحب زاد ٕ کرکٹ سامانہٕ ہیتھ پکان۔ دوہس تہ راتس چھُکھ اُتھی کرکٹس کُن'۔

سوٕ ژھ جلدی زِ ژیرِ ہے لاگہٕ تہٕ یہ وَنہِ بیٚیہ تہِ خبر کیاہ۔

اما پوٚز درواز مُژ راُوتھ یہ کینژھا لس نظرِ گوٚو، تہِ وُچھتھ ڈٲلی تس ہوش۔ بُتھس پھیرٕس لیٚد رِژھٹھ تہٕ زبان گیس خوشکھ۔

دروازس تل أسی جوان جوراہ کھڑا ایم ہیٚر بونہٕ جنگی ہتھیار روٕستی وٲلتھ أسی۔ جوانن پیٚیہ سلام خانس کُن نظر تہٕ آنگن برن پورٕ مُژ راُوتھ ٲرکھ خانہٕ بابے اوک طرف تہٕ آے سلام خانس برونہہ کُن۔

'السلام علیکم خان۔ہم آپ کے یہاں ایک دات کے مہمان بن کر آئے ہیں'۔

سلام خانس پھوٚ رنہٕ کہنہٕ۔زن پھسیوس ہری گوگلس کوٚنڈ، نرہن زنگن وژھس تھرتھرٕ۔

'ارے! آپ کیوں کانپ رہے ہیں۔ ماشاء اللہ آپ مسلمان ہیں'۔

یِی ونان کھٔتی تم براندس تہٕ ژاے ڈٕچھنہِ طرفہٕ کس کمرس منز۔اتھ کمرس آسہٕ دو یوطرفو دارٕ۔

یہ زن گیہِ ہنگہٕ منگہٕ ترٹھ نازِل۔ خانہٕ بابہٕ روٗ دنہٕ یہ تہِ خیال زِ آنگن

برپھرِ ہاپتھ گُن ۔ سوٚ آیہِ سیوٚ دُ ے تہٕ کمرس اندر اٚژِتھ ترووٗن اٚکِس جوانس کھورن تل کلہ تہٕ ژھچِن باکہٕ ۔

'ہتہٕ بادسگیر اونموو سیلہٕ!!!''

جوان گوحاٚران تہٕ خانہٕ بایہِ نش دٔ رژلان ووتھ سہٕ سلام خانس گُن یُس دروازس تل بچور ہیوٚہ کھڑا اوس۔

'چاچا ۔ ماں جی کیا کہہ رہی ہیں؟ ہم ان کی زبان نہیں سمجھتے۔ انہیں لے جاؤ'۔

سلام خانن تُج یہ ونان خانہٕ دارِینٛ تھوٚد،

'یم نہ بی چھِ کاٚشرِ ۔ یمن تری نہٕ کوٚشُر فکرِ ۔ ووتھ تھوٚ دیم چھِ اجہلی ۔ یمن مہٕ کھال شرارتھ'۔

لاچار گژھتھ وٕ ژھ خانہٕ باے تہٕ سلام خانن لوگ زارِ پارِ کرُن زِ خدارانیرِ وسانہِ گرِمنزِ ۔ اَسہِ مارن ۔ اسہ والن مکانہٕ ۔ اسہِ چھُ سارِوُمرِ زینتھ جکتھ یہ جایہِ پاوٗ رحاصِل کوٚرمت ۔ یتھ ہرگاہ کینہہ گوٚ تہٕ اٚسی لارو وگوبن'۔

یہ وون تمی اُردوپاٚ ٹھی تہٕ سوٗ رے کینہ بوزتھ ووزلیہِ اٚکِس جواٚنس گُنہٕ پھرِ ۔ تمی ترٲوِ سلام خاٚنس ناٚلس تھپھ ۔ دوٚیمی جوانن کوٚ ڈ سہ پتھ تہٕ

وُنن بڈٕ نرمی سان سلام خانَس ۔

'دیکھو چاچا۔ ہم بھی اپنے گھر کے لاڈلے ہیں۔ یہ نہ سمجھنا ہم گئے گزرے لوگ ہیں۔ مُسلمان کی نظر میں دولت، جائداد اور بیوی بچوں کی کوئی اہمیت نہیں'۔

اُمی جوانَن کَرِ تتھ لہجس منز کتھہٕ زِ سلام خانَس توٗگ نہٕ کہنہٕ وَنُن ۔ سُہ گوٚو یہِ وُچھتھ حأران زِ اُمِس جوانَس کوتاہ حدیث تہٕ قرآن چھُ زبأنی یاد۔ پیٚٹھہٕ کتھہٕ کُنہٕ چھُس تگان پھِرُن ۔ بوٚڈ بڈیم آسہٕ وٕہرِ اردا ہہٕ ، میأنِس نیچوِس زٕوٕری کم مگر صحتہٕ کِنہٕ تیوٗت وُژھہٕ وار زِ گرٛھس تل رٕٹتھ گربس اُڈجِن کروپُس ۔تمی تُجہ سأدصأبنس استانس کُن اُش ٹأری برتھ چشمہ۔ برنگس تلہٕ کنہٕ اَس سفید کوترجوٗری پانہٕ وأنی دِگہ دِگ کران۔ یکدم پھر ہنبدل طرفس کُن اُچھ تہٕ تروُن زیوٗٹھ ووش۔

مسجدِ منز پرٕ کھ شام بانگ تہٕ جوانو لوگ وضوکرُن۔ سلام خان اوس نہٕ نمازَن ہُند تیوٗت پابند البتہ اوس فرضہٕ وِزِ کانہہ کانہہ وقت گرِی پَران۔ تَس آو خیال زِ شام نماز پَرِ اَز مسجدِ منز۔ خدایَس گرِزار پارِتھ یمن جوانَن خیال بدلہِ تہٕ یم تہندِ گرِ منزٕ نیرَن تہٕ بدل کُنہٕ گرس سدن مگر بندِش اُس یہِ زِ زنانہٕ موہنو اوس گرس اندر تہٕ وُنی کیٚس شوٗبہٕ نہٕ ہمسایَس برونہہ کُنہٕ تہِ یہ

راز اِفشا کرُن زِ سائنس گرَس اندر چھےٚ بلایہ۔ تَس آو یہِ تہٕ خیال زِ شُرہن
سوز ناوِ کائنسہِ اَتھ شٲچھ زِ گرٕمہٕ أژِو۔ دۄر کُن گٔژھو کائنسہِ اَشناوس نِش مگر
گَس اَتھ؟ اَنہ گٹہٕ پھیرنہٕ برونٹھے وٲتی شُری تہٕ سلام خانَن کٔری تم أکس
کُٹھس منز بَند۔ کُٹھِ نبر نیری زِ نہٕ ہرگز۔ حالات چھنہٕ نٔبری کِنۍ ٹھیکھ '۔

'مگر أسی ہے نٔبر پٔچھے آیہ..........!!' لُڑکن ہیوٚت کیاہ تام
وَنُن زِ سلام خانَن ژھنُس کھرنگ،

'وَنان چھی نا۔ ژِ کیا زِنہٕ بوزان۔ زَنگہٕ ژٹے ہرگاہ درواز نبر دراکھ''۔
خوفتَن برونٹھے کھیٚو ویمو جوانَو بتہٕ تہٕ لوگکھ کمرَس اندر سامانہ وہراوُنَ۔
دوٚیوٚ منزٕ ترووأکی پان تہٕ دوہیم بیوٚٹھ دار طاقَس پٔٹھ نبرَ کُن کُن دأرِتھ۔ اَتھ
کمرَس أس بجلی بَند۔ خوفتَن بانگِہ برونٹھے أس پوٚرانِہ گٹہٕ پھیرٕمٕژ۔

سلام خانَس أس نہٕ اوسانَن خبر زِ مکانہٕ نٔبری کیاہ چھُ سپدان۔
کوچَس اندر أسی سپاہ برأری پکُن گران۔ تم أسی پٔنژی ووٹہٕ تُلان آنگن
اندر تہٕ ژأمتی۔ سلام خان نِس مکانَس اوس ژورَن کوٗنَن بورُد تہٕ گنڈ نہٕ
آمُت۔ کوچَن تہٕ بازرَن أس ناکہٕ بندی تہٕ کائنسہِ أسی نہٕ اَندر یا نبر نیرنہٕ
دِوان۔ یوٚ تام خوفتَن بانگ تہٕ پرِکھ۔ بانگ پٔری مِتس آسہ ہامسا اوڈ گنٹہٕ
گومُت زِ براندٕ برِنہ گوزورٕ ٹھک۔ ٹھک بوٗ زِتھ گیہ أندرمی جوان مشینہٕ

پُرزِکی پأٹھی کھڑاتہٕ وونٗکھ خانہ بایہ کمرُک درواز مُژراۤوِتھ وُچھ یہِ کُس چُھ۔

خانہٕ بایہِ کوٚر جِگرٕ تہٕ دِژِن دَرواز أندرے کَریکھ،

'کُس بأپچھو'؟

'بہٕ ہبی چھس غلام نبی۔ تہٕنٛد ہمسایہٕ'

سلام خانَن پَچھأنۍ نَبہٕ میرٕنی آوازتہٕ دراو پانَے۔ سلاما بندیکھا

کران وون نَبہٕ میرَن، 'اَتہِ چھوا سا کانہہ۔ دَپان چھو یِم کُڈی وۄکھ

دوشوَے نبہٕرٕ'۔

سلام خانَن وُچھ وارٕ تہٕ اَتہِ کڈن ساسہٕ گاشَس اَندرفوجی جوان

نظرِ یِم ساَرے مَکانَس أندی أندی زمینَس یڈ دِتھ اۤسی۔

'کَرٕ سانفر چھ،؟' یہِ وون نَبہٕ میرَن۔

سَلام خانَس پھوٚرنہٕ کہنہٕ۔ البتہٕ ہوونس دو یاونگجو ستی۔ براندٕ ثلی

کنی دراوا کھ فوجی تہٕ بندوق ٹلی سلام خانَس کُن گران ووتھ سہ مغز ژاپان،

'سالے۔ سب آپس میں ملے ہوئے ہو۔ کب سے مہمان بنا رکھا ہے؟'

'سر۔ ابھی آیا ہے۔ آدھا گھنٹہ پہلے'۔

'ہمیں مالوم ہے۔ جبھی تو ابھی تک جندہ ہے تو، نہیں تو بندوق کی نلی

تیرے گانڈ میں گھسیڑ دی ہوتی۔ تیرا مکان چاروں اور گھرا ہوا ہے۔ جاوٗ

اُن دونوں کو باہر نکال دواور اپنے ہتھیار ڈالنے کا کہدو۔ جاؤ !!'۔

خانہٕ بابہٕ وُچھ فوجی افسر سُند گرزُن تہٕ سأری پرٕ ڈ ژٕٹتھ وأ ژسو ملٹری وإٔلس کھورن تل۔

'ہَتہٕ حض نبی اوئمٕ وٕسیلہٕ'۔

'کیا بول رہی ہے یہ۔ ہم اِسکی بھاشا نہیں سمجھتے'۔

سلام خان ِنہ بَدل ووتھ غلام نبی خانہٕ بابہٕ کُن۔

'یمن ہی چھُنہٕ کأشُر فِکرِ تران۔ دَپان چھُو یم زٕ نفر کٔڈی ووٕ کھ سامانہٕ ہیتھ نبر تہٕ توٚہہ وَنوٕنہٕ کہنی۔ اسہِ چھےٚ خبر یم کرژٕ اے یور'۔

'گھر میں اور کون کون ہے؟'

'میرے بچے ہیں سر۔ ایک لڑکا اور ایک لڑکی'۔

لفظ لڑکا بوٗزتھ لگی ملٹری وإٔلس أچھن مرژٕ وانگن۔ تس ووزلیہ أچھ۔ زسمن لجس بجلی کرنٹ۔ پان لوٗگ تتھٕ لنٕ ڈٕننہٕ زِ باسان اوس ٹُلرِ گن چھُھس بیٚیس منز خأ لی کوٗ رُمت۔ اُسہ منزٕ لِکن ہُند نجاستھ چھکان کٔڈ ٹمی دُدرٕ تھاپر سلام خانس بُتھس تہٕ ووٚتھُس پُلسہ وأ لی آیہ،

'بہن چود، سالے، لنگور۔ لڑکے کو باہر لے آؤ'۔

موٗدہمتوٚ کوٗ ٹھیو کوٗ ڈ سلام خانَن نیچو تہٕ دَرواز نبر نیر اأنی روٗٹ سہ

مِلٹری افسرن تہٕ گیٚندنس فُٹ بال۔ کھوٚنتہٕ ستی واتنوٗن براندٕ بوٗن تہٕ یکدم زن لج بوٚمبرِ گوٚڈس زیرٕ۔ نمبر گُن یم فوجی اٰسی تموزن روٹ گگر بچہ۔ بوٚندقہ بٹھو، مُکھالوٗ تہٕ کھوٚنتہٕ ستی گنڈتھ دیُت ہَس أچھن تھوٚپ۔ پُشہِ کوٚر ہَس نربن دوٗن کمرس پتیٚ کنیٚ گنڈ۔ یہ کرتھ پیٚیہ تم تس تتھے کنیٚ پیٹھٕ یتھٕ کنیٚ ہوٚنیٚ مکرس چھِ پہوان۔

تمو دیُت نمبردار غلام نبی لیس حکم

'مُکھیا۔ تم اَندر جاوٗ۔ اِن دونوں سے ہتھیار ڈالنے کا کہدو۔ ہم صِرف دومنٹ دے رہے ہیں'

نَبہ میر پھیوٗ رحسبِ حُکم اَتھ کمرس کُن۔ دَروازٕ مُژراٰوِتھ کیاہ چھُ وُچھان تہِ تو گُس نہٕ پتہٕ بیان کَرنُے۔ یہ اٰس پزی گوڈنچ وِزیٚلہ سلام خانن تہ نبہ میرن یوٚت ہتھیار پانس نزدیک وُچھ۔ نبہ میرس ورش ہے کوکر پوٚتس کھش کرنہ باپتھ شراکہ پچ آسہ ہی، دپھ سلام خانس اوس نہ سہ تہِ گرس منز۔ کوکر پوت اوس سہ ہمیشہ پکِس مأرتھ ہوان۔ خبرٔ کمی چھُس خان وونمت۔ حالانکہ زٕو زبہ کنیٚ اوس نہ کوکر پوٚتس یوت تہِ۔ سہ اوس ژھوٚٹ تہٕ تنوٗخ۔ شاید اوسُس نہٕ زندگی ہندی بناوتن قدٕ کاٹھ کنیٚ ووتلنہ دیُتمتٕ۔

کمرس اندر اٰسی ژٕو واپاٚری جنگی ہتھیار وہراٰوِتھ۔ دارِ طاقن پیٹھ

گولہِ پٹہٕ - پتھرِس پٹھ اَمبہٕ شکلہِ گرنیڈ۔ کُرسی پٹھ پستول ۔لبہٕ ستۍ کھڑا بندوق تہٕ خبر کیاہ کیاہ بلاے۔

نبہٕ میرن گٔر بڈٕ گتھ ییٚتھ مِلٹری وأل تہٕ نیٚبرٕ کنی بوزن۔

'بھائی صاحب۔ میں اس گاؤں کا نمبردار ہوں۔فوجیوں کو آپ کے یہاں ہونے کا پتہ چل گیا ہے۔چاروں طرف سے ناکہ بندی مکمل ہے۔اب آپ سے کہا گیا ہے کہ ہتھیار چھوڑ کر اپنے آپ کو انکے حوالے کر دیں۔آپ کو صرف دو منٹ دئے گئے ہیں'۔ جوانو ہٕ زیٚہ سورٕے تحمل سان۔نبہٕ میرن گٔر پٔنٕز گتھ ختم تہٕ دوٚیو أندرٕ ووتھ اَکھ جوان پنٕن بندوق سمبالان،

'چاچا ہم مُسلمان ہیں۔ شہادت کی آرزو لے کر آپ کے یہاں آئے ہیں۔ جاؤ اُن سے کہہ دو ہم زِندہ ہوتے ہوئے ہتھیار نہیں ڈالیں گے'۔

نبہٕ میرن ہیٚژ ووعظ پرُن مگر دوشوے جوان ٲسۍ پنٕنۍ حتمی فأصلہٕ دِوان۔

'اب کچھ نہیں ہو سکتا۔ہم نے کلمہ پڑھ لیا ہے'۔

تہٕ أتھی ستۍ گوٚو تالوس گن فایر۔أکی لوٚے بۄندقہ ٹاس۔

پتہٕ توٚرنہٕ فکری زِ کیٚأرٕ دراو غلام نبی، کیٚأرٕ کوڈ کھ سلام خان، تہنٕز آشنٕز تہٕ أٹھٕ ؤرِش لڑکی تسلیمہٕ تہٕ کیٚأرٕ واتہٕ نأوِ کھ سو ہمسایہٕ گرن ہُندتہٕ

کرنأوِکھ تم تہٕ دارِ درواز بند۔

اَوٕ پتہٕ گواکھ دُب۔ پتہٕ بیا کھ دُب تہٕ اَوپتہٕ ترییم یٖیمہٕ ستی سأرٕ ے زمین لرزیٖیہٕ۔ أندی پکھی مکانن وٕتھی دارِ پٹن شیشہٕ۔ تِم آے ژٕن گرِ ھتھ پتھر چھکراونہٕ۔

جاناوارن لٔج چھگ۔ اَنہٕ گٹس اندر کور گُن آے لاینہٕ، وسیع تہ لا محدود آسمانس منز بنییہ کھاگُنہ چھپن جاے کنہٕ نہ، تہٕ کس چھےٚ خبر۔ یموتریٚیو ٹاسو علاوٕ بوزنہٕ کأنسہ تہ کانہہ آواز۔ زن گودم تہٕ أتھی دمس منز یُسے پیتی نس اوس، سُے تی نس پیٚو۔ دِلن منز خوف، أچھن منز اندیشہ، یِڈ اندر بوچھہِ تہ ٹاربن پٹھ نندٕ رہتھ۔

صُبحس ییلہِ لوٗکھ کھوٗژی کھوٗژی گرو منز دراے، فوج اوسنہٕ کُنی۔ تمو أس شاید کالے پٔننی کاروأیی مکمل کٔرمٕژ۔ مشیدِ ہندِ ن ژوشوٕنی برنگن اوس بجلی زوٗل وُنہ تہِ دزان حالانکہ دوہ اوس یور آمُت۔ ظاہر چھُ زِ از أس نہ اَتہِ صبح نماز تہ کأنسِ پٔرمٕژ تہ توے اوس سُچ تہِ یلے۔

گامس اندر اوس سوٗرُے ٹھیکھ۔ صرف اوس سلام خان نہِ مکانک سیمٹھ سلیب تمہِ کس کنٔس پٹھ دَبہٕ ہتھ۔ وٕٹی برس اکہِ اَندٕ أس تو ملہ ڈرمس تِتھے کنٔز ژٔرٹ گاٗمٕژ یتھ کنٔز گاڈِ ٹاریس تل یتھ فروٗٹی ڈبس گرِ ھان

چھےٚ ۔تالوچہِ سیمَٹھ سلیبہٕ أس نہٕ گُنہِ پاسہٕ کھنڈؤ ژھمژ، نہ کریک گوٗمُت اما پوٚ زژورن کوٚنن ہٕنزن کونہٕ کنمن أس پانڈولربن ہٕنز بأش تہٕ سیرِ پھلدٕن مرژ ٕوانگن پھکھہِ یوسہ ژوواپأری آنگنس وہرأوِتھ أس۔

عجیب کتھ چھےٚ زِ نہ اوس فرجُک نیال گُنہِ تہٕ نہ ٹیلی وجنک دپھ دانہ کُٹھِ أسی ژھوٹہٕ ٹین تہٕ ؤڈی برس تل نیلان چینہ کھورسرِ سأرلم موجود۔

نمبردار غلام نبی اوس دؤرأ کس برمجہِ گُلس تل کوٚٹھبن منز کلہٕ دِتھ پانہٕ سےٕ ستی دِ پان۔سُہ اوس بار بار جوانہٕ سندٕن أخری لفظن ژیتھ دِوان۔

'اب کچھ نہیں ہو سکتا۔ہم نہ کلمہ پڑھ لیا ہے'۔

سلام خان اوس أکتھ کُن گرداین وولمُت ۔تس اوس پان نبتھہٕ نوٚن سپدتھ واپس تٔر دشایہ ووتمت ۔یٚلہ سہٕ زِھی بأے مأنی میراث نش بے دخل کرے یوو۔

O

# اَنہِ گٹہِ ننہِ کتھ

بسنتی اُس وبٹھان۔

گاڈی یُتھے کالنی ہِندِ بس سٹاپہ نش گز داہ مرِ دوٗرِ نی ہیٚژن،، بسنتی

ترأو یا شاہ کرِتھ ژلہِ وُنہِ بسہِ منزٕ ووٗٹھ تہٕ گُنی دورِ ژایہِ بنکرَ وِمنزٕ نیرتھ

أندرِمس کوچس۔ أہنز یہ ووٗٹھ وُچھتھ گےٚ بنکرس نیٚبرٕ کنہِ کھڑا سپاہ خود کار

مشینہِ ہندی پأٹھی تیار تہٕ سمبأ لکھ بندوق۔ مگر گوٚ ونہٕ کینہٕ۔

گاڈی اُس پنٕنہِ رفتار برقرار تھأوِتھ بنکرَ وِنش گزٕ ہتھ جوراہ دور پٔتہٕ تہٕ

بسنتی ہُند تہِ اوسنہٕ کُلی اندر نیب یا نشانہٕ۔

سپاہو ترووٕ زیوٗٹھ اَسن کھنگالہ تہٕ حوالدارن کوٚڈ چندٕ منزٕ یہ وَنان

بیڑی بنڈل،

’ ڈرا ہی دیا تھا سالی نے !! ‘

’آج اِس کا پتی پورے دس دن بعد گھر آ رہا ہے۔‘

أکرِ سپاہن وون شاید یہ باونہٕ موکھ زِتس چھےٚ کالنی ہند بن بسکین

دَرن ہندِ دوہدش چھِ زندگی متلق پوٗرٕ انفارمیشن۔

بسنتی آس وٕبٹھان۔

فلیٹ کہِ درواز اَژوٗنے دیُت تمہِ ناٗلی ہُند ہینڈ بیگ پلنگس کُن

دأرِتھ۔کلہٕ پیٹھٕ کس ڈُپٹس کوڈُن دوگُل کرِتھ باتھ روٗمس کُن کش تہٕ

بدلاوِن وودنہِ روزِتھے پلو۔ پلو بدلاوِتھ گیِہ سو گیس چوٗلس نکھٕ تہٕ دیُتنس

گندکھ تُجِہ ستی ژکھ۔مزس منز ہیوٚتُن تھدِ ہٹہٕ کاشرِس لہجس منز ہندی باتھ

گِنگراوُن

زندہ گی اک سفر ہے سُہانا......اُڑلی اُڑلی اُڑلی

تمہِ تھوو بوہُکن گیس چوٗلس پیٹھ تہٕ پانہٕ دورِیہِ ورَنڈاہس کُن۔

مگر یِہ وُچھِتھ گوس ہنگتہٕ منگہٕ آس بند زِ ورَنڈاہس پیٹھ اوسنہٕ وِشالُن ٹفن

بکس کُنی۔تمہِ دِژ شرارتہٕ سان چارپایہِ تلیٚ نظر۔اَتہِ اوس نہٕ تو ہند کتاب

بیگ تہِ نوٚن۔

بسنتی گوٚو أسس ژاچھرپأدٕ۔زنتہٕ گیِہ پاگل تہٕ مژٕ ہندِ اَندرَے

درایہِ نبر لانس کُن تہٕ لاےِن اَپاری مین فلیٹ والین تھدِ ہٹہِ کرِکھ،

'شیلا بہن!! ذرا وشال کو بھیج دینا'۔

کرِنکھ بوٗزِتھ درایہِ شیلا بہن دارِکنی تہٕ تمہِ وون یتے،

'ابھی وشال نہیں آیا ہے'۔ یہ وٕنتھ گٔر تمہٕ دأر بند۔

بسنتی گو مٔشتھ سو کیا زِ أس وٕتھان۔

'تمی ہاز نہٕ آسبس کینہہ نتہٕ کینہہ کۆرمُت'۔

تمہٕ کۆر پانس ستی فأصلہٕ زِ سریندر وأتِن تہٕ أزی دوہس منز کڈ

ناون اَمہٕ سکوٗلہٕ منزٕ۔ مگر سریندرس اوس اَیر پورٕ پٮ۪ٹھ سیوٗ دُے گوڈٕ دفتر واتُن

تہٕ شام تام اوس نہٕ تہندِ گرٕ واتنگ سوالے۔

'تراہہِ بھگوانہٕ !!' بسنتی تر ووز یوٗٹھ ووش۔

'کالنی اندر الگ کُن روٗزِتھ تہِ چھنہٕ سوکھ دِوان۔ یٮ۪تہٕ تہِ چھِ

پتے۔ تانٔ گوم سیکیورٹی زون'۔

بسنتی لٲگی نوٗسرِ پلوتہٕ درایہِ نیٚچوٗژ ھانڈنہٕ باپتھ سکول گراونڈس کُن۔

•

فہمیدہ لون۔ یہ أس اوسٕ حال گرِچ کوٗر۔ شکلہِ حسین تہٕ عقلہِ

ذہین۔ نہ صرف گرس اندر خانہ موج بلکہ وبسن سۆ درن اندر تہِ مقبول۔ أمی

ہےٕ کۆرُکھ کھاندر أکس ذی یزتھ گرس منز۔ خانہ دار اوسُس انجینیر تہٕ ہہرِ

بابس کارٕ بار سٮ۪ٹھا وسیع۔ کھاندرٕ پتہٕ زاویمن وٕری کھنڈ گُرٕھی تھے بچہ۔ مالنی

وٕرک تہٕ وأرِوی وٕری مناؤ یکہٕ وٕتہٕ رٕلتھ شأدی۔ بچہ اوس پولُر۔ شکلہِ نُندٕ بون تہٕ

کتھو کنی ژوتُر۔ یُت نہ یہ مأ لس ماجہ ٹوٹھ گو، تمہِ کھوتہ زیادٕ اوس نانہِ بُڈی

بس خانہٕ مول۔ تم ییلہ یکہٕ وٹہٕ بہتھ شامن بأگی أہنزٕ کتھٕ أسی بوزان،

دُ ہُک تھکُن اوسُکھ ژلان۔ چنانچہ آو یہندی ہے ونہٕ نس پتھ أمس سرتاج

وَننہٕ۔ سرتاج، یعنی کلُک تاج، مالنٕ قبیلُک تہِ تہٕ ماتا مالس تہِ۔

دیان یہ انسان سوچان چھُ، تی چھُنہٕ خدا صأب تہِ سوچان۔

دلیل سپز یہِ زِ سرتاجُن مول اوس سٹیرنگ رٔٹتھ۔ سرتاجن أس خبر

نہٕ کیاز ِ موٹرس منز گُنی ژُنی فرنٹ سیٹ رَٹنہٕ باپتھ چھپر لأجمٕژ تہٕ اَوِ کنٕ أس فہمید

گاڈِ ہندس پتٕمس سیٹس پٹھ بہنہٕ باپتھ مجبور کرنہٕ آمٕژ۔

مختلف بازرَ و منزی پھیری پھیری أسی یمو لفافہ ہا سامانہٕ برٕی برٕی جمع کٔری

متٕی تہٕ یم أسی ساری گاڈِ پتہٕ کنہِ تندلہِ۔ مول اوس أکھتھ سرتاجس کتھٕ أنان۔

'یہ بتاؤ میری ممی کیلیئے کیا لوگے'؟

'کچھ نہیں'

'وہ کیوں'؟

'میں نے آپ کی ممی کو دیکھا جو نہیں'

فہمیدس گیہِ نچوٕ سُند جواب بوٕزِتھ اکلہٕ بکل تہٕ مول ووتھ سرتاجس کلس

پھش پھش دوان،

'اپنی دادی اماں کیلیئے کیا لوگے'؟

'گرم گرم چکن پاتھی۔ گاجر کا حلوہ'۔ یہ جواب بوزِتھ ترووددوشوٕے

بأژوتھدِ اُسن۔ انجینیر صابن ترأوفہمیدس کُن دولہٕ نظر تہٕ اَوپتہٕ کوٚرُن خبر کیاہ

زأنِتھ نیچوٚس سوال،

'یہ بتاو بیٹے آپ کی ممی کا کیا نام ہے'؟

'نانی اماں کا نام'؟ سرتاجن کوٚر واپس سوال تہٕ مألی کوٚرُس ہاں '۔

سرتاجن دیُت أچھ زٕوٗٹتھ اَکی شاہہٕ زیٹھِ زیوٗٹھ جواب،

'راجہ بیگم حبیب اللہ لون ہول سیلرز شالہ کدل سری نگر کشمیر'۔

اَمہِ وِزِ اُس گاڑی کدلس کُن پھیران زِ اَپارِ کدلہٕ گوٹاس۔ لوٗکن ئِج

سڑکن پیٹھ چھِگ۔ کھور بانن گییہ ڈیر۔ موٹر ہارنن ہُند ووتھ گرز تہٕ پتہٕ توٚ رنہٕ

فکری کیاہ وجہ سپُد زِ ئچھنہِ طرفہٕ کہٕ بنکرٕ منزٕ دراو اچانک گولہِ روٗد۔ منٹ

جوراہ روٗز یہ ٹاسہٕ رارٕ ے تہٕ اَوپتہٕ پھیر ملگُز ارٕ چ ژھوپہ۔

فہمیدن تُل پتٕر مہِ سیٹہٕ پیٹھٕ کلہٕ تھوٚد۔ سرتاج تہٕ انجینیر صاب اُسی

دوشوٕے کھوڈ کلہٕ گرٕی تھے۔ کھوٗژی کھوٗژی کوٚر تمہِ گوڑٕ خانہ دارس

ہش۔ مگر تمی دیُت نہٕ کانہہ جواب۔ کھوٗژی کھوٗژی تُجہٕ تمہِ نبر کُن أچھ۔ اَتہِ

گوس نہٕ کانہہ اکھا نظرِ۔ کیاہ تام زأنِتھ پلہٕ نووتمہِ خاندارس کُن اَتھ تہٕ دِژ

نس کلس زیر۔ یہِ وُچھِتھ کھییہِ تمہِ ووٚٹھ زِ زیرلگنہٕ ستی پھیوٚرتس اَڈنجہِ بوہرِ
ہندی پأٹھی سوٗرے پان برونٛٹھی مہِ دارِ گُن تہٕ کلہٕ زن گوس دارِ نبر گُن
اَلوند۔ ووٚٹھ کھۄتھ گیہِ سو یکدم تھوٚ دۄتھتھ تہٕ یہِ توٚ رُس نہٕ فکری زِ کیاہ ری آوتس
گاڈِ ہند پشہِ ستی کلس ٹاس۔ بے ہوش گژھنہٕ برونہہ دِژ تمہِ سرتاج نہِ سیٹھہِ
گُن نظر۔ تس اوس کلہٕ بون گُن تہٕ سیٹس تلہٕ کنہِ اوس لوکٹس پٹلہٕ ژٔکس
سوٚمب ووزُل نارہیوٚہ داغ۔

شامس ییٚلہِ سریندر گرٕ ژاو، بسنتی دیُت تس اَخری الٹی میٹم،

'یاتہٕ کڈنأے ووٚن یہ ہانزِنی اَمہِ سکولہ منزٕ یا ترٲوِ مےٚ تہٕ بہ گژھہ
بأے صأبس نش دِلہِ'

مگر سریندرس اوسنہٕ فکر تران سہ کتھ پأٹھی أنزراوِ مسلہٕ۔ سکولس
منزٲس کوسہٕ تام مسلمان ماشٹر بابے آمژ تہٕ یہأے أس وشالس کھونہِ
للہٕ وان، مونہِ تہٕ میٹھی کران تہٕ پانس ستی کھیاوان چاوان۔ یہ اوسنہٕ کانہہ
جرُم۔ تس اوسنہٕ تگان بوزُن زِ سہ کیاہ وَنہِ افسرن۔ مگر بسنتی ہُند سوچ اوس
بدل۔ سو گیہِ تس اَگادِ' کیاہ چھو ونان جرم چھُنہٕ۔ یہ چھا کم زِ نیچوس کڈنم
کل۔ ینہٕ آیہِ تنہٕ زن نیہِ نم نیچوس مالے۔ یانی کینہہ آپراوس تہٕ بُتھ چھُ

ژوکراوان، نس چھُ کھالان۔ صُبحس ییمہٕ تاہہ بتہٕ بانہٕ نوان چھُ، تمی تاہہ چھُ شامس واپس اَنان۔ اَتھ چھُن نہٕ آسان لوگمُت۔ بھگوان زانہِ کیاہ چھس یہ رانٹس کران۔ بۆنتھ آیم کوسہٕ تام۔ تانی ترٕس کشیرِ۔ تانی چھس بہتھ سیکیورٹی زونس منز۔ خبر کمچ سیکیورٹی؟

بہ کیاہ دِمہٕ تمن مالہِ نِمن جواب یم بیٚتہِ لارِہتی درائے۔ شالہٕ کئدلہٕ اوسُکھ کۆہاٹھ ہیؤہ مکانہٕ۔ دپان کاٹھ چھُھس بُزمُت۔

مکانک ناوہٕ زتھ آیہ سریندرس خبرہٕ کیاز لبہ۔ سہ گوتھوٚ دتھوٚ دؤتھتھ، وونی کوسہٕ بدی گیکھ؟ ژور گرٕ أسی تتھ آو سیمنٹسِ مکانس منز بسان۔ بیٚتہِ نیرتھ بنأوکھ الگ الگ ژور ژور مکانہٕ۔ اکھ دِلہِ۔ زِ جومہِ۔ اکھ پوٗنا۔ تیٚلکی کھِنہِ مُتی شُری چھکھ ازنبک ٹیہِ گنڈان۔ موٹرن منز دفتر نیران۔ بیٚتہِ کیاہ اوسُکھ کشیرِ؟ شالہٕ کدلُک شکس۔ گسہٕ متھتھ کوچہ۔ اَنہ گٹہِ ہیرِ یمن دوہلی ژونگ اوسُکھ دزان۔

بسنتی تھاوِ ہاتس یہ وَنہٕ نس پیٹھ لائنے یوت باقی۔ سو وَنہِ ہاتس صاف زِ ژٕے گُس بامحلہ خانہٕ اوسے سوتھِ پیٹھ چہِ ماٗر ہندس پھکس منز۔ مگر تمہِ سوٗچ زِ تیز رکرنہٕ ستی گژھِ معاملہ خراب۔ اُومو کھٕ ژاٗپ تمہِ ژکھ۔ صرف وونس ییتے، بس چھُو یوہے ازروُن۔ توٚہۍ کھیٚیہِ ہوتہٕ بیاکھ گوژھنہٕ

کھیوٚن۔ مسلمانن ءِستی چھُ ناوو تھُن پہُن'۔

'اچھا تراویہ کتھ'، سریندر تہٕ نرمیوو۔ اَتھ کرو کانہہ یلاج۔ ژےٚ

ہے اَز آڈراوسےٚ رٹُن۔ تتھ کیاہ کوٚ رُتھ'؟

سریندرَن وون محض کتھِ ہُند موضوع بدلانہٕ باپتھ مگر یہ تہِ

أ ءِسس نہٕ خبر زِ کتھ کرأنی بدلہِ بسنتی یوٚت جلد موٚڈ۔ سوٗ ژھ تھوٚد۔ بیگہٕ منٛز

کڈِن چیک تہٕ سو سریندرس گُن پلہٕ ناوان وونُن گردن تھوٚد ءِ ٹتھ،

'رٗٹو۔ اَزٲ ءِسس بہ خوش، مگر اَمہِ ہانزنہِ کوٚ ڈُم پٔندی'۔

سریندرن وُچھ چکہِ پیٹھ درج رقم۔ تِمی کھیٚیہِ ووٹھ،

'یہ کیاہ؟ ستھ لچھ اَرِشیتھ ساس۔ سیون ڈبل ایٹ ٹرپل زیرو۔ کتھ

کران روٗ دُس اَس یلے۔

'توہی کیا زِ حأران؟ اتھ چھُ سیوٚ دحساب۔ ارتأجی ربتھ تنخاہ، اتھ

ہُریمانہٕ ڈی اے، اے ڈی اے تہٕ میڈیکل۔ زن نہٕ خبر چھوٚ

'مےٚ اوس نہٕ بہتھ'۔ سریندرن وون بے پژھی سان۔

'یہ چھُ سوُرے بأے صأبن سو چھ۔ دِلہِ پیٹھٕ سوزنوُ کھ آڈر'

'خأر جانٕہے گوٚ۔ سریندرن ترووپھر کھ،

'مےٚ اوس نہٕ بہتھ زِ یوٚت رقم دِن۔ حالات اگر ٹھیکھ آسہٕ ہن تہٕ

دفتر والیو آسہٕ ہی کرتام چھُٹی گر مژ۔ تِتھے چھِنہٕ ژورؤری۔ نہ حاضری، نہ ریکاڈ، نہ کام۔ ڈوڈؤری کوڈُ تھ انڈیا نمبر'

بسنتی وو شلیو وٚبتھ۔ تمہِ ٹُل اَتھ ہٕ تہٕ سہ دِتُن رِنس اَسس۔ سوٚ ژھ لتس لوتہِ،

'یو ہے چھُو اَپر! اپزِ چھِونہٕ ونان مسلمان ژھیوٚٹ'۔

یہ ونان آو بسنتی پانس تہٕ اُسُن مگر زورٕ رُکوٗن اڈووَتی۔

•

سرتاج نہِ مرنہٕ پتہٕ گیہِ فہمید پھلوائے۔ نہ روٗ دُس کھین چنگ ہوش نہ پلولاگنُک۔ لتس گولو پُن۔ کأنسہٕ سٟتی نہٕ کتھ نہ باتھ۔ کُٹھس کونہٕ کھسہٕ ہن ژھوٚٹہٕ لأدی۔ کوتاہ تہِ لأزم درپوٚ ژھ کونہٕ اَژِہا گرٕ۔ سوٚ أس زِن سأرِسے نش لاتعلق۔ وأری وبو کوٚرگوڈٕ گوڈٕ یہ سوٗرے برداش۔ تموٚ أنس ڈاکٹر، پیرن اَتھِ پرنووہس، نیاز گرِکھ۔ دپھ لوٚ کو کھوٚ چو مگر ہُمس آیہِ نہٕ کانہہ تبدیلی۔ چھیکرس کوٚر گرِکو زِ ژھوٚ فأصلہٕ تہٕ سوٚزِ کھ مالیُن۔ سونہٕ روپہٕ کنہِ یہ کینژھا تہِ اونمُت اوسہس تہِ دِیُتہس سوٗرے سٟتی تہٕ گرِکھ مألسماجہ حوالہٕ۔

مالہِ نیوٚکوٚر پننہِ جایہِ فأصلہٕ زِ یہ کرناوون نوکری۔ اَومو کھِ نہٕ زِ تنخاہ انہِ۔ بلکہ اَومو کھِ زِ دیو اَمہِ شاپہٕ تلہٕ پھیرِ۔ تہِ أس تمن تہِ خداین پننہٕ یأری گرِ مژ۔

موختصر کوٚرہس ماشٹری ہُند انتظام ۔ سہ ُ تہِ کالنی ہندس انگلش میڈیم سکولس منزٕ یِیتہِ دِیان شُری کلین تہِ کتھہِ چھِ اَنان۔

اکہِ دوہہ گییہ کاٗم زِشُری کھیٚچہِ دوٗرکوٚڈ تمہِ سرتاج نی انہارٕ اکھ لڑکہ نظرِ ۔ فہمیدس زن آو أچھن گاش ۔ بن لُجس ٕسَر ۔ سو لُج لتس مُدٕ ے گٔنڈِتھ وُچھنہِ ۔ یہ لڑکہٕ اوس کُلس أکس تل خبر کتھ پیٹھ پانہٕ سےٕ ستی وَدان۔ تیٚتھُے مس۔ تیتھی شانہٕ ۔ أتھی اندر تُل أمی لڑکن ٔ چھُن اتھ تہٕ لوٚگ اَمہِ کی چھانپہِ ٕستی زورٕ زورٕنس موٗرنہِ ۔ یہ وُچھتھ روٗدٕ ے نہٕ فہمیدس پانس تام،۔ تمہِ ترووسوٗرٕ ے أتی۔

ڈُپٹہٕ لونچہِ ٕستی نس صاف کران روٗتُنس بُتھس ٕستی بُتھ ۔

'کیاہوامیرے جگر؟ کیاہوامیرے سرتاج '؟

'وہ میری پنسل لے گئے'۔

فہمیدس لُج دوٕ بن ہنگتہٕ منگچ گربکھ ۔ سو گییہِ دوران۔ پننہِ ہینڈبیگہٕ منزٕ کوٚڈُن پنُن پینسل تہٕ یہِ پلناوان ؤ ژھس ،

'یہ لودوسری۔ دیکھورونانہیں۔ ارے تم تومیرے سرتاج ہو'

'میں وشال ہوں۔ آپ بہت اچھی ہیں۔'

فہمیدن زَن بوٗزٕ ے نہٕ ۔ تمہِ تُل وشال تہٕ روٗتُن سینس ٕستی چیرٕ ۔

سرتاج مُرِتھ اُس یہ گوڈنچ وِزیٖلہِ تس بتھس پٹھ اُسن پھیوٚر۔

•

بسنتی دٲز۔

تس گوٚنڈُن نار۔ تمہِ دیُت وشالُن کتاب بیگ تتھٕ کنِ پتھر دٲرِتھ

زنتہٕ یہ سرُ پھاوس۔ تمہِ لاے ہانزنہِ ہندِ أندرَ ے نیچوس کربکھ،

'وشال'

کربکھ بوٚزِتھ توٚر سریندرتہِ لارِ ہوٚت۔ کتاب بیگ اوس سےٚ

منزُ گٹھس دوٚنژھراوتھ پتھر۔

سریندرس اوس کتھ تام کاغذس روٗل دیُن۔ تُمی موٚنگ بسنتی[1]سکیل۔

بسنتی ٹراپور وشال نس کمرس منزسکیل ژھارنہِ تہٕ تہندس بیکس ژھانڈ دوان

یہ کینژھا تمہِ وُچھ، تہِ کوٚرنہٕ تمہِ برداش۔

تمہِ تُل پتھرِ پٹھٕ نیلان لفافہٕ تہٕ گُنٕکش کوٚڈنس سریندرس کُن۔

سریندرن روٗٹ لفافس کیچ۔ سہٕ کھوٗلن تہٕ وونُن خوش گژھتھ نیچوس،

'یہ کتیوٗ اونتھ گوشتابہٕ'؟

وشال آو مائس نزدیکھ تہٕ ووتھس پٔنٕنِ کنی تھیکتھ،

'آنٹی میڈم نے دیا ہے۔ ممی اور پاپا کیلئے'

'وولہٕ سا۔ اَز کھمو واریاہہِ کاٗلی گوشتابہٕ'۔ سریندرن وون خوش گڑھتھ زیوِ ٹاس کڈان۔

'بہ دِمووِنہٕ کھنہٕ'

یہ وون بسنتی ہلیٚن دوٚن اتھہٕ دِتھ۔ سوٗ اُس شاید لڑایہ باپتھ تہِ تیار۔

'کیا دٕی گوٚ ے۔ مژراویہِ؟ سریندرن وون احتجاجن۔

'آ۔ مژرآم۔ بہ گٔیس پاگل'

بسنتی ترٲوتس کُن دولہٕ نظر۔ سریندرن گرنیچوس تھٕچھ تہٕ توٚر گوشتابہٕ ہتھ اپور۔

اَمہِ دوہ بیوٗٹھ بسنتی زِ اَپزٕ چھِنہٕ سریندرس مسلمان ژھیوٚٹ ونان۔ أمس اُس دوہے مسلمان ساٗنچ کل۔ سوتھِ پٹھٕ کیٚن مسلمانن ستی ووتھُن۔ بھُن آسنہٕ کنی چھس تھِنزٕ ے ہن لارٕیمژ۔ یہ چھُ نصف مسلمان گومُت۔ تمہِ کوٚرفاٗصلہ زِ سریندرس ورآے لیکھِ باٗے صاٗبسِ چٹھی تہٕ کڈناوِ أمس واتجہِ سکولہٕ منزٕ۔

اکھ زٕ ے دوہ گےٚ منزٕ تہٕ حکم ووت۔ سیکیورٹی ہندی وجوہات مدنظر رٔٹتھ سپُد فوری طور حکمس تعمیل تہِ۔ فہمیدن روٹ آڈر۔ تمہِ کورنہٕ کانہہ احتجاج۔ تمہِ ژھورنہٕ وشال تہِ نیرن وقتہٕ۔ نہ دِژن پوٚت نظر۔

•

شایدٲس ژٕندٕ روارتہٕ دفترن ٲس کنٛہہ تام چھٹی۔ سریندرن ٲس گاڈی سُلی منگناوِمٕژ۔ اَزاوس تس کتھ تام کارخانس معاینہٕ کرنہٕ باپتھ ڈاون ٹاون وَسُن تہٕ اَو موکھ ٲسۍ دون ٹرکن منز سکیورٹی اہلکار فلیٹس بوٕنہٕ کنہِ سلاح سامانہٕ گنٛڈِتھ پراران۔ بسنتی یِیلہِ برتھاسنِد باپتھ ہتھیار بند فوجی ین ہُند بارٕ انتظام وُچھ، تس کھۄژ ناٹہٕ۔ بوزوہے تہٕ پزراوس یی زِ تس اوس نہٕ سریندراَز تام ٹارِ کھوٚتمت۔ کُجاباے صاب۔ انڈیا نمبر تہٕ چھس چلنی۔

’ژٕمایکھ چکرس‘؟

یہ وون سریندرن تہٕ بسنتی آیہ نہٕ پزٕھے۔ سونٛچ تس بدلٕے نظروُچھنہِ۔

’اُکھتےٚ وُچھکھ پٔنُن مالیُن تہِ‘۔

وشال اوس اَیارِ مین ہندِ شُربن ستی مست۔ تمہِ کوٚرتمن ٹیلیفون زِ یہ سوٗزی وُن یِہٕرِ۔ اچانک پیٚیہ اَسہِ امرجنسی۔ اَسہِ چھُ ڈاون ٹاون وَسُن تہٕ سرکارن چھُ سانہِ باپتھ سکیورٹی ہُند بوٚندبس تہِ کوٚرمُت۔ بسنتی ٲس خبر زِ شیلا بہن آسہِ ضرور جالہِ پٹس ژھایہِ بندوق بردار سپاہن ہُند تماشہِ وُچھان۔ سو ڈٕژھ وِوزلہِ رنگہٕ نٔوساڑی لاگتھ۔ اُتھی اندر آو وشال تہٕ۔ بسنتی آیوو خیال زِ تس تہِ بدلاوِ پلومگرٕستی سوچُن زِ وولا تہٕ گُس زانہ اَسہِ ڈاون ٹاونس منز۔ تمہِ دِژ وشالس گانٹہِ ہندی پاٹھی جوٚنٹھ۔ سہٕ لوٗدن زن ترودِتہٕ گاڈِ کھٔستھ بیٹھ بشاہ

جم رٔنس کھوٗ ری ۔

بُتھِ تہٕ ملٹری گاڑِتہٕ پتہٕ تہٕ ملٹری گاڑِ۔ یتھٕ کنۍ د راو یہ کاروان مہار آ جی آیہِ منز شہرس کُن ۔

بسنتی أس اَز بہہِ ترٕ واہہِ وُہری مالیُن ڈاون ٹاون وسان ۔ سو أس وٕٹھان یِیلہِ لۆکھ ملٹری گاڈۆ چھتھ بیمہٕ ستی لبن أسی کھسان ۔ نالہِ دمن پیٹھ پان ژومرأ وِتھ سڑکہِ ہُند باڈو بڈراونچ تہٕ ملٹری گاڈٕن ہِندِ باپتھ وتھ کھٔلراونٕچ ناکام کوشش أسی کران ۔ یِیلہِ اورٕ یِنہٕ واجنہِ سوارِ گاڑِ ملٹری گاڑی وُچھتھ دۄ ری ہالٹ آسہٕ کران ۔ بسنتی أس زنتہٕ ہوٲیی جہازس منز ۔ ناحقہٕ اَسان تہٕ کھِکھرٕ ماران ۔ تہنزِ گاڑِ برونٹھ بروٗنٹھ یوسہٕ فوجی ٹرک أس، تتھ اندر أسی باہتھیار فوجی زنتہ محاذس پیٹھ درامتی ۔ سأری أسی بندوق رٹتھ ۔ اکھا اوس ژلہ وُنہِ گاڑِ پیٹھٕ کنہِ مۆٹ دروٹ ڈنڈٕ گلوان تہٕ وتہِ پکہ وُنن انسانن زنتہ گُپنن ہندی پأٹھی ہکہٕ وان،

' لیس لگہ تس لگہ سرکأری '

اورچ گاڈی چاہے کھڑا تہِ کونہ آسہ ہا۔ ڈنڈٕ ٹاس اوُسس لامحال رٹُن ۔ ٹاس ہرگاہ گاڈ ہندس وِنڈسکرینس آیو، فوجی اہلکار أسی کربکہ نادلاگان تہٕ فلمی 'بھائی' آیہ پنٕنۍ غلطی أستھ تہ اورے لۆر پیٹھ تھوان۔

'توہہِ یی دوا'

یہ وون بسنتی ییلہِ اکھ بڈٕ ملٹری گاڈی وُچھتھ خوفہٕ ستی وبسر یوو تہٕ منز سڑکہِ رۄٚزِتھ گو۔ ییلہ گاڈِ اندر ووڈنی ہتھیار بند ملٹری والو لگاتار شرنہِ گری گری سہٕ زیادَے وبسر وو۔

بسنتی وون شاید خودکلامی کران،

' اڈٕ ژٹھو۔ تم دوہ گۄمِتھ ییلہ یمہ وٕ ے وتو پکان ہٕے نہٕ پرٕ ے وران آسو'۔

''بٹن ہُند بیول۔۔۔'

' مَلو۔ أسی گیہ تمے دالہ بٹہ۔ پتہٕ آوِ وونی پنٕنی کرم'۔

تہٕ اچانک لۄگ تس بڈس دب تہٕ خبر نہٕ کیا زِنج تمام وتہِ پکہٕ وُنٕن لار۔ بسنتی لوگ وشال نہ أندرَے زورٕ زورٕ ژرِ پۄپ کرُن۔ تمہ ترٲو فخر سان رٕنس دِچھنی کنی بہتھ فوجی ڈرایورس کُن نظر۔ تس آسہٕ دوشوے زِرسٹیرنگہ پٹھ۔ قمیضہ ہندی ٹری أسس کھونہٕ وٹو ہیوروٹتھ تہٕ وتچھِ وتچھِ مژہٕ آسس دالہِ دُگن ہشہِ۔ گاڈی درایہ برونٹھ کُن تہٕ بسنتی وُچھ زِلۄکھ أسی وونی کوچہِ گلین اندر شروٕ ہتی۔

'یتہٕ کیا سا یمن دوہلی شال وُنگان۔ تم لۄکھ کتہِ'؟

یہِ وون بسنتی پنٕنی کنٛ ٹأنہٕ ژٹان دپھ سرینٛدرن گٲرس دُ درٕ نظرتہٕ وۄتھس بُتھ تھٲوِتھ،

'تم کتہِ انو کھلٕو کھ؟ تم چھِ جومہِ تہٕ ییٚتہِ گُس بسکھ یمن مکانن منٛز"۔

'کمن مکانن ؟'

بسنتی وون بُمہ ترکرأ وتھ، 'تم ہے کرتام زألتھ ترأوِکھ'

'ہاتھ کنگن کوآرسی کیا۔ اَز تام بوٗ زتھ ریڈیوتہٕ اِزوُ چھتہ أچھو'۔

بسنتی توٚگ نہٕ اَتھ جواب وَنُن۔ سوٗ لجٕ پانس ستی خبر کیاہ سوچنہِ زِ سرینٛدرن دُتس خیالن ٹکھ،

'مےٚنُن محلّہ ماوٗ چھکھ۔ شالہ کدل؟

بسنتی کوٚر بےٚ حُکمن آنکار،

'آ۔ اِدِ کیاہ'

وَتہِ وَتہِ أسی لَس تمام پرأنی منظرأ چھن درینٛٹھمان۔ تم سأری منظر یم تمہِ پننہٕ نبن وبسن ستی جبہ کدلہ تہٕ اتھ أندی پکھی بازرن منز پننہ لوکچارٕ أچھو وُچھی ہتی تہ سٔری ہتی أسی۔ مایسُمہِ ہندی کھٔری، یم کوٗرو چھِتھ سیٹی وایان تہٕ فلمی بأتھ گوان أسی۔ پکان پکان أکھِتھ کوربن پھیکس ستی پھیوٚکھ رلاوان أسی۔ یمن پتہ اَکی روبہٕ ہتھر اوس پشپنہِ لگان۔ دو یہ ترییہ چھِ تمہ

مسلمانن اتھی یمن اَڈ ژٹین آتھرِ والناوی متر۔

'گرغنڈٕ'

'کُسے؟'

'ٲکھٕنہ سا'

وٕسن منز آسہٕ تس مسلمان کورِ تہِ۔ شامن بأگی ییلہِ تمہٕ اَنہ گٹہٕ ہش پھیرِ تھ ویتھِ بٹھس پیٹھ گنڈان تہٕ آبس ؤستھ ژھانٹہٕ ژھانٹھ کران آسہٕ، محلکی لڑکہٕ اَسی دؤ رِ رؤ زِتھ تماشہِ آسان ؤ چھان۔ یتھ پیٹھ تمن پنہ نی ژھی لار کران اَسی۔

اُتھی اندر کوٗ ڈ تمہِ پنہ مکا نک بنگالہ دار ٹاور نظرِ۔ بسنتی گیہ خوش تہٕ ہبرٕ ون فوجی ڈرایورس وُنن زِ ہنا کرلوٗ ت مگر پیتی ہے کالس پھیر گاڈی موڑٕ تہٕ ٹاور ڈول نظرَ و۔ کھوورِ طرفہ اوس یارٕ بل۔ اَتھ آسہٕ تمے کنہِ ہیرٕ پاوٕن وہر اُوتھ۔ بسنتی پیٚیہِ تم بَرؤنی ٹاس یادیم سورَبہِ دوٕ گلن بناوان اَس تہٕ یم دوٕ گل سوٕ پتہٕ وٕسن لایان اَس۔ اتھ پیٹھ آسس مسلمان کورِ وُٹکُر وُ ہوکڈ ان تہٕ بسنتی اُس دؤ رِ روزِتھ ژَرِ پوٗ پ وایان۔ کاچ لڑأے اَس صُبحس مشان تہٕ دُبارٕ آسہٕ تمہٕ کوچن دورٕ دور کران۔ اَکہِ گرِ کھسان تہٕ بیٚیہٕ گرِ وَسان۔

بسنتی گوٕ اُچھن منز ہنگتہ منگُک ٲکرٕ نیار پأدِ۔ تمہِ کڈ ہینڈ بیگہٕ منزٕ

رُمال تہٕ ووتھراوبن سریندرس ژھایہٲ چھ۔

گاڈی پھیر دویمہِ موڑٕ تہٕ ووٚنی دراوپوٚرٕ مکانہٕ توٚن۔ حاَرٲنی سان پرُژھ تمہِ سریندرس،

'دوپُکھ ہےَ یہِ تہٕ زولُکھ'؟

'بھئی یہاں ذرا رُکنا۔ صرف ایک منٹ'۔ سریندرن وون فوجی ڈرایورس۔

مکانہٕ اوس ژور پور تھوٚد۔ دارِ آسس ہیٚرِ بوٚنہٕ بند۔ کاٗنی ہندِس پورس أسِس زاٗلی پنجرِیم زن تاپہٕ ستی وارے آوٕمتی أسی باسان تمن آسہٕ کاکنذ تلمہ وُنہِ تہٕ مُرِتھ تہٕ یمَ آسہٕ ہواہٕ ستی اور یور لاینہٕ یوان۔ پتھس تلہٕ کنہِ آسہٕ گرٕتام پچہٕ کانہِ رِکلین اَلانزٕ گاٗمژٕ۔ سہٕ کُمرٕ یتھ اندر سولو کچارس پران أس، تتھ اوس شیشہِ پھُٹمت تہٕ اوُسس ووب ہیوٚہ بنیومُت۔ بسنتی وُچھ زِ کوتُرا کھ آو وُڈان وُڈان تہٕ ژاوامی ووبہِ کنی کمرس اندر۔ بسنتی تروو زیوٚٹھ ووش۔ لَس پیٚیہِ ستریٔ نڈ یاد یتھ سو یارٕ بلؤ ستھ رتھس منزاکہِ پھرِ چھوکھ أس کڈان۔

''چھلی چھلی اوس تتھ تیلی رنگ درامُت تہٕ ووٚنی آسبس کوتر رکھو پھش پھیرُمت''۔ یہ دأیرٕ بسنتی پانسے ستی۔

''پتھٕ آسہِ گگروتہٕ تمن کتابن وہناش کوٚرمُتیمن کاکاجی ین اُٹی مایہ

ستی بائنڈنگ کریِیہٕ"۔

اچانک پیٚیہِ تس لوٗنہٕ ہندس کوچس کُن نظر۔ تہندی درواز اُس سفید سوٗٹ، سفید ڈُپٹہٕ تہٕ شال وٗلتھ کوسہٕ تام زنانہٕ نیران۔ اُمس اوس کرٕ ہُن بوٗٹ کھورن تہٕ اُچھن عاًنکھ لاًگتھ۔ یہ زنانہٕ پٔچ قدم پونشہِ تہٕ ٹھٔہر ییہٕ۔ ٹھہرِتھ دِژن پتھ کُن نظر، یاشاید کوٗرُن آلوتکیازِ آلو بوزِتھ درایہ درواز اندر اُمس کھوتہٕ لوٚکٹ زنانہٕ یوسہٕ شاید بیمار اُس۔ بسنتی ترٲویمن کُن وارٕ نظر مگر دویوٲ اندرٕ آیس نہٕ اکھ تہٕ وَنہِ۔ پکان پکان واژیمہٕ دوشوٚے ملٹری گاڈِ بنِ نزدیکھ تہٕ کوچہٕ گلس تل ملٹری وٲلی نظرِ کٔڈِتھ ٹھٔہر ییہٕ دوشوٚے۔ مردیادِمی زنانہِ وول اُچھوپیٹھ عاًنکھ تہٕ لٔج وارٕ وُچھنہٕ۔

بسنتی زن لٔج بجلی کرنٹ۔ تمہِ کھوٗل ہکہٕ گاڈِ ہُند درواز تہٕ گاڈِ منز نیرِتھ پھِرُن سہُ ٹاس گرِتھ واپس۔ پتھ وٕستھ دِژن کُنی کر بکھ،

'راجہِ ماسے'

یہِ آواز بوز اَمہِ دبد صاًبہِ۔ گوڈٕ گیہِ سو حاًران مگر ستی پھیوٗرُس اُچھن اندر آب تہٕ تمہِ ہیوٚت تیز تیز قدمو گاڈِ کُن پکُن۔ بسنتی رٕٹ سو نالہٕ متہِ۔ گوڈٕ موج تہٕ اَوپتہٕ فمہٕ یعنی فہمیدٕ۔ دوشوٚے ژھٔٹ اکھاٗکس سینس ستی سینہٕ رلاًوتھ باکھ۔

أتھی اندرٕ تُل وشالن کلہٕ تہٕ نبر گُن وُچھاُنی دٕژِ تمی تھدِ کریکھ،

''آنٹی میڈم !!'

وَ تہٕ پکہٕ وُنی یم أندی پٔکھی جمع گۓ ؛ تموٗ وُچھ بدٕلے نظارٕ۔

o

وَ ۓ لۓ گۓ کۓ یٔ یٔ ء یٔ

# تلہٕ وٲنۍ نیچوٕ تہٕ سونہٕ سُند ٹیوٚک

آنگن اندر کوٚر ہوٚنۍ بڑٕ ہٹہٕ وو پھ مگر رٲژتۍ میرن زون مساوی۔ تٔمۍ کڈٕ ہوٚنۍ سِندِ ناوِ باہ ترکھ لکبھ تہٕ کھٲژن کنو ہیور لیف۔ شِشر ماسس منز اکہِ لٹہِ لیفہِ تل اَژِتھ تہٕ کانگرِ وُشنیر پھیرِتھ چھُ پتہٕ نبر نیرُن ظلُم۔

دَپھ ییلہِ ہوٚنۍ دُبارٕ وو پھراے لاج، راجہِ بیوٚٹھ دِلس وٕہمہٕ۔ تمہِ تُج سیپنہٕ پٹھ خاندار سنز نُرتہٕ وُژھ ہکہٕ۔ اَو پتہٕ روٗز شانہٕ گُندس پٹھ بہتھ۔ یہ روٗدُس نہ ہرگز تہٕ خیال زِتس چھُنہٕ نالی کہنی۔

رٲژتۍ وون لوتی،

'یِنے بجلی زالکھ!!'

بدل ساتھ ہے آسہ ہاتہٕ رٲژتۍ آسہِ ہاپر ژھنے سُچ تر وومُت خاص گُرِتھ ییلہِ تس خبر اَس زِ راج چھے نبتھٕ نٔژ۔ تاون زداوس ژھٔلی نتہٕ بٔلی گند کھ تُجہِ زالان زنانہِ ستاو تُلنہٕ باپتھ۔

کمرس آسہ شیشہِ دارِ۔ تمن اوس اَندری کنی موم جامہٕ مُرتھ تہٕ تتھ

پٔژھ موٹہِ ییرٕچ سیاہ رنگہٕ کبأڈی کمل ۔ دروازس أندٕری آسہٕ تلہٕ کنہٕ ڈُنیچہٕ زچہِ دوٕگُل ئرِتھ مگر تہِ کرِتھ تہِ أس ہٕترزنتہٕ أڈجن تٔرِتھ گژھان ۔

دوٕ رِکتہِ تام أسی ہوٕنی میٔژزن کھوان ۔ یوٕت یہ وہ پھرائے تھدان أس تیوٕت تیوٕت أسی راجہِ خدشاتھ ووتلان ۔ تمہِ دِتی انہِ گُڑ سۓ اندرٕ رٕنس کُن وٕنی تہٕ وٕژھ کھوٕژی کھوٕژی ،

'ہوٕنی ہساظاہر.........'

'اہن بی ملٹری چھے'۔

رٔتی وون یتے ۔ تُمی کوڈ وارٕ وارٕ لیفہِ تلہٕ اَتھٕ تہٕ ہیٔژن پانس ژٕچھِنی کِنی قمیض سارٕنی ۔

'ہگاہ آسہِ شاہمتس کو کرباتگی نیرُن کریک ڈاونس'۔

کتھ کران کلییہ تس زبو ۔ تاہم وونُن اڈٕ کجہِ زیوی ،

'پٔژھ کیابی یٕم پھبرن زچہِ تام نالہٕ کڈناوان ۔ خوش چھِ گژھان لوٕکن وٕقرو النس'۔

تس گیہِ ہیرِ بونہٕ ہٕترٔ ستی دِنن ۔ خاص کرِتھ ووتلےیس شانن تل دَگ ۔ یہ دَگ أس تَس مٔنزی مٔنزی ہیتلان ۔ تُتھے ہٕر ووتھِ ہا، دَگ تہِ أس حاضِر ۔ بس یوہے اوس اکھ چیز یُس تس بار بار بُجرُک احساس اوس دِوان ۔

نتہٕ اوسنہٕ سُہ ہرگزتہٕ بڈٕ۔ سُہ اوس دۄر۔ نہ صرف جُسوار بلکہٕ مُرشہیُل تہٕ۔ شوقہٕ ہۄت۔ اَمار بۄرُت۔ شُر بن کیُت ہیۄت تہٕ کولیہ ہُند دلدار۔

راجہِ تُل اتھ تہٕ پھرنوۄن رٕنس شانن تہٕ وٕڑھ پانہٕ سیٖ ءستی، 'یمن لَڑٕ ھج۔ یمن تووُنہٕ۔ یمن گرٕ ھنہٕ.........'

تمہِ ہٕنزٕ و وتیزُن تہٕ زنانہٕ حسابہٕ پٔنن احتجاج لاگُن زِرٕئتی ژھنُس کھرنگ، 'بڈِمےٚ وَن بےٚ شۄری۔ نیٚبرٕ کنہٕ ہےٚ آسن...........'

دَپھ ونان ونٲنی ووٗتُن پانس تہٕ اَڈوتی چونٹھ۔ شاید گوس احساس زِ بےٚ شورٕ سندی پٲٹھی لاجہِ تٔمی پانہٕ تہٕ کربکہٕ دِنہٕ۔

اَوپتہٕ گوکھ دوٚشوٕنی بٲژن واریاہس کالس دَم۔ دوٚشوٕ ےٚ لٲج ماےٚ تہٕ روٗدی نبرٕ گُن کن دٲرِتھ۔ واریاہس کالس گونہٕ کہنہٕ۔ نہ گوٹاس نہ دُب۔ نہ ملہٕ نٲوکھ کانسہِ ہِندس دروازس ٹاسہٕ رارےٚ تہٕ نہ ژھٔٹ کانسہِ ہمسٲےٚ بایہِ نبصف راتن باکھ۔ زن اوس موتُن یُس انسانن ءستی جاناوارن تام اوس پھیوٚرمُت۔

چھرا اُسی ہوٗنی تہٕ تہنز وو پھراےٚ یوسہٕ رَژھ پتھ رَژھ تیزٲنی اُس۔ رٕہتس ووتلیہِ اَچھن اندر سارِ گاہکی کوچہِ۔ رَیہٕ ءستی ءکرٕ وِتھ تہٕ بول برازٲدِتھ اَنہٕ گڈ کوچہِ یموٚ اٲندری پکنہٕ دوبلہِ چھِ کھوژان۔ یمہٕ نےٚ کوچن اندر گرٕ پتھ گرٕ ہتھیار بند فوجی۔ بدبُتھی۔ کرہنہٕ تہٕ بدلحاظ تیتی زِ کتھہِ پٔتھ انسانس

ؤقر والان۔ کلن پیٹھ دُبہٕ تاوِ۔ کھورن لاٗ گتھ زاٹھی کھور بانہٕ۔

رٕتی کھوٚ قسم زِ پگاہ بدلاوِ ضرور بستر۔ اَکھتُے شونگہِ پلو ہیتھے۔ خبر چھا کرنتہٕ کرِ گرِ گرِ ھ نیٚبری کنی دروازس ٹھُک۔

شیٖراوس سونہٕ گوبُر ہیوٚہ سوٚر بنس پیٹھ بہتھ۔ پنجن اندر کھونکھُن ترٲوِتھ اوس ٲتی ٲچھ ٹوان تہٕ ٲتی موموٗلی کھر بوٚ زِتھ کھولان۔ اکہِ حسابہٕ اوس ذہنی طور ہُشار مگر ترِ سبہٕ اوس کھوٗت موکُت گرِتھ۔ تُمی تہٕ ییلہِ دورِ کتہِ تام ہونٛمن ہنزِ ووپھراے بوٗز، یکدم ووتھ تھوو۔ تھودٕ وُتھتھ پلہٕ نوٗون اَسمانس کن چونٹھ شاید ہوٚہس مشکھ ہینہٕ خاطرِ۔ اتہِ ییلہِ نہٕ کہنٛہ تہٕ باسیوس، تُجن لٔٹ سوٗکرِن لمبرس پیٹھ کن الف ہِش کھڑا۔ کن زٕ پھرِن برونٹھ کن تہٕ کوٗرن لوتی۔

'ووپھ'

اَتھ آس نہٕ فوری طور کانہہِ جواب۔ ہوٗنی اَسی دوٗرِ کتہِ تام سخ پاٗٹھی ووران۔ شیرن نومراٗوِ گردن تہٕ لوگ پننہٕ نٛمن زنگن تلہٕ کنہٕ زمینہٕ مُشکھ ہینہِ۔ اَو پتہٕ گو دوران تہٕ پھرُن ژھوٚٹہٕ ٹین دُبہٕ۔ تتھ دِژن دوٗنی تہٕ کورُن کاکنِ تِلمن تام پُلسہٕ واٗلی آیہٕ ملاحظہٕ۔ چھیکرس نٛمن چھہ تہٕ کھوت میرِ ہنزِ برنہِ۔ تتہِ پیٹھہٕ ترٲوِن سڑکہِ پیٹھ ووٹھ۔

پتہٕ کیاہ سپُد، تتھ چھنہٕ شہادتھ۔ تِکیاز راتھ کیٔت بہریونہٕ کانہہ

بَرٛ ژٕ رنہٕ کنٛز تہٕ وُچھنس ۔ دٔپھ صبح ییلہِ ووت، شیرِ وُچھُکھ منز باگ سٔڑکہِ دراز دِتھ ۔ سردی باوجود اوس تس سورُے پان ہنیومُت ۔ باسان اوس وُنی تہٕ وُنی نیر بس ٹاس ۔

چونکہِ ہوٗن چھُ مذہبن نجس ۔ اِ مو کھ تُلنہٕ کانٛسی پوچھ تاچھ ۔ صرف گٔری زنانو پانہٕ وٲنی قسم زِٲ کرِ تہٕ ہمسایِن اوسنہٕ تیٚتھ کینہہ رونمُت ییمہِ ستی شیرِ پھٹہٕ نس ییہِ ہا ۔

صبح گوٲدا تہٕ شیرس گٔرکھ زنگن رَز تہٕ نیوٗکھ کھکھرِ ۔ ہتھ تروُکھ گرٕ برٕ دوٗر ۔ یوت نہٕ پتہٕ تس ہوٗن تہِ نظرِ دنہٕ گو ۔

اَمہِ دوہہٕ صبحس کٔڈی کھیٚ نہٕ لوٗکھ ۔ نہ گو مشید ہند سپیکر پیٹھہٕ اعلانے ۔ نہ وا یکھ دار ییٚ ۔ راتس کیاہ اوس سپدُمُت تہٕ اَس یاتہٕ ہوٗنن خبر ییم رٲتی راتس وَوران اَسی نتہٕ تِمن ییم وُچھِتھ ہونوٕ ووپھراے لاٗج ۔

لوٗکو ترووپھرکھ تہٕ کھوٗلکھ دُکان ۔ شُری دراے مدرسن تہٕ بازرس لوگ دوہدِ شک چِری گیُش ۔

پیشن ہیوٗہ آسہِ ہازِ صمد اوس مزٕ سان خریدارس اَکس اصلاح ہوٗان ۔ تس اَسن وُنہٕ اکاے لب صاف گٔرمژ تہٕ دویمہِ طرفہ واینہٕ باپتھ اوس سُہ کھوٗرووتھران زِلارِ ہوت ژٲو صمدیُن نیچو وانس منز تہٕ باٗون مالس کیا

ہتام کوشیچھ کنس تل۔ صمدی بۄزتہٕ ڈولُس گوڈٕ بُتھِس رنگ۔ تمی ترووکھۄر اوک طرف تہٕ بیۄٹھ شیشہِ پھالوٕنزی نبرکُن تماشہٕ وُچھنہِ۔ دَپھ لۄکھ اَسی مزٕ سان اورٕ یور کران۔ اَکھتے اَس میزٕ تیل وانس برونہہ کنہِ دوہ کھوتہٕ تہٕ زتھٕے کنسترلاَن۔ زنانہٕ مرد اَسی کربکہٕ نادس ستی آوٕری۔

صمُد پھیۄرٕ ریتھ کُن تہٕ کھۄرِوٹان ووتھ خریدارس،

'بس هض خوجا۔ دویم لب گیہِ پگاہ'۔

خریدارس گیہِ رائے زِصمدی کوٚرمخولہٕ چنانچہِ تروو تمی اَسُن۔ مگر یلہ تمی صمد ناوِد یزی پاٹھی صابن وُچھ ووتھران تس کھوت جکھ تہٕ ملناوُن تھِھ۔

اَتھی اندر گیہِ وانس برونٹھ کنہِ ملٹری ٹرک کھڑا تہٕ امی اَندرٕ وۄتھی در درکران فوجی سپاہ۔ وسان وساَنی کھُتی نفر جوراہ ناوُد وانس منزٕ تہٕ ناوِدس ستی ستی کورُکھ خریدارن تہٕ لبٹھ لورٕ۔ یہ کوڈُ کھصابنہِ بُتھ ہتھ نبرتہٕ کورُکھ منز باگ سڑکہِ نرِہٕ زٕ اَسمان کُن تُلتھ واندُ رہیۄ کھڑا۔

وُچھان وُچھان گیہِ ناکہٕ بندی۔ لۄکن گوتی یہِ واریُل وُچھِتھ چھُ جاناوارن گرٕهان۔ فوجن کٔری کوچہِ گلی بند۔ تمو دِتی بدروَن تھوپِٕ۔ لۄکن واجکھ تھاپرٕ بییہ کجہِ ہکھ لبکہٕ تہٕ کرِکھ ساَری منز باگ سڑکہِ جمع۔ جمع کرِتھ بیہناوُکھ زبردستی پتھر۔ زنتہٕ جبری سکوٕلکی روگردارن شُری۔

زُولرزٕ تہٕ بے۔ تمن گوسہہ وُچھتھ شال۔ عأن تہٕ غأن پیوکھ خرگوش لاگُن۔ اما پوز ترآوہن کس۔ وانہٕ وأنی وأ لِکھ وانو پیٹھ۔ خریدارن گیہ پھُٹجُن تلأشی۔ زنانہٕ تراوکھ دوٗنژھ دِتھ یلہٕ تہٕ شُرہن وأ لِکھ سروٗنٹی ڈانگ۔ زنانہٕ موہنوس أکس ییلہِ اُتھس اندر رٔٹتھ لفافہٕ وونکھ ہاوُن، پھرٹہٕ ستی پھرتمہِ مرژٕ وانگن پھکھ پتھر۔ سُہ کُس وُچھہِ ہارب تہٕ کُس سارہا سریہہ ییتی نس مول تہٕ تتی نس نیچو۔ ییتی افسرتہٕ تتی اردٔلی۔ نہ رُوٗ دسونیٹ نہ میہماندأری۔ پژھی یم أسی تمہ کٔڈکھ بازرتہٕ عامس تہٕ خامس اندرکرنأوکھ أنجل۔ ذی یژتھ لوٗکن گیہ تژھے ہش بأش یژھ دلہٕ ہندہن بتأے وانن برونہہ کنہٕ بہتھ بیچھ فقیرن چھے گژھان۔ خریدارِیم أسی تموتراوِ ہارے، کنہٕ مُفتے ژٔلی سوداہتھ تہٕ کھٔتی ہیمہٕ ستی سڑکہِ ہنز پٹرِ۔ دُکاندارِیم أسی تموتوٗل چھوٗن۔ نتہٕ گنکھ اتوٗلے تہٕ ٹُلنأوکھ تِھس۔ مکانہٕ والو تھوِ دارِتر وپرِتھ تہٕ أتھی ستی سپز کاروأیی شروٗع۔

پھبرن أسِکھ لوٗکھ برونٹھے نالہٕ أندر کڈنأوِ متی۔ اکثر أسی ٹوپہ اُتھن اندر رٔٹتھ نمبرس پراران۔ وُنہِ اوس کینژ وِے گاڈو بروٗنٹھی کُنی طواف کورمت زِ ہنگہٕ منگہٕ سپُد تہِ تیمِک نہ کأنسہِ گُمانے اوس۔ نہ تمن یم خرگوشہٕ سندی پأٹھی أسی پان کھٹان تہٕ نہ تمن یم بوٗندوق کہِ زورِ پٹن اٗسن أسی تھکہٕ وان۔

دلیل گیہِ۔ تتھۍ کٔنز زِ کانڈۍ رٕہند کوچہ کٔنز دارو کرِہنز جتھ کٔرتھ جسوار ہوٚن۔ یہِ دراو پننہٕ مزٕ تہٕ شاید یمہِ کتھِ نشہٕ بے خبر زِ بازرس چھےٚ نا کہٕ بٔندی تہٕ مَچھِہ چھُنہٕ امہِ وِزِ پکھہٕ وانِس اجازتھ آسان۔

ہوٗنی چھہِ اکثر پٔچ وانن برونہہ کنہِ ڈیر دوأنی۔ییلہِ تٔمۍ کوچہِ گلہِ نیرِتھ پٔچ وانس کُن پھیرُن ہیوت، گُلِس تل کھڑاأ کی فوجی وردی وألی کورُس فوجی آیہِ روب۔

''اے''

مگر أتھی ستی ہوونس بوندوقُک تہِ بیم۔ ہوٗنی کھییہ ووٹھ۔ سُہ ژول پتھ۔ اَوپتہٕ ییلہِ قدم ٹھہراوِن تہٕ پتھ کُن گردن پھرتھ فوجی نظرِ کوٚڈُن، پتھ ژلنہٕ بدل آو برونٹھ تہٕ دتُن ہوٗنی آیہِ جواب،

'ووپھ'

یہ واد کرُن گوٚ وردی وألس مشکل۔ سُہ تہِ لوٗکن تھی۔ چنانچہ دبأوتٔمۍ بوٗٹہٕ ستی زمین۔ ہوٗنی لأج یہ وُچھتھ أورزٕٹ۔ تمی لوگ رینچہٕ ہندِ أندرے زیوٗٹھ وَدن وان۔ ووپھراے گیہِ زیٹھان تہٕ ہوٗنی تہِ گیہِ سمان۔ سڑکہِ پیٹھ لوگ بدلے شوٚغلہٕ۔ سنجید لوٗکو تہِ لوگ وَژِھ وأنجہ ژرِپوٚپ کرُن۔

لوٗکہٕ ہُند ژرِ پوٚپ گوٚ وردی والین برطبع۔ تمو وایہِ لورِ تہٕ

کھۄلِکھ دُطرفانہٕ محاذ۔

''حاًرانگی ہنز کتھ چھےٚ زِ وُنی کێس چھُنہٕ سانہِ محلہٕ کێن ہوٚنێن رژھ تہٕ خیال زِہم چھِ وو پرِ محلکی ہوٚنی''۔

یہ حبس پیوٚ وأکس سکول لڑکس ییس شاید ہوٚنێن ہنز پۆر پچھان اُس۔ سُہ اوس کھوٚڈ کلہٕ کُرِتھ ملٹری والێن ژوٚ رِسورُے تماشہِ وُچھان

''شاید چھےٚ یہ مشترکہٕ دُشمنس خلاف ہوٚنێن ہندِ اتفاقٕچ وأحد مثال۔ اتھ اندر چھُ اسہِ کیٚت تہِ سبق''۔

یہ وون أکی نواجوانن یَس بچارس ربہٕ ستیٚ أچھر وال تام أسی بُرِتھ۔

''رَژِھ کھنجی سہی۔ دِ پو مشترکہٕ دُشمن وُچھِتھ چھُ ہوٚنس ہیوٚنجس تہٕ موردار جانورتہِ پننی ذأتی مفادات پس پشت تراوان''۔

یہ کتھ کُر لیڈر آیہِ قراقُلی ٹوٚپۍ دِتھ أکی سفید ریش بُزرگن یُس بچور پانہٕ تہِ ہوٚنی ہندِ أندرَے نالہ دَمس پٮ۪ٹھ بہتھ دوشوے کھور نالہِ ییور تأرِتھ ہتھہٕ کُنی پیوٚ ٹھُس پٮ۪ٹھ تھاًوتھ اوس زنتہ اوس گرِ دیوان خانس منز آرامس۔

بہر حال روٚز جانورس تہٕ انسانس درمیان یہ کشمکش پہرس کھنڈس جاًری۔ یتھ اندر پوٚتُس ہتھیار بند ٹوٚلے پسپا سپدنس پٮ۪ٹھ مجبور گوٚو۔ لاوُڈ سپیکرَ وکورا علان زِلوٚ کھ ہبکن نیرِتھ۔

سُہ دوہ تہٕ سُہ ساتھ۔ ہوٗنٛن ہُر یوٗ گامس منز یُژتھ۔ تمن کھوت مرتبہٕ۔ گامہٕ وٲلین ہرگاہ پوٚژھ لوٚژھ یِیہ ہا،اَن کتھ اَسی ہوٗنٛن ہُند بجر تھٔکان۔ نوش کوٗر یودوَے بتہٕ کال رٔنہٕ باپتھ لیجہٕ کیپٹ وَے کڈِ ہا، ہِش موج اَسس پاٗدی پاٗدی ونان،

"اَتھی ہِہی، ہوٗنس کڑ تراٗوِتھ موٗٹھ کھنڈ ژٕرے پھٔن"۔

خانہٕ داراوس عیالہ باپتھ ژوچہٕ ہبنہٕ وِزی گنز رِتھ ژوچہٕ ٹُلان ہوٗنی ہِندِ باپتھ۔ شُر بوٲلی گۄشوقہٕ سان دستار خانہٕ پٮ۪ٹھے ہوٗنی ہِندِ باپتھ اَڈجہٕ پھٕلی سومبرٕنی۔

اتھ مقابلہٕ کور ہونو یِہ زِ تِتھے کانہہ وردی پوش گام اندر نظرِ گژھ ہیکھ، کوٗچ کٔرِتھ اَسی اَکس جایہٕ جمع سپدان تہٕ اوٚپتہٕ اَسی تیٚژ وو پھراے لاگان زِوردی وول تیمی وَتہِ آیوو تمی وَتہِ اوس واپس نیرنس پٮ۪ٹھ مجبور گژھان۔ سُہ دُبل آسہِ ہا کنہٕ روتُل، ہوٗنی اَسی خودکار مشینہٕ ہِندی پاٹھی تیار۔

گامہٕ والین اَسے وردی پوشن ہنز کھٔر۔ تمہ اَسی اتھ صوٗرت حالس پٮ۪ٹھ بِلکُل مطمین۔ خاص کٔرِتھ اَسی ہوٗنی کُنہٕ تہٕ خطرٕ برونہہ ژینہٕ وَن دِنک سبٕتھے اہم ذریعہ۔ چنانچہٕ رٔچھی تمو ہوٗنی۔ اَکھتُے پزٕ کھوتہٕ ژٕری۔

اتھ صوٗرت حالس پٮ۪ٹھ قوبوٗ پراونہٕ باپتھ کوٚر حاکمو بدل اقدام۔ محض پننی برتری ثابت کرنہٕ باپتھ تہٕ لوٗکن پٮ۪ٹھ دباو قایم تھونہٕ باپتھ

آیہ سڑکن پیٹھےٟ مورچہ بندی کرنہٕ۔ سیمٹھ ترووڈن آیہ میٹ برنہٕ تہٕ آے تم اکھ
اُکس پیٹھ نالہٕ کھاٗری کھاٗری منز باگ سڑکن دیوار بندی حسابہٕ وَہراونہٕ۔
وتن گنڈی تارو ہراٗ وِتھ آیہ تمہ وارے تنگ کرنہٕ تہٕ سمیٹھ تگلن اٗندٕری کِنی سپز
کمرِ بندی تہٕ۔ شاید اوٚ کِنی زِ اٗندر کنہِ سپد رنہ پوٚ کرنٹ تہٕ انتظام۔ اکہ
حسابہٕ اٗسی یم مستقل ٹھکانہٕ یم کوچہٕ گلین تہٕ کٕدلہٕ ہینہ پیٹھ، خاص کٔرتھ ژٕوتین
پیٹھ بناونہٕ آے۔

وونی ییلہِ تہٕ بازرس ناکہٕ بندی گژھ ہاتہٕ فوجی اہلکار اٗسی نہٕ گاڈین
کینتھ یوان بلکہِ اٗسی یمہٕ وٕ ے مورچو منزٕ کوٚچ کٔرتھ نیران۔ وتہٕ کرباٗ گی
گژھن بند تہٕ کرباٗ گی کھُلن، تہٕ اوسنہٕ ہرگز فکرِ تران۔

پتہٕ سپُد یہ تہٕ زِ وارٕ وارٕ ترووہونوٚ تہٕ اڈراتن باٗگی وورُن۔ سوٚ کتھ
اُس نہٕ زِ راتس کیا آسہِ ہانہٕ ہٕنٛز تہٕ سپدان۔ سڑکہٕ کیا آسہِ ہن بلکل
واٗران۔ تہٕ اوسنہٕ۔ اکثھے ییلہِ مشیدٕ واٗلی نماز پٔرتھ صبحس گراژ ہن کانہہ نتہٕ
کانہہ شیچھ ہیتھ اٗسی ضرور یوان۔

'اَزٕ پیوٚ وفلانین راتھ کیٚت چھاپہٕ'

'اَزٕ نیوٚ کھ فلاٗنی سُند نیچو بسترٕ منزٕ کٕڈتھ'

'فلانین پراٗٹھ وانس پوٚت لب'

'فلانین کوڈُ کھ ژٕنہِ گنجینہٕ منزٕ اخبار'

بۆ ڈ پھرٹہٕ پھرٹھ اوس یہ تہِ ۔ دَپھ خطرٕچ پیشین گوٗیی کرن والی
ہوٗنی آسی لگاتار خاموش ۔ تِم نہَ آسی ووتھان تہٕ نہ وددان ۔ حالانکہِ دوہَی
دوہس آسی آسان کوچہِ کوچہِ پھیران ۔

لرزٕ ستی ترووِلوٗ کویسلہ پاٹھی بازرٕ ے نیرٕن ۔ نہ آسہٕ ڈ پھرٕ ے تہٕ نہ
سہٕ یُن گرٕژھن ۔ شُرٕ ہن تہِ موٗٹھ گندٕن ۔ آفتاب لوسہٕ وُنے ییلہِ ساری باٹژ
گرن اندر شروپہ ہَن ، ؤٹی برن آسی أندٕری کَنی کنز تھوان ۔

آنتہٕ گیٕ کَنی گیہِ رٕژتس اَز بییہ اکہِ لٹہِ برارزٕ ن ۔ سہٕ دراو ہر گرٕتھ
بستر منز نبر تہٕ کُنی دور ہتھ ژاونٕس باتھ رؤمس ۔ بلایہِ اتھ خوفس ، شامہٕ پتٕی
نےَ آنگن اندر نیرٕن خطرناک آسہِ ہا ، گریسی ما گرٕژ ہن کُٹھن اندر گسہٕ
ٹچہِ بناونس مجبوٗر ۔ تِمن ما آسہِ ہا انگریزی طرزٕ کِہن باتھ رؤمن ہُند یتھ حدس
تام چکہِ چاوزٕ زِ ندٕ رتام سپدِ ہیکھ کاٗمٕنی ۔ پتٕھہٕ کوٗرٕ رٕژتی زیادے پہن کمال زِ
ووزلہِ پاٗلشہِ دار سیمٹہٕ بدل کھارناوِ ن باتھ روم چَن لبن تالوس تام روغنی
ٹاٗلہٕ ۔ اندرأ ژِتھ اوس تیوٗت خوش کران زِ موم بتہِ ہندس موموٗ لی گاشس تہِ
اوس سفید ٹاٗلو پتٕھہٕ تیوٗت نوٗرٕ پریڈان زِ سورٕے فضا اوس اَنہٕ خانہٕ باسان ۔
کھوکیتھ تہٕ کیاہ ، تہِ اوسنہٕ رٕژتس یاد ۔ دپھ ییلہِ حاجتہٕ وزِ سفید چینی کموڈس
پتٕھ بہان اوس ، رٕ حوت اوس وُ ڈان ۔ پتٕھہٕ ییلہِ شستٕرِ وہانکلہِ درٕ گرٕتھ آبہٕ

شورُوسہِ ہا............

چنانچہِ ییلہِ گیز رآب، کس حسین تصورس ستی آوُر رٕتی میرن آنگن بَرکھوٗل، یکدم گیہ کوچہِ گلہِ پٹھہٕ کربکھ ۔

'ہالٹ...... ہاتھ اوپر کرو!!'

کربکھ بوٗ زِتھ گورٕتِس پھرٹھ ۔ تس ڈجہِ اناسیرٕ ۔ حسبہٕ ییلہِ پھیوٗر تہٕ اَدِ تو رُس فکرٕ زِ شوٗٹھ چھُ ظاہر زیادے سُلہِ مشیِد درامُت ، شاید ما آسکھ نہٕ وُنہِ بانگ تہٕ پرٕ مژ ۔ کوچس اندرٕ اسی فوجی دوٗردوٗرتام چھکرِتھ ۔ کئلہٕ پٹھ کِس بنکرس اوس بجلی بتمن ہُند پزنہٕ پیٹھی گاش ۔ دَپھ تہٕ آسِتھ تہِ اوس نہٕ فکرٕ تران زِ بنکرن بروٗنٹھ کنہِ کیا چھُ ۔ اکہِ حسابہٕ اُس ژ‍‍‍ٲنکس تلہٕ کنہِ گٹہٕ ۔ اندی اندی روشن تہٕ ژوٗک تل اَنہِ گوٗٹ ۔

رٕتِس پھربکھ نرٕ ۔ اچھن دِتھس تھوٗپ تہٕ اُس کھولنہٕ ورٲیی کورہس ژپنِدوٗل تہٕ سوٗ کھ پتھر ۔

رٲج اُس اندرٕ کنہِ رٕنی ہندِ بدحالہٕ نش بےخبر وُرنہِ تلی تہٕ خیالو اندری کالے مانڈی متس اٹس پیر بناوان ۔ تس اُس یہاے یہٕ ژکام زیادٕ پہن گوبان ۔

گاش ییلہِ پھیوٗر، حسب معموٗل آے گامہٕ زٕھی بُلاونہٕ تہٕ اکھرسپُد

تھندی زورٕ کینژھا فی مأفی تہٕ کینژھا زارٕ پارٕ گٔرِتھ پیشنس بأ گی رٔحتی میر آزاد۔ سُہ واتنوٗ کھ گرٕ یہ ڈٔپِ زِتہٕ لاش۔

تس یُس حسب حال اوس، سُہ وُچھتھ کھوٗ گأمی گامن تراس۔ راجہٕ ہنٛز چھَنہٕ کتھے، کمن کمن ژاولرٕ زِ تہٕ دلن گأ کھ وَٹھ۔ رٔحتس أسی اتھہٕ کھور وُ دی۔ بُتھِس أسس بے شمار زِل۔ مس بٔرِگن منٛز باگ نٔنی تالہِ تیتی سرٔنی کھٔش زنتہٕ سرٔنٹی بُلیڈ أسی ہس وأ لی مٕتی۔

وٕنن والوٗ وون زخمن پیٹھ واریاہ۔ دپھ ییلہ رٔحتی میرِ حبہٕ پھیوٗر تہ تمی پننہِ زیوٗ دلیل وٕنی، گام گورٕ ہتھ۔ زن پیوٗ ولٕ کن وومیزن ڈوٹھ۔

"ییلہ گنڈ تر وو ہم"، رٔحتی وون پانہٕ، "مے ترٔ و برانتھٕ۔ دپھ لوٗیم نہٕ کأنسی۔ نہ کڈٕ کھ لکھ۔ چھراپو وہس پتھرٕ تہٕ أچھن تھوٗپ دِتھ پکنو وہس کھکھرِ۔ اَنہِ گٹِس منٛز کیاہ سپُد تہٕ چھم نہٕ خبر۔ دپھ ہونوٗ لأج ووپھراے، تہٕ بوزُم گنو۔

واریاہ پٔتھ ییلہِ تھکھ ہیوٗ دِتُم، ہنگتہٕ منگہٕ وژھم الغأبہِ شراکہٕ۔ زن وأجکھ لیٔتر۔ تالہِ پیٹھہٕ کھورس تام سنے یم گنڈی تہٕ جأرِس پیٹھ وأتتھ ییلہِ پچہِ کھوجَم، أندی أندی وُچھم چھراہوٗنی"۔

رٔحتی گٔرِژھو یہ تہ او پتہٕ ووتھ،

''پنہٕ نی ہسا۔ کُل گاہکی ہوٚنی ۔ ہونوٚ سواے نہٕ اکھ فردِ بشر''۔ یی
ونان گر رٕتی بییہ ژھوپہٕ۔ تس ووتلیو اُچھن اندر نوِ سرٕ خوف۔ پانس
وُ ژہس لیفہِ تل اُستھ تہِ تھرٕ تھرٕ ۔ بُتھ گوس ووزُل۔

'تہٕ پتہٕ.............؟'

کمی تام کور سوال۔ تس اوس شاید بدل کیاہ تام اندازٕ ۔

'پتہٕ کیاہ!'۔

رٕتی ہند بدل ووتھ گامہٕ زیٹھ،

''اُسی ییمہِ ساتہ واتی شاید اُس بنکر والو چاے موکلاٚومژ چِتھ ۔
ہوٚنی اُسی بنکرس نیٚبر کنہ ملٹری والین ہنزٕ گبو دارژو چہ کھوان۔ تم اُسی اُتھی گل
گوشس تہٕ اُسی سمکھی افرس'۔

o

# حکمت عملی

آنگنس اندر وأتِتھ ییلہِ رحمان میرس آسمان کُن نظر پییہِ، تس آو سوٗرے اوند پوکھ گیری بَچہ کران بوزنہٕ۔ دستار پیوٚ ویکطرف، تولیا بییہ پاسہٕ تہٕ ڈُل ووت ڈُلوان ڈُلوان آنگن برٕنبرَ۔ پنہِ پَشہِ زیہہ پٹھہٕ أمرخان نس ٹاورس تام کڈٕن زٕٹھ پنہٕ داو کورٕ ٹیلیفون تارِ ہٕندی پاٗٹھی چمکان نظرِ۔ رحمان میرن کھاٗج وأنجہِ أندرٕ کرکھ،

'ہیا۔ یتھ تاپہٕ کرایہِ منز کوتو چھکھ اَتھ ٹینہٕ پٔشس کھوتمُت۔ ٹُلہٕ پٔچ داغ ہا گژھ ھنے تلہٕ پدٕ ہن'۔

بشہِ لالن بوٗزنہٕ ظاٗہر۔ تس آسہٕ ہیور کُن نظرِ موکجہِ۔ پٔتنگ أس زٔمینہٕ ہٕندی ساٗری ٹھٔری ژٔتتھ وسیع آسمانس اندر ہورٕ یور کران۔ أتھی منزٕ پٔچ سوٚت واوِ رِنگ تہٕ پٔتنگہِ دِژٕ لرٕ مگر بشہِ لالن ہاٗرنہٕ ہمتھ۔ تمی کوٚر پٔنس دویو دویو اَتھو درسہٕ۔ بیا کھٕ رنگ پٔچ تہٕ تس ژول بڈٕ نیرتھ،

'ہُرّا'

اَمہِ پتہٕ ترووٗن کھُلہٕ ڈورٕ۔ وِچھانٕ وِچھان لوٚگ پنہٕ نلکی دام۔

'گلیا دیوٗ ڈور'

اَسمان کُن نظر کری تھے پلہٕ نو وبشہِ لالن نچوس کُن اَتھ۔ گُل اوسنہٕ کُنی۔ بشہِ لالن ییلہِ نہٕ دویمہِ پھرِ تہِ جواب بوٗز، سُہ پھیوٗر پتھ کُن۔ گُل اوس ووگہٕ ہیرِ نش زاُلی دار پنجرِ پٹس تل یہ ڈٕلی زِتہِ مُکان۔

'ہیا بیقلا۔ روشان چھا۔ دوپمے ناژ چھکھ وُنہِ لوکُٹ۔ ڈورٕ تگی نہٕ رٹُن'۔

گُلی پھیُر بییہ پأری بُتھ تہٕ تروُون لمباسہٕ۔ پنجر پوٚٹ اوس تمہِ آیہِ ووُدنی زگلس اوس شیہلہِ کھوتہٕ زیادٕ تاپھے پیوان۔ خاص کُرِتھ کھاسرِ۔ سُہ اَوکنٕ زِتہِ نس برابر آسہٕ دارِ پٹس کمربے نیرِتھ آمژ۔ بشہِ لالس پیوٚ وحبس تہٕ ووتھ خشمہٕ سان،

'یہ کتیوٗ اونُتھ پنجر پوٚٹ کڈِتھ۔ قتل ہا کرنے بونہٕ اگر وُ چھنے۔ گوڈٕ کُسوٗ شُہل وأتی اَمہِ ستی'۔

گُلی تُجہِ دارِ پٹس کُن اُچھ۔ تمہِ کیو گدبو منزٕ اوس تاپھ تتھے کٔنی پریڈان یتھٕ کٔنز البو منزٕ خوشک سکھ نیرِتھ چھے ژلان۔ پتھرِس پیٹھ آسہٕ تاپہ ٹیکین ہنز مختلف شکلہٕ بناوِتھ۔ گول، تِکوٗن، مربع تہٕ بییہ تہِ واریاه۔ گُلی کوڈ اکہِ گدِ منزٕ ہالہِ مأدان چو بونو پیٹھی کٔنز وتہٕ وُن تارُکھ نظر۔ سُہ تہِ تاپہ کرایہِ منز۔ پتنگ اُس تختِ سلیمان کس شنکراچار مندرس ستی جت

کرنس تیار۔ گُلی ییلہِ مالُی سُند کمال وُچھ، سُہ گوٚ و ہکہٕ تھودٕ ژتھ تہٕ ووِیُن

زورٕ زورٕ ژٔرِ پوٚپ۔

'گُلیا پَن ہا'

بشہِ لالن دِژ اَسمان کُن نظر کٔری تھےٚ کربکھ۔ سُہ پوک اکھ قدم برونٹھ۔

'ہیا ہتا ...نہٕ ما پکھ۔ لاینہٕ ہا پکھ'۔

یہ لأ جرحمان میرن بونہٕ پیٹھہٕ زنتہ زِسہِ أندرٕ کربکھ۔ سُہ اوس منز

باگ آنگنس ننہٕ ووُرے تہٕ ووڈٕ نوٗنے مژر کران۔ ہیور کُن نظر کرنہٕ ستی

أس تس گردنہِ ٹسہٕ رائے ووتھان۔

گُلی رُکوٕ اَسُن تہٕ ترووُن بغلس اَتھ۔ پنہٕ نلکی أسنہٕ اَتہِ۔ تس پیوٚ و

حبس تہٕ کوٚرُن دریافت،

'ٹاٹھیا ژےٚ کژٕ نلکی خرچاوِتھ اوتام'؟

'ترےٚ ہا !!

'اَدٕ تیلہِ کتہِ چھےُ ڈورٕ'

گُلی دیُت اتھہٕ پیٹھی حساب تہٕ پھرُن چندے دُبہٕ۔

دپان اپالوآٹھس لجہِ تیژٕ ہارٕ زٕری وادن سوٚمب ییہ ہا کل کشیرِ

رَسد، جومہِ پیٹھ ترِ ہا کشیرِ ریل، تیوٗت بوٚڈ بجلی گربنہِ ہا وولرٕکس آبس زٕأسی

تہِ آسہوسٹیڈیمس منز راتھ کیُت کرکٹ میچ وُ چھان ۔ کُجا بودی امریکہ تہ کُجا بودی ''ریاست جموںٕ کشیر ولداخ واقصاے تبت ہا''، نام بڑا تہٕ گام اُجاڑا۔

بشہِ لالن کوٚ ڈ پرتھوی راجنہِ أنٛدرے 'مغل اعظم' سُند فرمان،

'گُلیاژ گرژھ روسُل ہرژس۔ دپُس زِ ہ پنہٕ نلکی دِفورن۔ ڈیٛلی زبس یم پانژھ آنہٕ دموے کاٗلی کبتھ پہلاہس پپٹھِ۔ گُلی ہیوٚت نیرُن تہٕ بشہ لالن کوٚرُس پوٚت آلو، ''ڈیٛلی زبس ہاڈایہٕ آنہ نلکی دِنہٕ۔ ینادونہِ ہنز رٹہٕ ہس۔

گُلی روٹ حکم تہٕ کٔن ووگہٕ ہیرِ لانپہ زِ۔ اماپوٚز کاٗنی اندرواتہٕ وُنے گوروٹہٕ۔ مصرن اوس ظاٗہر تو ہند پکُن بوزمُت ۔ تمہِ دِژ دانہٕ کُٹھِ أندرٕ ے کربکھ،

'ہیادٕربدریا۔ تیمس بأیس کٔری زِ ہا اَمہ کھوتہٕ تھچھ۔ دربدرہا کوٚرکھ أمی مائی' گُلی دِژ اندر کُن ژٔو رنظر۔ نکہٕ اوس وُٹی برس تل برژھہِ برژھہٕ کران۔ تس پھیوٚ رمنشہِ مگرہستی کوٚرن فاصلہٕ تہٕ وَژھہِ واُنجہِ ترآوِن گنوٚن لہر

'چلی چلی رے پتنگ میری چلی رے۔ ساری دنیا یہ دیکھ دیکھ جلی رے'

ہیرِ وسنس لوگ نہٕ تس برُنز مگر آنگنس اندر واٗتتھ گوبیس کھور۔

رحمان میرا وس ملٹری وول ہیوٚہ برنہِ تل کھڑا بشہ لالس مُدٕے کٔرتھ

وِچھان۔ گلی کورجگرٕ تہٕ نین نوِسرٕ جیپ سٹارٹ گرِتھ۔ شیٹھ میل سپیڈ ترٲوِتھ

ژول رحمان میرس کرٕژھ ٹلی۔

'ہیا تلاوس خودایہٕ سندِ پاسہٕ'

رحمان میرن ٲسی ووڈنی ہتھیار ترٲوِ ءِتی تہٕ اوس زارٕ پارس پیٹھ

آمُت۔ تس اوس رِکھہٕ اٚڈجہٕ تام عأرق پشیمان۔ منز دُپہرس ٲسس

ژوواپٲری گٹے گٹہٕ لبنہٕ یوان۔ تٔمی ترووو وش تہٕ دِژن سأدصأبنس تھدِس

برنگس کُن آرٕ برٕ ژو چشمو نظرتہٕ اٚتھی اندر گودُعا تہٕ قبول۔

مصرٕ ؤژھ دُب دُب کران نچُو ہتھ ہیرٕن۔ تمہِ ترووسہ ُتتھہٕ پأٹھی

بٔڈی بس برونہہ کنہِ زِلتس ژٔج کرِتھ نیرِتھ۔ ٔنکی کرِتھ بۆ زِتھ آو رحمان میرس

عجیب خیال۔ سیاست دان حسابے ترووٗن اُسن تہٕ دِتن نعرٕ،

'اَل ہُر بل ہُر'

سُہ گوٚتہٕ کھوٚلن گاو ہندس ٹکلس گدوم۔ سُہ گونڈن اکہِ اَندٕ

دوسہٕ ہُٹس تہٕ دویمہِ طرفہٕ ترووٗنس نکہٕ باردانس۔ پانہٕ گو تہٕ بیوٚٹھ اَندگُن

شِہلس۔ نکن ییلہِ پٔتن پان بلایہِ اندر گرفتار وُچھ، تٔمی تُل اَسمان نکھس اماپوٚز

تسنز کرِتھ وأ ژنہٕ زیادٕ ہیوٚر۔ خبر کیأری آو جہاز وُڈان تہٕ تسنز آواز گیہ اَمہِ

کہسے شورس تَل غأب۔

'ٹاٹھیا۔ یہ گوامِک فایٹر؟'

گُرِ کور پنزِ مہِ پنہٕ رپلہِ لیبل ٹلان سوال۔

'آسہِ ہا۔ خبر'

ظاہر کھوت نہ بشہِ لالس فکری۔ اَوے دِتُن یتھ جواب۔

'دپان امریکن مراج چھُ اَمہ کھوتہٕ تیز؟'

گُلی یوٗ ژھ کلامہٕ جاری تھوٗن مگر بشہِ لالس کھوٚت نہٕ سہ تہِ فکر تکیاز

وُنی کبس اوس تہندی قرمزِی رنگہٕ سایبر جٹن کر کہٕ کربکھ کروٗن ہوایی جہاز

خبر کیاری دَو کٹ نو مُت۔ بشہِ لالس گیہ ہمتھ تہٕ بڈِ دِژن کربکھ

'نالا اے حیدری'

گُلس اوس وُنہِ 'یا علی' کرنےٚ زِتس برونٹھےٕ دیُت آنگنہٕ اندرٕ نکن

جواب۔ وِدان وِدان اَالتس شاستی کھٔرژٕ مِژ۔

نِکُن وِدُن بوٗ زِتھ گوفھایی وُڈو کروٕنس شاہسوارس یکدم زمینہِ

ہندس رسد گاہس ستی رابطہٕ بحال۔ زمینہٕ ہنز کشِش گیہ زوراوار تہ سُہ گو

بون کُن نظر تراونس پیٹھ مجبوٗر۔ اَتہ ییلہِ پٔنن نیچو تاپہ کرایہِ اندر ترودِ

وچھُن، یکبار آلیس مغز ڈنجہٕ۔

'ہیا ژےٚ کتیوٗ چھےٚ عقل؟'

'ییتہ ہاژے'چھے۔

'اُمس ماہو کھن چانچہ؟

'ژے تہٕ ہے ہو چھے۔ تمیک کیاہ چھکھ ونان؟

رحمان میرن زون زِ تسنز حکمت عملی گیہ کامیاب۔ تمی اُنی جچیرِ تہٕ لوگ کھُلہ ڈُلہٕ تموکھ چینہٕ۔

گُدوم اوسنہٕ ستہٕ پینہٕ گاوڑ ژتھ ہیوٚ کمُت تہٕ نکہٕ بچور کیاہنیکہ ہا کرتھ۔ تمی تچھِ زنگہٕ۔ بشہِ لالن ییلہِ نےٚ زبانی شُری ہنز حالتھ وُچھ، سُہ ووتھ رِسے بون۔ نکس مُژ روٗن گنڈ تہٕ شہلس کُن ہتھ کورنس کُرہتنہِ دامنہٕ ستی واو۔ رحمان میرن ترأ وییہٕ اکہِ پھرِ ہیور کُن نظرِ۔ ڈورِ اوس کنہٕ ویرِ پھسیومُت تہٕ پتنگ اُس وسیع آسمانس اندر گنڈِ لجمژ ہوٚ کھرِ ہندی پأٹھی پان موکلاوِنہ باپتھ جستہ خأز کران۔

o

وَ ئے لئے گئے کئے ئی

ئی ء ئی

# اِرتقا

انگریزی شوٗ چھان ییلہٕ نہٕ پاچن ژٕوٕ رِمہٕ پھرِتہٕ 'ہوٗ کوٚر، دوٚدَن دِژٕس گُنی کھوٗنِکل۔ پاچس کھوت جکھ تہٕ ووٗن۔

'روٗٹن ہٕہر۔ وِچھ گُس سین کوٗرن ضایہٕ'۔

'ناتہٕ یتھ ہے بُنیٖل گژھان چھُ ؟

'ہیا اَہنوٗ' گرِتھ گو پاچہِ لُٹھی کجہ ہیوٗہ وٕتھتھ تہٕ ہیٖہ ہاہالہٕ نبر دوکڈٕنی زِماشٹرن دِژٕس پھرٕن نالس تھپھ تہٕ بٕہنووٗن سپہٕ۔

وُنہِ اوس سُے سٕین۔ وَن ہاپُتھ ہیوٗہ انسان اوس تس نکھس لٕدِتھ زرٕنڈ ومنزی دوران تہٕ سوٗ اٗس گرائزِ وایان، گرازنگہٕ تچھان تہٕ چکہٕ دِوان۔

'یہ چھےٚ تمہِ زمانٕچ کتھ'، ماشٹرن تھوو کلامہٕ جاٗری، 'ییلہٕ نہٕ اصولن تہٕ قونوٗنَن ہنز قلاے اٗس۔ اَدٕ گُلس کھژٕاٗے تہٕ یڈ بٕرِتھ کھنا چنا کریوو تہٕ یتھہٕ گٕنی خوش کرِ ہیکھیا ییس گُن دِل لگہِ ہیکھ ..........'

پاچس کھوٗت اٗسس پوٚس۔ تس اٗس تہٕ تن چھوکہٕ کاکدس وٕلِتھ ڈوڈِرو پیہِ ہنز تھنہِ چاٗڑی ہش۔ مندل کھانٹھومنزی کٕچھ تام تٕر، گردَنہِ الاٗنز سٕینس ٹھوٚرگرِتھ زٕٹھ کاوِشٕبی مال۔ تمہِ سوٗرے ننگے۔ وَن ہاپاپُتھ ہیوٗہ

انسان اوس ہیٚرِ بوٗنہٕ کرٕہنٛ جتھ کٔرِتھ۔ قدمہٕ قدمہٕ ژٕہران تہٕ تَس کُن وُچھتھ دند چیران۔ اٰخر ییلہِ جادَے کھوٗتُس تہٕ دِژٕن درو پھ کٔرِتھ دوٗبس اٚکس منز دٲرِتھ۔ پیٹھ کوٚرنس کاوِشُپی مالہِ کنٛے درٕ ییٚتھ زِہمس گوسینہٕ بلکُل موکُل۔

دوٗدس لجہِ بیٚیہ یتہٕ تہٕ پھیوٚر پاچس کُن۔

'مےٚ ہا گژھان بیہ خبر کیاہ سپدِس'

وُچھوٗ ہہر الو تہٕ پاٹھی فِلم۔ صحٲے ہا آسی پتھر کے زمانے کا آدمی ماشٹرس بوز ناوُن۔ اٚمس ہا چھےٚ وُنہِ تہٕ پھیران ٹکٕہ پوٚنسن ہُند۔

یہ کتھ آیہ دوٗدَس لبہ،

'مےٚ کیا زار پار کوٚر سہٕ۔ اورے ہے دوپُن فِلم وُچھِتھ ترٕ بو پانے فِکر 'پتھر کے زمانے کے آدمی کا رہن سہن کیا تھا'۔

'اَد وُچھتہٕ سوٗنہٕ گوٗبرٕ ہیوٚہ فلم۔ خابس منز بنہِ نےٚ نہٕ یمہٕ دوٕ زنگہٕ'۔

'مےٚ ہا گژھان تہٕ گژھان خبر کیاہ سپدِس ژٕ ہکھ نامیانہِ جایہِ۔

'ژٕےٚ چھی اصلی پیچ'

پاچن وون زِٹھی آیہِ تہٕ بدلاوِن دوٗدَس ستی سیٹ۔ جایہِ بدلی کٔرِتھ بیوٚٹھ سہ گوڈٕ پٕزی پاٹھی سوٗنہٕ گوٗبرٕ ہیوٚ اما پوز منزی پیوس خیال تہٕ وونُن۔

'یہ کوتوٚ اٚمس ہیرانہِ پکہٕ ناوان؟

'تی تہٕ چھے نہٕ پے۔ گژھ چے ماجہِ موٗمہٕ دام'

سوٗ اَس بییہ تہٕ بییہ کلہٕ کھوڈس ژھنان تہٕ پان موکلاونچ کوٗشش کران۔ اَتھی اندر گیہِ بڈٕ چکھ تہٕ تمن لجہٕ اَچھ زنتہٕ دٕرس۔ گُری کلہٕ کٔرتھ گیہِ زٕ ٹھ اَٹھ دار بلایا اظہارتہٕ تم روٗدی اکھا اَکس ستی پان ژومراوِتھ پلس اَکس ژھلیہِ۔

'ڈینا سارس.........'

ماسٹرس ژول بڈِ ہیر تھ۔ 'مگر اَز چھنہٕ یتھی ہی جانور کُنی۔ اِدٕ کُنہِ کُنہِ ہے اَڈجہِ کرنز عجاۓب گرٕن منز محفوٗظ چھِ'

دوٗ دن کھییہ ووٗٹھ ییلہٕ تمہِ بلایہِ ہتھٕ تُنی ہیرٲنی اَسس لَدِتھ نیہ۔ وَن ہا پیٹھ انسان دوریوٗ کُلی لنگ ہتھ تس پتہٕ تہٕ ییتِ نس زنگن ترٕنگی دِنی۔ تمہِ پھیُر کلہٕ تہٕ ترووٗن اَسہٕ کنی بوٗڈ نارٕ لمبٕ کھ۔ ہیرٲنی پییہ ژپینڈُل گٔرتھ پتھر۔ یوٗت گرتھ تہٕ تجس نہٕ وَن ہا پیٹھ انسانن تھچھ۔ کیاہ تام کوٗرُن تہٕ سیٗز روٗونس اَچھ اندر کُلی لنگ۔ تس گیہِ گٹہٕ۔ لچہ کڈٕن ٹاس۔ زمینس گواکہٕ اکہٕ تہٕ یی کران وٲ ژسو بالہٕ ڈٔندِس تل۔ کٔہی تام ڈوٗلس کھورتہٕ وٲ ژمیل جوراہ ڈلہٕ ڈُلہٕ گرٕ ہتھ بوٗن۔

وَن ہا پیٹھ انسانن ترووٗ کُلی لنگ پتھرتہٕ دوریوٗ ہیرانہٕ کُن۔ سوٗ اَس زنتہٕ مورِدٕ۔ ڈٕچھنِس مندلَس اوٗسُس فمواری پاٹھی خوٗن وسان۔ ظاہر

أ ِسس بلایہِ ہندی دندسنے ہتی زنگہِ۔ ون ہاپتھ انسانن تُج سو کھونہِ تہٕ ترآوِن کولہٕ بٔنھِس أکس تَل۔ گوڈٕ ترووُنس سأرسے پانس تھومبوٗ تھومبوٗ آب۔ اَمہِ پتہٕ پھِر نأوُنس سارنےٖ زَخمن زبوتہٕ ہوٗنی ہندی پأٹھی نیوٗنس خون یہِ ڈٔلی زِتہِ لیوتھ۔

دودَس گوکیا ہتام تہٕ ووٗنن پاچس،

'مے ہاپھیران دروکھ یٔمن گُن وُچھِتھ'

'روٗٹُن ..........'

پاچن کھیوس بُتھ۔ تس اوس فلم وچھان مزٕ آمُت۔

'ماشٹرن ووٗنے ناپتھر کے زمانے کا آدمی اوس نیوٗلے ماز کھیوٗان؟

مگر دودن ہاوُزپر کی،

'یم کم سا پتھر کے زمانے کا آدمی چھِ۔ یم چھِنا اکٹر۔ فلم ایکٹر'

'تی تہِ چھِنے نہٕ پَے۔ انگریزی فلمن منز چھِ سوٗرے پوٗز ہاوان۔ ہتہٕ بُدی چھِ شوٗٹنگ ٹُلن وِزِمران'۔ دودس بیوٗٹھ۔

ون ہاپَتھ انسان اوس تس اتھن اندر رٔٹتھ کلہٕ اوِر یور ڈُلناوان تہٕ یوٗت گُرِتھ تہِ أس نہٕ سوحبہٕ پھیران۔ چھیکرس تھوونس أسَس پتھ أس تہٕ ہیوتنس دمن بستہِ ہندی پأٹھی پھوکھ برُن۔ وارِیاہ کال گُرِتھ گیہِ سوزنتہٕ مرٕ نیند رِہُشار تہٕ وَن ہاپتھ انسانس گُن نظر پتھے گمناوِن گوڈٕ وُتھ تہٕ پتہٕ تُجن

دۄشوے نرِ تھود یتھ زِ ہمی ترووِنس سوُرے پان پٔچھ تہٕ ............'

بروٗنہہ کنیک سیٹہٕ وول گوٗہر گرِتھ تھوٗ دٔ تِھتھ تہٕ دودس توٚرنہ فکری

اَمہ پتہٕ کیاہ گو زِ ژووا پأری گیہ شرنہِ۔ سأرسے ہالس ووتھ ہے۔ اَڈو

چلأوی دزوٗنی سگریٹھ بٹ تالوس۔ گیلری أندرٕ کوٗرکمہِ تام زنانہِ بڈٕ کھی کھی

تہٕ سأری لگی تھوٗ دٔ تھی ؤتھی اَنہِ گٹس منز توٚری گُن وُچھنہِ۔

پاچس آو سوٗرے ہال نژان بوزنہٕ۔ بُتھس بدلیوس رنگ تہٕ پھیوٚر

دودس گُن،

'ہٕرا۔ مے رکھو گرٕ ھان سیٹس ؟

'ونیو مے نأ دِ پٔچھہٕ۔ تتھ وژھو کھینہٕ'

پاچس لٔج ژھرٕ ژھرٹھ تہٕ لوگ دٔ چھنی کھوٕری ؤنی دنہِ تہٕ سیٹس سارنہِ۔

'...... تہٕ یِیلہِ تہذیبن ارتقاوٚب ......'

ماسٹر اوس پانس ستی ونان۔ تس آسہٕ أچھ زٕ پرٚدس گُن

درس۔ تمی أسی بوٗٹ کڈِتھ دۄشوے کھور سیٹس لٔدی متی۔ سأرِسے پانس

أسس تھرتھرٕ۔ ہونگنی سینس ستی لأرِتھ تہٕ زنگن منز باگ دٔ چھُن اَتھ ہرٕ

مشینہِ ہندِ ہرٕ نہِ گرزکی پأٹھی ووتھان تہٕ بہان۔

# کینہہ پوز، کینہہ سینپ

پتہٕ سپُد یہ زٕ مأتلی وُچھ خاب تہٕ بوُون بأنہٕ بأنہٕ اولادس ۔کانہہ کأنسہِ ؤنی زٕ اولادِ صالح، تمی تھوو پنُن پان پیش کش ۔پرتھ رنگہٕ مأتس آیتِن ۔مول ووتھ تہٕ 'ہل بسم اللہ' کرتھ تُجن شراکھ ۔سو کرِن پھشہِ کنہِ پٹھ تیز ۔اَمہِ پتہٕ لڑأوِن سأری زوراَماپوٗز ژُھیا گرِتھ تہِ پوریٖہ نہٕ اولادہٕندس ہٹس شراکھ ۔سوزن گیہِ ہٹس تل وأتتھ پرتھ وِزِ موٚنڈ ۔مأتس کھوٚت شرارتھ تہٕ لأیِن یہاے شراکھ خشمہٕ سان برونہہ کنہ کسِ کنہِ پلَس ۔وُچھَن والیو وُچھ زِ شراکہِ دبہٕ ستی گیہِ کنہِ پلَس ژورٹُکرٕ ۔مول گوحأران تہٕ تُجبِن ہیوٚرکُن عارٕ برٕ ژٕ چشمہٕ ۔

پٹھہٕ کنہِ یُس وُچھان اوس، تمی کُر پانہٕ سے ستی اَسنہٕ ہنا ۔

مےٚ کوٚڈ کیمَراتہٕ تُلمس اکھ فوٹو ۔

......

پتہٕ وَتِج مُر یادا ۔اَز تہ لوٚگ سانہِ گرِ دُم دام ۔نکیٖو بڈیٖو ترووِنو

پوشاکھ نالی۔ بانڈ کٹھو لوگ آنگنس اندر جشنہٕ تہٕ ییلہِ ڈُم ڈُمس صحی گرز ووتھ، نفر ژومبرٕ درائے بازر۔ سوداگرِ تھ ژاے اَسان تہٕ ہِگندان گرٕ۔ گرٕ کھوٚ بأ ژو دِژاکہ اکہ رائے۔ اَڈہو وون سُنت تہٕ اَڈہو پھرکو وفرقان۔ ڈاکٹرن ہٕندی پأٹھی آوگلناونہٕ سٹیتھسکوپ۔ گنڈٕ سوٚنبن ہٕندی پأٹھی آو سارنہٕ اکھا اکھ تان۔

کنہٕ پھٹرٕ تہٕ ونڈٕ مال۔ کتھ کتھ تانس کرٕ کھ نہٕ دِنن۔ شُرٕبن ییلہِ وأری وأژ، تمو لوگ یارٕ بل بُٹھس پیٹھ چُرِ گیُش۔ تھومبوٚ تھومبوٚ سوٗرُ کھ آب۔ نچو نچو کوربو اَنہِ ژووأپأرِ سومبرٕ تھ سورمہٕ دانہِ۔ مأنزٕ مہرازس شیرٕ کھ پیٹھہٕ کنہِ جاے۔ گرٕ کی زِٹھی پیٹھس أندی أندی تہٕ کلمات پران کوٗرُکھ خوداےہِ ہٕنزِ وَتہِ روانہٕ۔

پیٹھہٕ کنہِ یُس وُچھان اوس، تمی کُر پانہٕ سےٚ ہٕتی اَسنہٕ ہنا۔ مےٚ کوٚڈ کیمراہ تہٕ تُلمس اکھ تصویر۔

............

ڈبل برسٹ کوٹھ۔ کھجِہ مُر پتلون تہٕ سوندر مالن ہٕندِ أندرٕے شانو پیٹھی اَالأ ندی ترأوتھ زأٹھی زٕٹھی مَس بٔرگ۔ یمن ترٕبن چیزن پیٹھ پیٚیہ مےٚ گوڈنیتھ نظر۔ اَمہِ اپورِ یہ کینژھاو چھُم تہِ چھُم نہٕ تگان پھرُن۔

أسی نا آسان صحب لوٗکھ۔ برٕ نبر تراوٕہن قدمے یوت زِ ژور ژور

گُرِ ہتھ اُس آسان بگۍ حاضر۔ اَتھن اندر ٹلہِ ہن کین ۔ گردن تھاوِ ہن

تھوٚ دتہٕ بادشاہ صأبنہٕ أندرے رَٹہٕ ہن کمام۔ سڑکہِ پیٹھ جمع گأمتِس آبہٕ

دوبس کھوژ ہن تتھہٕ کنۍ یتھہٕ کنۍ کھوژان چھُ ہاپُتھ نارس

دوٚن گوسہ اوسنہٕ کانہہ تہِ لاٹھ صحب ۔ کمہٕ تام دفتُرک لوکُٹ

موکُٹ افسرتہٕ تہِ أستھ تہِ دراوسہ چمہٕ خمہٕ گرِ۔ أچھن چورُن عأنکھ، لتھ لٲژن

موٹر کارس تہٕ یہ جاوہ جا۔

منز باگ سڑکہِ آبہٕ دوب جمع نہ گژھنہٕ خأطرَ ے أسی کہیا مزدور

کامہِ لاگنہٕ آمتی ۔ کینہ أسی روٗ ڑی تراونس ستی آوری تہٕ کینہہ پھنڈِ دِنس منز

مشغوٗل۔ پھنڈ والین پتہٕ پتے اوس نفرا کھ نَرہن زنگن ٹھیلہٕ ٹاٹہ ہُند ولیٹہٕ

گرِتھ کارنہٕ آمُت تارکول سڑکہِ وہراوان۔

چھیکرس کھوٚت أمۍ سے نفرِ سُند ناو شہرِ کین اخبارن۔

دلیل سپز یہ زِ موٹر کار چلاون وألس روٗ دنہٕ سٹیرِنگ پیٹھ کنٹرول۔ نہ

تجس وقتہٕ وِزِ موٹرس کارس بریک دِنۍ ۔ کردَے الأہی، برونٹھ پُیم اکھ پیپہِ کھوٚت

تارکول تراون وألس کلہٕ پیٹھی ۔ دوٗ رِبوز کھٹاس، زن پھٹ واٹر بال۔

لوٗکو تأ رشہادت زِ بیلہ تمۍ موٹر کارِ نمبر لتھ ترأو، تس گیہِ دوشوے زنگہٕ

روٗ زِتھ۔ تمۍ تلۍ اتھہٕ تہٕ دتن أچھن۔ امہِ پتہٕ لأین تھدِ کر بکھ،

'اوہ، مائے گاڈ!'

پیٹھہٕ کنہٕ یُس وُچھان اوس، تمۍ کر پانس ستی اَسنہٕ ہنا۔

مےٚ کوٚڈ کیمراتہٕ نیوٚمس اکھ پوز۔

............

خبر تو ہہ ما آسہٕ کُنہِ چایہِ وانس منز مہا کأژی ہُند فوٹو وُچھمُت۔ کرِہُن کٹہٕ کال ہیوٚہ بُتھ۔ خوٗنی أچھ تہٕ ژگراہ ڈایہ مرٕ پھٔٹتھ دراہِ ناز تِکھ ہِش زبو۔ تس ییلہِ المارِ دروازس کُن نظر پییہٕ، برابر گیس سوے شکل۔ المارِ دروازس اوس ڈبل روپیہِ سومب گودتہٕ پتھر کنہِ اَرکوٚش موٹھا ڈیرِس۔ تس پییہ ہنگہٕ منگہٕ نأژی ہِنز کوٹھہٕ زچہ یادتہٕ ووٗتھس وُبوٗدر۔ تمۍ دِژ جیرِ تھپھ تہٕ بوٚ رُن چلِمہٕ تموکھ۔

خودایہِ سُند کرُن، اَمی ساتہٕ گوٚ ووَسہٕ تالوس زورٕ ہٕھر کھر۔ تمۍ ترو و اَسہِ أندرٔژی چہٕ تہٕ دِتُن وارِ کُن۔ کھر کھر اوس ووٗنی طبق پیچہٕ أندری کنۍ گژھان۔ أتھی اندر درایہِ ہیری مہِ طاقچہِ کنۍ ہِتلہِ داوِ، شِ ٹٔنی۔ ہِتلہِ داو اَس آنچہِ شنےٚ مَرٕ زیٹھ تہٕ تارِ زأولہِ کلکی پأٹھی اوسس پیوٚت چمکان۔ شُرٕہن ییلہِ نظر پییہ تمن ڈول بُتھن رنگ اما پوٚ زلتس ہیوٚتن ووٗنی دوشوٚنی منگن شرارتہٕ ستی شُپۍ داو گژھن۔ تمۍ تھأوِ جیر لبہٕ کُن تہٕ ستی ووتھ اَکے دَرٕ تھود۔ اَمہِ

پتہٕ سومبراوٕن اور یورزٕچہِ تہٕ تمہٕ دٔژن أندی پکھی تروٕین۔ وچھان وچھان گئیہ تمام گدٕی بند۔ وٲلانہٕ دانہٕ گج۔ تتھ اندراوس نارٕ دان جمکہٕ جمکہٕ کران۔

ہتلہِ داوٲس ووٕنی طبق بچہِ أندرٕ نیرتھ طاقچس پپٹھ تاہ کرتھ تھاوِمٕژ ژادر پچہِ کُن لمان۔ ژادرِ پٹ ٲس وُنہِ کورٕے تہٕ توٕے موجوٗب روُدٕے نہٕ تس پانس تام۔ سہٕ گوٚ دوران تہٕ دِٕژن ژادرِ پچہِ تچھ۔ ژادرِ پٹ ییلہِ پتھر پیہ، تمہٕ أندرٕ درایہِ کرہٕنۍ فٹ بال ہش۔ ژادرٕ أندرٕ نیرتھ کھیہ تمہِ وگوس پپٹھ ژرٕٹ تہٕ گیہِ صندوقس پتہٕ کنۍ غاب۔ شُربو ییلہِ کیاہتام کرہُن ہیوٕہ ژلان وُچھ، تم کھٔتۍ دارِ ہندس طاقس۔ تمۍ کوٚڈ پھٕرن۔ ڈٕچھنہِ اتھہٕ تُلن لرِٕھل تہٕ اَمہِ پتہٕ اوُنن پتھرٕ بہتھ دویودویو کھورٕ وسۍ صندوقس لبہِ کُن چار۔

تہندِ چارانہٕ پج گیہِ تاٲرے یاٚ ژٕ زِصندوقہٕ پتہٕ کنۍ گیہِ زورٕ زورٕ چیچہِ رارے۔ تمۍ زون زِ شکار گو ہلاک۔

پھرکھ ہیوٕ ترٲوِتھ دِٕژن کلہ تھودتھٲوتھ شُربن کُن نظر۔ تم ٲسی دارِ طاقس پپٹھ چُمٹہٕ رٔٹتھ پراران۔ تمۍ کوٚڈ صندوق درٕ دِتھ برونہہٕ۔

بس اَمی ستۍ رٔلییہ سارٕی منصوبہ خاکس ستۍ۔

ییرٕ چیچہِ رارے کرِتھ تہٕ دراوصندوقہٕ پتہٕ کنۍ شکار زندے۔ نیران نیرٲنی ژاوسہ کُنی ژھالہِ دانہ گجہِ اندر۔ دانس اوس نار موجودٕے۔ رٔژھہِ

کھنجہِ تُجہ تمۍ وُ ہہ وُنبن نارِ تیونگلن پپٹھ تمبلہٕ پوٚنشہِ تہٕ بیوٚٹھ زنتہٕ ستھ سوٚ رِتھ۔

کانہہ کأنسہِ وُنۍ زِ ہونگہٕ۔ تمے زَن آیہ عأنہِ موقس پپٹھ تھزِ زنانہِ۔

تمہِ تُل ہنگتہٕ منگہٕ درُ کرُن تہٕ دِژن وُ ہہ وُنبن نارِ تیونگلن پپٹھ بہتھ شکارس

یورَے زہر۔ شکارس زَن ژاوز یر دِہنہٕ ستۍ زُوتہٕ تمۍ تُج گُنی ووٚتھ تہٕ ژاوگجہِ

دٕ چھِنۍ وأج اندر۔

لس کھوٚت جکھ۔ بیژ ہیچن تیژ کجن پننہٕ کولیہِ لکہٕ۔ متھ گوس زِلرژھل تُلہٕ تہٕ

دہ یوٹا سوأنس مغز ہوشہِ اماپوٚ زتھوٚ دوو تھنس سوٚمب زن روٗزس نہٕ صوٚرتھ۔

تمۍ ژأپۍ وُٹھ تہٕ اَمہٕ پتہٕ ووُن،

'اَزاوسے رِزق تہٕ بچوکھ۔ دپھ موت چھُے لیکھتھ میانہٕ وِ ے اَتھو۔

پپٹھ کنہِ یُس وُ چھان اوس، تمۍ کُر پانہٕ سےٕ ستۍ اَسنہٕ ہنا۔

مےٚ کوٚ ڈ کیمراتہٕ نیوٚمس اکھ سینپ۔

○

وٚ ے لۓ گۓ کۓ ىٚ ىٓ ء ىٚ

# زیوٚ ہندی افسانہٕ

''سنگرن منز باگ اوس شہرا تہِ اَتی کھوٚت یُپ۔ سوٚ درٕ کھوٚنوکوٚر بالہٕ تینتالِین جُت۔ مکانن ہنز ژھیےٚ وٕژھ کولن پیٚران تہٕ پیٚتی یُس اوس ٲسی گیہ وَتہٕ وبلاٖے''

یتھہٕ کٕنی گٔر تمہِ داستان شروع۔

بہٕ زن آس تہِ گرنہٕ۔ نتہٕ پڑھن جاین چھاذات بُتر اتھ پرژھان۔ اکھا آو، راتھا دِژٕن تہٕ صبحن آسہِ بیا کھاحٲضر۔ تمہِ دیُت لرِ پھرُن۔ نرٕبن زنگن کوٚ ڈُن واش تہٕ مےٚ ہیوٚت نظر وٕستی لتس انگ اںگ سارُن۔

لتس نہ اوس تنہِ پیٹھ کانہہ پلَو نہ بُتھِس کُنہِ قسمُک اولُت۔ چٹہٕ سفید تن۔ بوٗرت بوٗرت سینہٕ۔ ییٚتہٕ پیٹھ ہورتام وٕہرِتھ جُٹھ دار زنگہٕ تہٕ ووگنہِ کٲرٕ ڈِچھنی کھووٕری کرٕہنی سیا کھ ہی مس بٕرگ۔

یُژ پٲٹھی ہے وُچھوتہِ مَس پریشان تراٚوِتھ پھیرن واجنبن چھُ اکھ اکھ وال ریشم تارِ ہندی پٲٹھی سیودتہٕ دَرٕ بیترِ روس آسان اماپوٚ زلتس اٚس نہ سو کتھ۔ تہند بن والن اوس کھُر۔ تمن اوس وُنہِ تہِ زٲلی وانکن ہُند آ کارنوٚن

۔تِمن اُس زٹھ۔ خابہ مژٕ ہنز ہش زٹھ۔

'تہٕ اُتھی حال بدس اندر، تمہِ مژُ ریبیہ اُس تہٕ مےٚ ہیوٚت گُن دأرِتھ بوزُن۔

'یلہِ خدایہٕ سنز زمین شروکان گیہِ، سأری کھٔتی لبن تہٕ مونہٕن۔ اڈہو رٔڈ وَن ،اڈہو بال۔ بہٕ لُجس گوپھن تہٕ غارن ڈٔنی دِنہِ تہٕ پنٕنی بند باندٕ وژھارنہِ۔ سنگر تہٕ نار ژھنڈان لوٗسم پادتہٕ بیٚٹھس دوٗر اُکس گوشس کُنی ژٔنی پنہٕ نس لأنس وَدنہِ۔

'دوہا اَکھ چھُ بنان زِہنگ تہٕ منگہِ وأژ چھوکھا اکھ مےٚ برونہہ کُن۔سو چھوکھ کتہٕ آیہ تہٕ زانہِ خدا ے۔ اُڈی دپان تم درا ے یُپ کھسنہٕ کِنی آبہ اُندرٕ تہٕ کینژن ہُند خیال اوس زِ تم تٔری بالہٕ اَپارِ۔ پوٚز کیاہ اَپُز کیاہ، بہٕ یلہِ تمو نظرِ کٔڈس، شکأری ہوٗنٕہن ہندی پأٹھی لاریم پتہٕ۔ نرہٕن زنگن ڈنگ دِتھ گُرہس ٹھپس منز بند۔ یتھٕ کِنیٚ وُڈُون جاناوار بند چھن کران۔ نِکہ تہٕ بڈہو کورُم اُندی اُندی گیر تہٕ نژان نژان تروٗکھ اسَن کھنگالہٕ۔ گیوٗلہم تہٕ ناسزا پٔری ہم۔ اماٗنز تہٕ ننگے کیاہ کرٕ ہا۔ مےٚ ژومرو و کوٗٹھہٕن اندر پان تہٕ ژھچم یَڈ بٔرتھ باکہٕ۔ رالتس تہٕ دوہس ووتھُم روٗدِنیلہِ ہندی پأٹھی اُچھو کِنی اوش تہٕ آخر گٔیس بے ہوش۔ تہِ چھُم نہٕ خبر کأتہس کالس۔

مےٚ ییلہِ حس پھیوٚر، پانس برونٹھ گنہِ وُچھم مژا اکھ آبہٕ کھوٚس ہیتھ
وودنی۔ مےٚ اوس سوٚرے بُتھ آبہٕ چھکو ستی بُرتھ۔ مژ ییلہِ بہٕ اُچھ مژ راوان
وُچھس، سوآیہِ وولسنس۔ تمہِ کرِ مےٚ تھودٕ وُتھی وُتھی موٚنہِ تہٕ دویودویاتھو
زاکی وِتھ شیرنم زٕٹھ۔ امہِ پتہٕ گُرنم کوم تہٕ ہیژنس پکناوِنی۔ مےٚ اُس نہٕ
وودنہِ روزنس سوٚمب صوٚرتھ تہٕ قدم کموکوٹھو کڈ ہا۔ بہٕ لُجس آرِ برژو چشمو
تس کُن وُچھنہِ۔ مژ اُس زُوزہتہٕ کنہٕ ذٕر۔ تمہِ تُجس بہٕ دودِ شُری سندی پاٹھی
کھوٚنہِ تہٕ پھِرناوِنس سارٕہے پتھرِ۔

عالم حأرتھا گوم نظرِ۔ اُمس مژ زن وأنجہ منز جواہراتن ہُند سمندر۔
لال تہٕ موکھتہٕ زن اندر۔ یأنی یہ کتھ کران موکھتن لگان جری۔ تمن گرشھان ڈیر۔

مگر افسوس کانہہ اکھا نہ اتھ بستی اندر لال شناس۔ کأنسہِ اُکس نہٕ
جوأہراتن ہنز قدر یا پچھان۔

افسوس تتھ پتھرِ ییتکی ذی یزتھ، کلن دتھ دستار، نألی ترأوتھ کشکول تہٕ
ہلہِ گنڈتھ شرا کھ آسن۔ لوٚکن تھی یزتھ دارتہٕ غأرتھ مند مگر پوٚت پچھارِ راز
دربارِکی دریوزٕ گر۔ یمن بیچھہِ ڈنڈ خوٚنس آسہٕ۔ زیوٚر آدی، یمن نہٕ جوہرس قدر
تگہ کرنی تہٕ رازِ دربارکین نقلی پھوتہٕ پھلبن پتھ مُتی گرشھن۔ تمہ نے
ہندی بأتھ گیوٚن یم نہٕ کنہِ شمارٕہے ہِن۔ تمے پوٚتھہِ لیکھن یمہ صرف کاکذ

کیٚمبن ہندی بُزی گرٛھن یا کھنکھ ژِ نہٕ گنجینن اندر گگر۔

تمہٕ دُتی تیتی بارو زِ مےٚ بیوٚٹھ بارَودِنہٕ سوآےآسہ نہٕ أمس ہیٚیہ کہنی تہٕ تگان۔

بذأتی أس مٕژ تمہٕ وِ ے ناقدر شنا سوٗمٕژ رأ وٕمٕژ، دیوانہ گرٕمٕژ۔

سوٚأس توٚ ے شہر ترأ وتھ ون أژمٕژ۔ انسانو دوٗرونن تہٕ بیابانن منز گُلبن کٹبن تہٕ جاناوارن ستی کتھہٕ کران تہٕ آبشارن کتھہٕ انان۔

فخر چھُم یتھ کتھہِ پیٹھ زِ میٚے دژ گوڈنکہ پھرِتس مٕژ زبان۔ نہ نہ۔ تمی دیُت مے ژیتن بل۔ نہ نہ۔ میٚے دژِتس پچھان۔ نہ نہ۔ تمی ہیچھناوس بہ بول بوش۔ نہ نہ۔ مگر یہ بحث چھُ فضول، اَمہِ تلہٕ کیاہ نیر۔ ژ کہِ چھے سومیون روپ تہٕ بہ چھس تہنز ژھاے۔ مٕژ گرمےٚ کوم تہٕ واتناوٗنس واپس شہر۔

بباجانا۔ وُچھان کیاہ چھس۔ اتھ شہرس منز نہٕ تم لوٗکھ یمن بہٕ ویٗز أسس۔ نہ تم وَتہٕ پٕدی یم مأنڈی ٕتی أسم۔ شہرس منز باگ أس بڈِ بڈٕ مندور تہٕ تھی اوس ہتہ وادلوٗکن ہُندیہ تہٕ گرٛھ۔ اکثر أسی کرٛھن تل بجہِ بجہِ لوٗکرِ ہتھ بڈِ درواز اژان تہٕ تورٕ بٔری بٔری گوژ رِہتھ پوٚت درواز واپس پھیران۔ مٕژ ییلہِ تمن گُن نظر پییہ سو گیہِ جنوٗنی۔ أکی سےٕ أکی سےٕ ژٕٹن ٹیٹھ مگر تمن أس گنزِنس۔ تمن گوٚ ونہٕ الگزار۔ کانسہِ أکی تہٕ کوٚ رُس نہٕ واد۔ مٕژِ کھوٚت اتھ پیٹھ تہٕ شرارتھ تہٕ پھٹر ووٗن سورُے غوصہٕ میٚے پیٹھ۔ مےٚ دِژن مستہٕ

رٔٹتھ کھکھرٕ تہٕ واتناوٕنس ریٚشس نش۔

ریشی ییلہِ میانٮ۪ ژھاےٚ وچھ۔ سُہ ووتھ ہکہٕ۔ مےٚ کوٚرُن جان آو بھگت۔ نکھہٕ پیٹھ وٲجِن کھٔنٛز تہٕ سوترٲونم نبتھہٕ نٔنس بدنس۔ ڈٲلس تل رٔٹتھ وُشناوِنم شِشرِ ستی لگِتھ گاٹٮ۪تی تان۔ مےٚ ژاونرٕن زنگن نوسرِ زوتہٕ ہیوٚتُم وارٕ وارٕ پٔنُن اوند پوٚک پچھانُن۔ یہ ٲس گوڈنیچ وِز ییلہ مے پانس اندر سترِ عوراتُک احساس بیدار سپُد۔ شاید اوس یہ گوڈنیُک نفرُیس مےٚ مرد باسیوو۔

بہٕ وٲژس لگ بگ پرتھ گرس۔ پرتھ عبادت خانس۔ خاص کرتھ ییلہ پرٛژھِ وٲلکہ تہٕ عقیدت مند عبادت خانن اندر خوشوٗنہِ آوازِ منز شرُکی لگی پھرنہِ، ریوٚش کہوٚمژ، دوشوٕنی آووجد۔

بہ پھیرٕ ہابیٚہ تہ کُن کُن مگر ریٚشی سُند حکم اوس زِ دوہ برِتھ شامس گرٕ ھس پنہِ نِس ٹھکانس واتٕنی۔ مےٚ ہیوٚک نہٕ زیادٕ کالس سُہ حکم پأرِتھ۔ صرف اوٚے موکھ زِ مےٚ اوس مندورِ ہُند نیشہِ۔ برابر تمی دوہہ پیٹھ ییلہ بہٕ ہتکھ گرِ ھتھ مژ مندورِ منزٕ کھچوان واپس کڈِتھ ٲنس۔ مےٚ کوٚر پٔننی کنی کأتیاہِ پھر زِ ریٚشس پرژھہٕ۔ یوٚت یوٚت تام آم زِ سوال دمس مےٚ واتناوِیٚیہ تور کی دپھ ٲس مُژ راوِنس اوسُم نہٕ تس برونہہ کنہِ سہم یوان۔

ٲخر روٚزس تاڈان تہٕ دوہہ اکہِ ییلہِ ریٚشس کیاہتام گانگل گیہ،

بہٕ ژٕ جس ژۄر۔ گوپھِ أندرٕ نیرٕ وٗنے ترووٗم پھربکھ۔ یێتہِ پێٹھ ہور تام دِتُم

کاڈ۔ ؤڈرن تہِ کونگہ ڈارن مارہم ہرٕنہٕ ژھالہٕ۔

واتان وأژس ہیٚہ اکہِ لٹہِ شہر۔ ازوٗ چھم کوچہٕ گلىن تام ہتہٕ وادلوٗ کن

ہُند آون جاون۔ سارٕنے یہ ڈٕلِ زِتہِ لام۔ أکہ سےٚ أکہ سےٚ پھربکھ تہٕ

یؠت گرِتھ تہِ ژٕ پنجل دوان۔ یُس وُسے کأرتھوٚ دتھأوِتھ بڈٕ درواز مندور

منزاژان تہٕ تورٕ برٕ برٕ چندٕ ہتھ اسان تہٕ گندان واپس نیران۔ مےٚ

روٹ أکہ سےٚ أکہ سےٚ دامانہٕ۔ أکہ سےٚ أکہ سےٚ پیٚیس پرٕن زِمےٚ

ؤنی تو یہ کیاہ؟ یہ تبدیلی کتھٕ پأٹھی؟ اماپوٚ زتم اُسی پنہٕ نس گُل گوشس۔ مےٚ

گُن أچھ ٹُلنس گسن اُس فرصتھ۔ بہٕ آلیس کُنی زٕنی بر بگہٕ تہٕ کرم امہِ شہرٕ

أندرے نیرٕنچ سکھر۔

ظأہر آو خدا لیس امہِ ساتہٕ مےٚ پێٹھِ عار۔ مےٚ سوزُن ہاتفی۔ شہرٕ نبر

اوس مردرِند۔ یہ اوس بالہٕ دامنس تل تہٕ تُمی اُس سارِ شہرٕچ بدنأمی ہیٚرٕ مژٕتہٕ

گوس پێٹھ عشقہ دُکان ترو مُت۔ اوت اُسی تمام لولہ ہٕتی تہ دلدار

واتان۔ خاص کرتھ سازندر۔

أتی شولیو وچہار طرف میون ناو۔ مُتر تہٕ جتہٕ گری، قلندر تہٕ درویش

کُس اکھا اوس تیمی نہٕ ٹتھوٕ تہٕ ناربو چو۔ تیمی نہٕ میأنی ہی تن چھأو۔ یاون مژو

للہٕ نأوس ڈری گنڈی گنڈی میأنی ہُری۔ بُزرگوشیٕرم پیٹھ کنہٕ جاے تہٕ رِندو
لأ گی میأنی حُسنکی قصیدٕ پرٕنی۔

نیٚبرٕیم حال وُچھتھ لاجہِ مندورِ والیو یژتھ داروتہِ سوٚسرِ گوٚسرِ کرنہِ
۔ دپان تم گُری لۄکہ متی مجبور۔ اکہ حسابہ رٕٹھس پتری حسدٕ کوچھِ۔

کانہہ کانسہِ ؤنی زِ زۄن۔ سوٚأس پزِی کنہٕ زۄن۔ شکلہ تہ تہٕ عقلہ
تہ۔ تیمی ہندیو وژنومےٚ منزِ نوسرٕ جوأنی ہُند مارٕ موٚت بیدار کوٚر۔ بس
تہندی ستی گوٚ ولولہ مسولن اندر نوٚ وجہار پاٚدٕ۔ تموگیٚوی لولہ ہُری۔ خوش گرٕھی
گرٕھی نٹن تہ تُمبکھ نار ہن پیٹھ۔

وچھان وچھان آیہ مندورِ ہندی پرأنی دوسہٕ دیوار ؤستھ۔ تتھ
کھأرِکھ نوِ سرٕ ژیٚنی۔ یژتھ دار گے مجبور تہٕ کربکھ تجویزٕ پاس۔ ییتہِ کانہہ
ساوٚنی أس تمہِ لکھنو وسازٕ گرہن اندرناو۔ یوسہٕ تہِ کانہہ ستر واجنی أس سو
درایہ وَچھکھ قلُف پرٕأٹتھ منز بازر۔ دلیلہ گربو کوٚرمے کُمن رجوع تہ خاص
کرتھ ییلہ مندورِ والین ہندحکمہ شہرٕکین ژاٹہ ہال شُرہن میانہ زیٚو
اوپ ژوپ لوگُکھ کرُن، بہ بنیس وُچھان وُچھان وٕتیچ بتہٕ دبہٕ۔

o

# یِم آفتاب کھیٚنہٕ کھڑ ٲے

یمن لۆکن ہنز یہٕ کتھ کران چھُس، پرانین کتابن اندر چھُ تِہُند

خولہٕ خط کینژھا یِتھٕ کٕنۍ درج،

''کن تیتۍ زاٚٹھی زِ دوہ بِرتھ شامس چھِ اکھ وَتھرُ ن تراوان تہٕ بیاکھ

ہوان وُرُن۔ زاٚیچھِ زاٚیچھ زہٕ پو چھکھ ہمیشہٕ آسان دہانو نبر۔ قدٕ کٕنۍ چھِ تیتۍ

ژھۆٹۍ زِمر ژٕ وانگن گُلبن چھِ لاگان ہیر۔ مگر یوٚت گرِتھ تہٕ چھکھ پٔنن پان

باسان تیوٚت قد اوار زِ آسمانس چھِ ونان سِتے اَتھٕ تھۆد''۔

یمن لۆکن ہُند یہٕ ذکر کران چھُس، تِمو کتھ بناہس پتھ بنووکوٚہ

قافس کھٔسِتھ آفتاب کھنگ پروگرام، کأنسہِ چھنہٕ خبر اماپوٚز زیٖیلہِ عام لۆکن

تام یہ کوٚشچھ وأژ، تِمو لاجہِ ڈِپھر۔ پرٕتھ اکھا لوٚگ سوال کرنہِ زِ أخرکس

نوقصان واتنو آفتابن یِتھ پتھ یُتھ قدم ہیٚیہ تُلنہٕ؟

سوالُک جواب دیُت تِہندی اُکی نمایندن کینژھا یِمہِ آیہٕ،

''اَمہِ کھوتہٕ کیا سانو قصان زِ پنہٕ نِی مرضی چھُ پوٚری کٕنۍ کھسان تہٕ

اَدِ لوسہ منٛز بس اندر ریپلہٕ خوش کربس ۔ اَٲخر اَسہِ تہِ ہے وٲنسا گیہٕ، اَسہِ چھُنا کٲنٛہہ کنٹری بیوٗشن (Contribution) ۔ اَسی چھُنا کٲنٛہہ ۔

کوہِ قافس کھسنہٕ برونٛہہ بُلاوتھ 'انڈیا کافی ہاوس' منٛز میٹنگ تہٕ کاروٲیی ہُند آغاز کران ووتھ اکھ بزرگ،

"بایو ۔ وٲنسہِ کٔنٛہ ووتُس وونٛی یور ۔ جوان جاہلیا اَسہِ اِدٕ کٲنٛہہ اوسُم نہٕ فکر کھسان ۔ وُنی کبس آسن تو ہہ منٛز تہِ کاتیاہ یمن میانی پٲٹھی بدحال آسہِ ۔ وٕری زٕ وٕری سوٗرِتھ واتن بییہ تہِ کینٛہہ اتھ حالس زِ پینشن پٲنسہٕ دِتھ کرنکھ دفترو منٛزٕ روخصتھ ۔ سوال چھُ زِ یتھ اوستھایہ وٲتتھ چھا اَسہِ خودکشی کرٕنی ؟

میانین ژٕ مٹھیمٕن زنگن گُن وُچھی تَو ۔ یمن چھُنا تاپہٕ دوہ بکار ۔ اِدٕ یہ آفتاب وُچھتون ازِ تہِ چھُے تمے رنگ بدلان ۔ نہ چھُ فکرِ تران زِ تاپھ کرٕ کربس تہٕ نہ چھُ سوچُن تگان زِ شہُل کوٗتنس واتہِ .........'

بُزرگس پتہٕ کھوٚت اکھ نوجوان سٹیجس ۔ تٔمی کوٚر یہ وٕنتھ بوزَن والین ہُند منور نجن،

'ہتہِ حض ۔ جتا اکھ ونوٕ...... جتہٕ چھُ یتھ کٔنہ زِ آفتابن چھےٚ پانس أندی أندی تارکھ ترومبراتھوٚمٕژ ۔ یم تارکھ نہٕ ذأتی حثیتہٕ ڈبل پٲنس لایق ۔ اِدٕ ووزُم گاشا چھِ ٹلان تہٕ أتھی پٹھِ نہٕ وہشان گنہِ ۔ گوڈٕ وُچھتون یہ آفتاب،

زن ناکُس تام بارَستہٕ شہنشاہ زِ خاصہٕ دربأری گرِٛھنس أندی أندی آسُن‘۔

’دپھ سأ أندی أندی چھس پِلو جماتھ‘۔ دۄرِ پلنأوکھ تام کتھ تہٕ سارِوے ترووٹھاہ ٹھاہ کران اُسن ۔ یَس یہ ہَٹہِ کھوٚت تُمہِ نیوٗ تہٕ ؤنتھ تہٕ وُچھان وُچھان گو مجلسہِ ہُند نظام درہم برہم۔

زورٕ کۄر ژھُکھ صُحی زِ ضرۄرٕ بہٕ ضرۄر آسَن زۄن تہٕ آفتاب مُسہٕ بأزی منز گرفتار۔ نتہٕ کنہِ ہیکہٕ بُنتھ زِ کُل کأیناتس اندر کیاہ آسہِ آفتابس پتہٕ صرف زۄنی یوت گاش۔ دپان ہے دودٕ کولہِ منز چھِ تمہ تہٕ ستارٕ یم خود آفتاب کھوتہٕ ہَتہٕ گنہٕ بڈی چھِ ۔ أخر تم کیازِ نظرن ژھایہٕ۔

یہ شوٗوے گیہِ عام تہٕ حیاوٕنۍ ونانو ہیوٚت دلہٕ أندری زۄنہِ ہِندِس قسمس پیٹھ رشک کرُن۔ تموبنأوی ڈٕری تہٕ گیوٚکھ زۄن تہٕ آفتاب نأوی لولہٕ ترانہٕ یُت زِ لۄکہٕ بأتن اندر وہٕژھنو تموشوقہٕ تہٕ ذوقہٕ سان زۄنہِ تہٕ آفتابُک عشق۔

اتھ مقابلہٕ دراے تہندی گروٲلی باضأبطہٕ پأٹھی اَجی ٹیشن ہیتھ۔ تمو کرِ وتہٕ بند۔ چوکن اندر لأگکھ پنڈال۔ نۄی ستارٕ شناس دراے یہ ؤنتھ بازر آفتابس ستن رنگن ہُند مجموعہٕ وُنن چھے غلطی۔ ژکہِ چھُ یہ لیوٚ دُرگگور ہیوٚ۔ اماپوٚز نظرن ہُند فریب آسنہٕ کِنۍ اُس نہٕ وُنس تام عام لۄکن أہنز چالاکی فکر تران۔

یہ تہِ سپُد انکشاف زِ دأنشوٗرَن چھُ مؤلہِ تلہٕ آفتابُک ناوِ ے کھران۔ تِہندِ درأے اِد کارخانہٕ چٔلِتن یامتہٕ ژٔلِتن، عالمس انہِ گوٗٹ گٔرِ تھی تن یامتہٕ گٔرِ تھی تن، کُنہِ تہٕ قٔمتس پیٹھ چھُ سُہ تختہٕ پیٹھہٕ والُن۔ دأنشوٗرَن ہُند وَنُن اوس زِلوٗکھ چھِ ووٗنی کُنے ناوٕ بوٗزِتھ بتنگ آمٕتی۔ تِم چھِ بورگامٕتی دوہے سُے آفتابٕ وِچھان تہٕ ووٗنی چھےٚ ضروٗرتھ کُنہِ ہنگامٕچ، لأ ٹھی چارٕچ۔

چھیکرس آو حسبِ موموٗل رٹایرڈ جج صاحبانن ہُند ژُ نفری تحقیقأتی کمیشن لاگنہٕ تیمی پرِ تھ طرفہٕ شہادٕ ژقلمبند کرِ۔

اُدی اُدی گیہ کاٗم زِ چوکس منز دِژ اخبارٕ وأ لی بگھ۔ تِہنز آواز بوٗزِتھ زَن روٗدِ ے نہٕ لوٗکن پانس تام۔ ہوٗ جوٗ ما اَکھ گو تہٕ نی ہَس سأری اخبار تھپہِ۔

کانہہ کأنسہِ وٗنی زِنوٗکتھ، پرِ تھ نأوِ دانس اندر لوٗگ بحث۔

اخبارس اندر اَسی آفتاب چہِ کنبہٕ پروری، نأدِرشأہی، حتاکہِ تِہندِس نہٕ تکنس تام بڈٕ زوٗر دار لفظن منز ٹیپھ ژٹنہٕ آمٕتی تہٕ بوٗنہٕ کنہِ اوس کُمیشنُک فأصلہٕ زِامہِ زیادتی باپتھ گرِ تھ آفتاب تھوکہِ تھوکہِ کرُن۔

فأصلہٕ بوٗزِتھ کوٗر تعلیم یافتہ طبقن اطمینانُک اظہار۔ یمن قأدر گوٗربن پنڈالن کھستھ کر بکہٕ دنس ہأل اَس، تموٗ منوٗ و شأدیانہ تہٕ

کھیو کھ واز وان۔

اماپۆ زیم تہنزی کتھِ اَن پرتہٕ گُٹھی کو کرٲسی، تم گۓ پریشان۔ تم لٲگو

أکی سےٚ أکی سےٚ سوال کرنہِ،

'اَما آسمانس اندر آفتابس، کتھٕ پأٹھی واتن تھو کہٕ۔ تمہٕ ماین تھو کہ

لاین وألس واپس بُتھس؟

O

# یارِ بل

ہَہ ڈَم ڈَم اَمس نہٕ کانٛہہ غم

یہ اوس مجید چانٹس ماجہِ ہُند دیُتمت لکھُت۔ صبحاٰے تہٕ پگہاٰے

اُس تس خورشہِ ماس اَگادِ گرِٛھان تہٕ ونان،

کولہِ پھٹہٕ وانگنہٕ اَڈٕ اَڈٕ کٔڈتھَس۔ دُنیہس ہے شُری چھِ ژٔے

ہِش بلایہ تہِ ہاکانٛسہِ۔ یَس وِتس چھُکھ ٹوٚٹ ہیوٗ اگادِ گرِٛھان۔

مجید چانٹہِ اوس تہِ اُدرزٕٹ۔ یس وِتس ہنگہٕ منگہٕ نال ولان۔ محلہٕ

شُرِ ہن اوس سارِنےٕ تو ہند اَہر، مےٚ زیادے پہن تِکیاز یلہِ سُہ کانٛسہِ اگادِ

گرِٛھ ہا، ژلہٕ بو کھو ستی اوسُس سأرسے بٔتھِس رتہٕ لگر والان۔ چھِ ژھٔنتھ

پلوز چن ترٕ پچہِ کران تہٕ روڈٕ پھلو ستی کوچہِ گلو کنی لار کران۔

تو ہند مول اوس زِنی منڈی منز تبردار۔ بڈٕ جان پأٹھی زِیُن پھالہٕ

وان۔ زیادٕ ہکھ زانہِ ہانہٕ کرُن تہٕ توَے اُسی سأری دوہ پانژ پیاران مگر تمس بغأر

نہٕ کانٛسہِ دوان مکٔرژتلنہٕ۔ تمی کریوو پننی کنی کوتاہ یہ ہکھُر ہیچھِ ناکینہہ۔ اَدِ سُہ کیُتھ؟

مجید چانٹس زن آسن کتابَن گُن پچہِ گنجہِ مژ۔ صجس نیرِ ہا بتہٕ ٹٹھ کھبتھ گرِتہٕ تھمکھ کڈِ ہا مدرسہٕ بدل پرتاپ باغس منز۔ تتہِ اوس کھوڈن منز کتابہِ تھٔوِتھ دوہی دوہس یوان لال منڈی یا گپکارٕ کنی موٗ گلبن ژھٹھ کڈِتھ۔ ژورِ بجہِ پتہٕ گیو وکٔدلہٕ بینہِ پٹھ بہُن تہٕ مٹروالین یارانہٕ لاگُن تہٕ اُتی مٹر پھوٗلا پھوٗلا ترُگن، نتہٕ یارٕ بل وٗستھ لٲرژوٗ رکرٕنی۔

جونٹہٕ مارنس کیُت اوس مجید چانٹہٕ طاق۔ ڈیمبہٕ ہاٗنزس ڈلہِ ہا وٗچھِن کھوٗ رنظریا گرٕ ھ ہا بچور خریدارن ہنزِ گانگلہِ، یہِ اوس گُنی تھپھ دِتھ اَل ہیوٗ لٲر بتھ ژلان تہٕ اُسی اُسی ساٗرِی تس پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ 'تیا تیا کوٗ تو گرٕ ھکھ لٲرکھینہِ' وٗنتھ تیٚلہِ ہَن میلہٕ ہن لاگان۔

دپان لٲر گرِ ھنہٕ ٹھُر کڈنہٕ ورأے کھیٚون۔ اتھ چھُ زہر آسان اَما پوٚز مجید چانٹہٕ زانہِ ہانہٕ تہٕ کیاہ گوٚو۔ تو ہند گُف اوس زِیوسہٕ ہَن ترآوِتھ ژھنو، سوہَن کونہٕ دِموبیٚہ ہسے تہٕ ساٗری گرٕ ھَن راٗضی۔ تتھ کیُت گیوسہٕ افلاطون۔

گوڈٕ اوس باقی شُرِ ہن پانس اُندی اُندی بہناوِتھ چھکرا گنوٗ ناوان تہٕ ساٗری اُسی تمبکھ نار بو بدلہٕ ٹینہٕ کھَنجہِ وایان تہٕ

واتَل واتَل یِکہٕ وٹہٕ سَمو　　　سُمتھ　کرِو　مشورا

مشوٗرٕ کرِتھ لٲرا کھمو　　　غمن　کرو　دفاٗیی

یتھ کنٕی اَسی دا لہِ بدلہٕ لأران لمان تہٕ غمو بدل بوچھِ دۄر کران پٔنٕن حصہٕ کھیاۄ وِتھ اوس محلہٕ شُرہن آڈر کڈان زِ وونی چھےَ چأنی وأری۔ اما پۆز سُہ طھر تھ گس اوس زِیاٗرِ بلہٕ کھارِ ہاٰ أر۔ تمِ اَسی لبَن کھٔسی کھٔسی گرٕ گُن ژلان۔ مجید چانٹہٕ اوسکھ پیرس تام لکہٕ کڈان یاٹھولہٕ ستی کلس ٹۆنگن کھالان۔

یم کیرن وُچھِتھ آسہِ کالہٕ پگاہ خورشہٕ ماسہِ نش محلہٕ واجنہٕ یوان تہٕ ونان، 'ہتہٕ بٔی وِچھ کیاہ چھُنم تیمِس نچوس کوٗرمُت۔ ژٕ کونہٕ اُمس ہنا ہیم کران۔ یو ہے چھُتھَن وٹر نری داند ہیوٗ یلہٕ ترومُت'۔

خورشہٕ ماس اَس تس ہۆل گنڈِتھ دوہوان۔ یہ ڈٔلۍ زِتہٕ دوہے پٔٹ کڈان اما پۆز تس گونہٕ زانہہ کانہہ دوہو سیوٚد۔ سُہ پھوٚٹ نہٕ زانہہ ژۄنٹھی کولہِ۔ زانہہ لوٚگ نہٕ سُہ بجلی کوٚٹِس۔ یارٕ بلہٕ بُٹھس کھرٕ ترأوی ترأوی اوس سُہ دوہہ کھوتہٕ دوہہ نوان۔ دوہہ کھوتہٕ دوہہ پھولان۔

خدا صأبن کرُن زِ اَز گو ہنگہٕ منگہٕ خورشہِ ماسہِ ہُند وو ہو سیوٚد۔ وُنہِ اَسی ساٰری گرن اندرٕ ے بہِتھ تہٕ ہنگہٕ منگہٕ گیہ نٔبری کُنی کر بکھ۔

'ہتے کیاہ گوم......!'

کران دِژ خورشہِ ماسہِ براندٕ پیٹھ ووٹھ۔ پتہٕ دور ییہ ننہٕ وأرٕ ے تہٕ کلہٕ ووڈِ ۂنی کنہِ یارٕ بلس گُن۔ یکبارٕ گے ساٰری تھوٚ دۄ تِھتھ۔ شُر بو ملہٕ ناٗو

ہیرن دُبہ رارَے۔ زنانہٕ درایہٕ داربو کنی۔ نچھو نچھو کور بو تُجہٕ ژُومنزلہٕ ووٹہٕ تہٕ

تھکھ کوٗڈُ کھ یارِبلٕ بٔتھس پیٹھ۔

'ہَتے ہَتے کہِ زِ؟' کران کوٗڈ مامہٕ رنگسازنہٕ زنانہٕ ووبہٕ کنی کلہٕ۔

'یہ ہے گو خورشہٕ ہُند مجید کولہ۔ چانٹہٕ ہے!!''۔

کُمی تام دِتُس جواب تہٕ مےٚ گٔیہ ہیرِ بونہٕ دِنن۔ چانٹہ بوٗ زِتھ پییہ

مےٚ ہنگہٕ منگہ تٔہنز شکل یاد۔ مجید چانٹہٕ۔ بم وٲلی نس گرِتھ۔ کریہنہِ کھِنہٕ ستی

پراژن تام گونژھہٕ تہٕ تمے ووتھراۓوی ووتھراۓوی پھبرنہٕ ٹرس تہِ لاوِ کھوٗ تُمت۔

اَزدراو وارِ کارِ بتہٕ ٹھ کھبتھ گرِتہٕ یارِ بل وأتتھ لوٗگ کولہٕ بٹھن

ہندی پأٹھی ڈُنگہٕ ڈُنگ کرنہِ۔ اکہِ لٹہِ ہرژون ڈیمبہٕ ناوِھسُن زِ یکبار

آوٗ کراونہٕ تہٕ أتی گوناوِ ڈمبس تل غأب۔ بٔتھس پیٹھ آس کوسہٕ تام زنانہٕ

پلو چھلان تہٕ تمِی لوگ شور،

'ہتہٕ با، ہتہٕ نا !!۔ ہُہ ہبا پھوٗٹ۔ ہَل ہَل خدایہٕ سندِ خأطرِ

دی توس تھِتھ'۔

دیان ڈُنہِ اوس ڈبہہٕ ہأنزس کھوٗر ٹلنے زِ مجید چانٹہٕ وول آبہٕ

گتن تل تہٕ أتی گوناوِ ڈمبس تل غأب۔ کُس تام شُر گو خورشہٕ ماسہِ نادس

تہٕ سوآیہ سینہ ژٹان۔

أکس برنزِس منز گولۄ کہٕ ارساتھ جمع۔ کٔدلس ئُج اپارِ ہپور ٹانگہٕ لٲن۔ وانہٕ وٲلی گیہِ پینچو پیٹھ تھوٚدۄ تِھتھ تہٕ لگی ئٔنڈی ژھربن تھپہٕ دِی دِی تماشہ وُچھنہِ۔ گاڑِ ہانزِ وترٲ و آبس زال۔ اٚڈی وٕتھی کاٹھِ لاگ لاگی مگر مجید چانٹس نہ اوس اتھہِ یُن نہ آو۔

چھیکرس گوٚ وفاصلہٕ زِواتل کٔدلہٕ پیٹھ انو کھ ڈُنگل زِترے۔ تم گیہِ ڈُمبہٕ شُری۔ اکی سےٕ برنزِس منزانہٕ نس کھاٲلتھ۔ گُلہٕ بٹِن روسُل سوزُکھ سایکلس پیٹھ تہٕ پہٕری کھٔڈی آوسہ تہٕ مگراکوے ڈُنگل ہتھ تہ سہ تہٕ یوٚ ہے ندُر رہیوٚ۔ سارِوے ترکرٲوتس کُن وُچھِتھ نس مگر خورشہ ماس ئُج تس کموتام ژٔشمو وُچھنہِ۔ زنتہٕ خبرکُس مہراج اوس۔ ڈُنگلس تہٕ کھٔرِ خورشہٕ ماسہِ ہُند دعاے خٲر بوٚ زِتھ چاٲلی۔

یوان یوٲنی بیوٚٹھ سہ شُربن کاپسھ ژٲنہٕ۔ اڈبن ژھٔنن کھوٚتی تہٕ اٚڈی کھٲرِن لکوٕستی ہیوٚر زہارے ہے بیٚہ ماگرِٹھ کانہہ۔ جگیرا برونٹھہٕ کنہٕ رٕٹتھ لوٚگ اَسہٕ ئکنز ژٕٹھی ڈُہی لمبکھ تراونہٕ تہٕ اٲخر ییلہِ خوش گوس تہٕ ووتھ ہل بسم للہ گرِتھ آبس۔ دو یوزنو روٹ زورٕ ہم تُل یتھنہٕ ناوڈلہِ۔ سٲری رۄدی دندٹکرٲوِتھ پیارنہ زِ خبرکیاہ چھُ ڈیشُن تہٕ گوڈٕ نکی ڈُنگہٕ کھورتمی کیاہ تام ووزُل پلو ہیوٚ۔ یہ وُچھِتھ کھوٚت سارِنے شاہ ہیوٚر پہَن۔ شُر بو ہیوٚت ٹینڈبو پیٹھی

وُچھُن مگر یہِ اوسنہٕ مجید چانٹہٕ بلکہٕ کو ہند تام دستار خان۔

دستار خان وُچھِتھ ژٔج ہنگہٕ منگہ حاجی رحمان میرس کریکھ نیرتھ،

'ہے سُبلہٕ جوا۔ یہِ ہساپلہٕ نووُتھ یوٚرِ ۔بیٚیہ تہٕ چھی زٕ ترٚے چیز اوترٕ

کھاندرُک دوہہ گاٚمتی ۔خدا زانان اتھ ماین'۔

حاجی رحمان میرُن یوٚتُے یوت وُنُن زِ خورشہِ لاج ٹنگ۔

'ہتا خدایو ییو کھاؤ ستھ۔مےٚ مسکینہِ ہُند آوٚے ناژٚے تہٕ

عار..........'

'ہتہٕ بی موجی !!' خورشہٕ ماسہِ ہنز کتھ ژٔٹتھ ووتھ ڈُنگل۔ ظاہر

ژیوٚن تمی زِ رحمان میرٕن پزِ ہانہٕ ییتھ مرگہٕ وانس پٹھ یِژھ کتھ کرٕنی۔ ہم

تُلِس تھپھ کران ووتھ سُہ،

''ژٕمہٕ بانبر۔ وِچھ یہٕ اَنن گولاب پوش ہیوٚ کھاٚرِتھ'۔

'ہہَ ژٚے دسگیر میون یاٚری کرُن۔ ژٚے آے تہٕ پاے۔ چانہِ

ماجہِ سَتھ چاٚنی موجہٕ دروزٕنی'۔

خورشہٕ ماس اَس وُنہِ وناٚنی زِ ڈُنگلن دیُت بیا کھ دم تہٕ دم دواٚنی لٔج

تس کتھ تام چیزس تھٔپھ ۔امہِ وِزِ لوٚگ تس آبس منز زیادٕ وقت ۔توتہِ کھوٚت

اڈوتی واپس تہٕ آبہٕ منزٕ کلہٕ کڈِتھ لوٚگ زیوٚٹھ ووش تراونہٕ تہٕ وَننہِ،

ہے أمس ہساچھےٚ ژٕکس زورٕ تھٕچھ ۔اَتھے چھُس نہٕ موکلان'۔

ڈُنگلن ونیوو پٕنٕنۍ کٔنۍ لوتہِ اماپوٚ زیرٕ ٹھ کتھ کتہِ روزِ ہاژٕورٕ۔ہیٚرِ پٕٹھ

بون تام گٔیہِ سارِنے خبر۔شُر بوترأو بون کُن دَو۔ کأنسہِ أکس تہِ رُوٗدنہٕ

خیال زِیمن کرِ ہالار۔

خأرتھ زأنتھ تتھ اونُکھ مجید چانٹھٕ رٔٹتھ۔خورشہِ ماس گٔیہِ لاران

اماپوٚ زنیچوٗ ...نہ پیٚیہ درختہ ہش پتھر۔ زٕ ژور نفر دور ییہ تہٕ چھوٚ کھس آب

بُتھِس تہٕ مجید چانٹس پتہٕ پتہٕ واتنأوِ کھ گرٕ۔

دگرآو وَق۔ مجید چانٹھ اوسُکھ اندمزار ترووُمت۔سٕڑکہِ پٕٹھ أسی

ٹانگہٕ تہ موٹرژ ھالہٕ ماران۔زنانواوس دأنِ تہِ پیوٚومُت ۔یارٕبل بٕتھِس أسی

شُری لگیٕ متی نوِسرٕ کھرٕ تراونہِ۔

کأنسہِ أکس اوسنہٕ مجید چانٹھ یادٕ، وِلا اَسہِ دون ترٕ ہن تِکیاز اِسہِ

اوس لأر رُوٗچھتھ أسَن آب یوان۔ پٕٹھ اوس نہٕ کانہہ اکھا بہران ڈٕمبہٕ

ہأنزس ڈٕلی بیر کرنس۔

اکہِ لٹہِ گیوس بہٕ پٕننۍ کٔنۍ ٹِل ہاونہِ۔ ڈٕمبہٕ ناوِنمس پٕٹھ بہتھ ہرژٕوم

ہأنزس ستی یارانہ لاگن۔

تہندس چأنٹس کُن نظر پیتھ آومےٚ اُسنٕ تہٕ وونمس،

'ہیا مرازیا۔ یہ چھُیا پان کھیوٗمُت۔'

ڈمبہٕ ہاٗزن اوس ظاہر آنچار کھیوٗمُت۔ توٚے اَسِس وُٹھ وۄزٕ لی۔ ہگر میون پان کھیون وُنن کھوٚت نہٕ تس ٹارِ۔ بہ ما اوٚسُس مجید چانٹہ۔ دۄ یو دۄ یوا تھو کھور تُلتھ دۄ تھُم، ہلکاٗری آیہِ،

'دۄلہٕ کولہ پانے کھبے'۔

مے پھۄرنہٕ کہنی۔ واریاہ سوچ کرتھ دراس گرٕ زِ تھس لاٗر کھبنس ترٛٹھ۔ پگاہ کیٛت ییلہِ سکوٗل گوس تہٕ رِسس باٗگی آودۄٕ لاٗر خاش ہبتھ مےٚ برونہہ کُن،

'رٹھ سابا یایِٹُن حصہٕ'۔

یہ وۄن تمی لاٗر خاش مےٚ کُن پلناوان،

'یہ سۄزنے مامہٕ نِکی۔ اَز کہ پیٹھٕ اُتمی ہیے لاٗر ڈِوٹی۔ حال کرعاٗش۔ اِمہِ بدل چھُے سکوٗلہ حاضری وقتن مامہ نِکۍ نس رول نمبرسِ ڈیس سرٛ کرُن'۔

یہ کرُن اوس سہل۔ ماشٹرس کتہِ ییہِ ہاشیٹھن لڑکن منز بوزنہٕ زِ کمی کوٚرڈیس سرٛ۔ کلاسس منزٕ اَسی ساری آسان یکہ وٹہٕ ژبلہ موٚنگر کرتھ اکھ اَکس پیٹھ بہتھ۔

'مگر ڈمبہ ہاٗنز'؟ مے کوٚر سوال۔

ہوٗن وران کارخانہ پکان'۔ دودن پلہٕ نو ویہ ونان مرٕژ وانگُن تہٕ نوٗن۔

" یتھ ہاعزِ بلاے گاۓشر نوٗن تہٕ مرٕژ وانگُن رلا وتھ"۔

دپٕھیم برۄ نٹھُیم مشراو ، مامہٕ نیک یادتھاو۔

اَسہِ وون دوشوٕ ے اٲرس ژوپ کڈان۔

٥

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| وَ | ئے | لئے | گئے | کئے | ئَ |
| ئِ | ء | ئَ | | | |
| وَ | ئے | لئے | گئے | کئے | ئَ |
| ئِ | ء | ئَ | | | |

# ہاپتھ یارز

غلام قادر دلگیر بنیو وۍ کے ایم ڈی ہنزِ اَکس سوارِ بسہِ منز دوست

۔گام اندر بسہِ کھسہٕ وُنے کوٚرمۍ ڈریورس التماس،

'دوستا۔ پاسہِ خدا کرتہٕ جلدی۔مۍ چھےٚ تأجلی'۔

دوستن وون نہٕ درجوابِ کہنی۔صرف دِتُن دجہِ ستی بانٹس أندی پکھ

وِنڈسکرینس تہٕ سٹیرِنگ بیترِ پھش تہٕ لأین شاید کنڈکٹرس گُن کرکھ،

'کرہٕ جلدی ہیا'۔

کنڈکٹر اوسنہٕ بظأہر گُنہِ ستی آوُر۔سُہ اوس گاڈِ نبر سڑکہِ پیٹھ کھڑا

سگریٹس دام دام دِوان۔تھزِ آوازِ منز کلہٕ اورِ یور پھِر وِتھ ونان،۔

'ہے۔اَپور اَپور'۔

مۍ آو اُسن یہ بوٗزتھ۔اَپور چھ أسی عام طور مظفر آبادس ونان یوٚت

واتُن نہ زانہہ ممکنٕ چھُیی۔

خبر کیاہ زأنتھ پھِر اَ خر ڈریور صأبنہٕ ڈیش بورڈٕ چ گُنز۔گاڈِ ہیوٚت

ٲگر گر کرُن۔ کیٛازِ کالا پرٲرِتھ ہیوٚت گاڑِ تہٕ ریٚیہ پکُن کرُن۔ چنانچہِ لوٚگ کنڈکٹرس تہٕ فوری طورٲ سس تھوٚپ تہٕ تِمو تہٕ تُج پٕنزٕ ووٚٹھ تہٕ کھوٚت گاڑِ۔ بہٕ لوٚگس عارٕ بٔرژو چشمو ڈریورس بُتھس کُن وُچھنہِ۔ مےٚ اوس براہٕ کاہ بجے دُپہر درخاس ہیتھ افسرس نِش واتُن۔ گرِ نیرن وِزِ اوس مےٚ مأتی باند باند کوٚرمُت،

'ٲتھی ہا، وقتس پیٹھ ہاواتی ز۔ خان صأبن ہاچھےٚ پاوی پاوی وونمُت زِ سُہ نیری پتہٕ جوٚم'۔

تس اوس جہازس کھسُن تہٕ پتہ چھنہٕ خبر کر دیہ ہاملاقات۔

شاید ژٲنِ ڈریورن میأنی ژھرٕ تہٕ ژھرٕ ٹھ تہٕ لأزمی طور کھرٕ تس چألی۔ ظأہر چھُ زِ مجبوٗر اوس بہٕ نٔزِ گاڑِ ہُند مألکھ۔ بجایہِ اسکے سُہ پکہٕ ناوِہا گاڑی تیز، تِمو لوگ مری مری پکُن۔ أتی وانہٕ والین ستی خأر پاٹھ، أتی وتہِ پکہٕ وٕنین پرژھ گأرزِ کوٚت چھُو گژھُن تہٕ سڑکہِ دٔندس پیٹھ انسان وُچھتھ تس بروٗنٹھی کنی گاڑی سوٚت سوٚت پکہٕ ناوٕنی تہٕ أتی سوارِ ژٕلنگ ہیتھ رٔٹتھ گاڑِ ہُند انجن بند کرُن۔

اوٗ تام آسہٕ ہوأسی کلومیٹر تارٕ پکٕمتی۔ مےٚ دِژٕ چھنہِ طرفہٕ چہٕ سوارِ زیرِ تہٕ پرژھمس ٹائیم۔ سُہ زن گومُت ہندرِ ہُشار۔ مشکلی سان کوٚڈ تِمو

پھیرن نالہٕ کنۍ اتھہٕ تہٕ ہاؤنم مژھِ گر۔

داہ بجتھ اَسۍ داہ منٹ۔ مطلب ترہن کلومیٹرن آسۍ اَسہِ پانٛژ وُنزاہ منٹ لگۍمتۍ۔ مےٚ زن پھوٚٹ بدنس ترن عاۘرق۔ اما باقی سفر طے کرنس لگہٕ ہن اسہِ مزید ژٕ گھنٹہٕ یعنی بہٕ واتہٕ ہا باہ بجے دفترتہٕ سُہ افسر آسہِ تمہ ساتہٕ جومہِ بہتھ تہٕ میأنی نوکری ......؟؟

'ہے یتھ گوٚ واساڑاکھ......'۔ مےٚ آو جیر۔

'اَسۍ چھا گاڑِ اندر بہتھ کنہٕ ٹانگہ ریڑس چھ سوار......؟'

بسہِ اندر سوار بوترأو مےٚ گُن ہجأری نظر۔ شاید باسیوسکھ چور۔ کانٛسہِ وون نہٕ کہنی۔ صرف پھر ڈریور صأبن موٚٹ گردن پتھ گُن تہٕ ووتھ ڈریور آیہ،

'ووتھو یارٕ ہوأیی جہازس کھسِو۔ اَسہِ کیاہ نرٕ ژٕتھ کھور کھہٕ بَسہ۔ اُٹھن لچھن ہنز گاڑی چھےٚ ژوتہِ تِل تہٕ ڈلیہ روپیہ ہتھ پھکھ مٕلی ہیٚنہِ درامُت'۔

مےٚ چھنہٕ خبر زِ غلام قادر دلگیر کتھ جایہ گوٚو بسہِ اندر سوار۔ نہ چھم خبر زِ پتمہِ درواز کنۍ بَسہِ اندر سوار سِپدِتھ گیارٕی ووت سُہ لوکہٕ جسرِ منزی وَتھ کڈان ڈریورس کھووری کنۍ بانٛٹس تام تہٕ کتھہٕ کنۍ کڈن گرم اِنجنس پٹھ بہنہٕ باپتھ جاے۔

ڈریور سنز بد زبأنی پیٹھ ہیڑ ووٚمے تَس واپَس وَنُن زِ غلام قادر دلگیرَن ہووٚمے اُچھ ستی اِشارٕ زِ ژھوپہ کَر۔

دلگیر صأب پھیوٚر ڈریورَس کُن تہٕ وۄ تھسیجھاندید بُزرگ سندٕ آیہ ،

’ووستا۔ ژےٚ حض ووٚنمے بأے صأبا۔ اَگر یٚژھ کھ تہٕ یتھ اَرنأٹھ ماڈلس بناوکھ وُنی جمبوجٹ۔ اَخر تہٕ اَسہِ ہے وُہر واَژوٗ چھان۔ ژےٚ تہٕ گیی ووٚنی ؤری اَرداہ مَرِ یہ وَتھ مانڈان‘۔

تٔمی تھاوٗ ڈرایورَس پھیٚکس پیٹھ ثرِ تہٕ کلَس ستی کلہٕ رلأوِتھ کَرنَس کیاہ تام کَنہٕ پھسرا اے۔ مےٚ چھنہٕ خبر کَتھوٗ ستی کُس جودکور تٔمی ڈرایورَس زِ تَس ژول بُتھس بوم تہٕ ووٚتھ جنٹلمین آیہِ ،

’اٗسی حض گےٚ نوکر۔ دَپھ سوار بن تہِ پزٕ نازبان سلوک کَرِنی‘۔

بہرحال دِژ تٔمی اکھسی لیٹرَس زیر تہٕ گاڈِ ہیوٚت ووٚنی گاڈِ ہندی رفتارٕ پکُن۔ چنانچہ بنوٚومےٚ دِلگیر صأب اَمی دوہہٕ پنُن دوست۔

بَسہِ منزٕ ے کَتھ کَتھ کَران پرٗ ژھمےٚ تٔمسا کِہ دوہہٕ دِلگیر آسنک سبب۔

’اٗس ہسا جوان جاہلی۔ تیلہٕ اوٗسس بہ شأعری تہٕ کران‘۔

دِلگیرَن وون تتھہٕ کُنی زِ مےٚ باسیوو زکُلِ عالمکی تمام شأعر، تہٕ ادیب چھ جوان جأہل۔ کُل ہم کِتابہٕ پرنہٕ چھُ تضیع اوقات۔

دِلگیر صاب اوس قراقلی ٹوپی دِوان۔نائلی اوسُس تازٕ اِستری کرِتھ گبر ڈینگ کوٹھ آسان تہٕ کھورَن نپہٕ نپہٕ کرُون پالِشہٕ دار بوٗٹ۔ یہ ڈرٛس چھ عام طور ٹھیکہٕ درلاگان یا عمارتی لکر کٔنن والی منزٕ ر۔ دپھ دلگیرنہ اوس منزٕ ر تہٕ نہ ٹھیکہٕ در بلکہ اوس کمہ تام سیاسی پارٹی ہُند سرگرم کارکُن تہٕ اوَ کنٕی اُسس سرکاری کارخانن منز ہیوٚر تام رسائی تہٕ زان پچھان۔

'تہٕ ژے ووتھے نہٕ پنُن نظام شمسی'؟

اتھ سوالس دیُت مےٚ دلگیرنی پاٹھی کاکر آیہ جواب،

'اَسہٕ بوز تہٕ نظام شمسی وار یاہ لوکُٹ۔ آفتاب چھُ گرس اندر خداصابنہٕ مہربانی ستی پرزلان مگر زوٗن موج چھنہٕ کہنی۔یعنی مدر چھےٚ فوت سپزٕ مژ۔مےٚ علاوٕ تہٕ چھُ گرس اندر بیا کھ تارٕ کھ یس محمد یعقوب چھُ ناو۔سُہ چھُ دوہ راتھ کوٹھس ستی کاغر ملہٕ وِتھ کتابن آسان ورق گردانی کران تہٕ ڈاکٹری ہندی خاب وونان۔ پتھ گوس بہٕ، گریجویشن چھم کرٕ مژ۔ اُڈِس دوہس چھُس گام اندرِ اکس دُکاندارس نش منشی گری کران تہٕ سےٚ تنخاہ باقی اُڈس دوہس گاڈِ کرایہٕ پٔٹھی خرچاوان تہٕ دفتر پتہٕ دفتر پھیران یا اخبارن منز سچویشن ویکنٹ والی کالم پران۔

'کیازِ..........؟؟؟'

دلگیر صائبن کۆر رمیانہٕ خیالہٕ بیقل سوال۔ مے کھۄژ یہ بۄ زِتھ تٕرتہٕ کھیومس بُتھ۔

'نوکری ہساتہٕ بیہٕ کیاہ..........!!!'

دپھ دلگیرس لۆگ نہٕ بۄر۔ تٔمۍ کۆ چاٛرۍ اَسناتہٕ ووتھ موقدم آیہٕ،

'زٕ سمکھ مے نوِ ژنڈر روارِ دوہشامن بأ گر۔ وُچھو کیاہ کرَو'۔

مألس میأنس اَس نہٕ سیاستس ستۍ کانہہ دل چسپی۔ تمۍ ترووو نہ زانہہ کانٛسہِ ووٹ تہِ۔ ووٗں گو اخبار اوس پران تہٕ ریڈیو اوس کن دأرِتھ بوزان۔ کُنہِ کُنہ اوس یمن خبرن پیٹھ مجلسن منز بحث تہِ کران، خاصکرِ تھ مرگہٕ وانن پیٹھ۔ بار بار اوس ونان زِ ووٹ ترأوِ بہ تمۍ دوہ پننہ مرضی ییمہ دوہ بانہالہ کنۍ ریل ترِ یا مظفر آباچ وتھ یلہ گژھِ۔ چونکہ یم دوشوے چیز اَسۍ ناممکن، تو ہندووٹ تراوُن تہ اوس ناممکن۔

دلگیر صأبس اَس زبان مٔدرتہٕ اَو، کنۍ گو وسہٕ مألس میأنس تہٕ خوش تٔمۍ لوگ سون گرٕین گژھُن۔

یہ کتھ چھے تمن دوہن ہنز ییلہِ سانہٕ کشیرِ اندر سرکاٛری حسابہ"امن و امان' اوس۔ سوٗرے اوس سولہٕ سول بانہال وتہِ نیٛبرٕ پیٹھ برآمد سپدان۔ شہر باشو اوس کرتام دستار گنڈُن ترووُمتَ تہٕ گاٛمی باشندٕ اَسۍ گرن منز گاسہٕ

ژٲنٛجہ وونہٕ بدل نٲود وانن منز سیاست دگان ۔شہر گام اوس بُرزِ یش وٲلِتھ مکانن ٹینہٕ ژادرٕ وہراوُنک رواج آمُت ۔ یہ اوس سُہ زمانہٕ ییلہِ نصف رٲژبٲ گی مہراز گُرس کیتھ ہوُر گرٕ شھان اٚسی۔ تمن آسہ برونٹھ برونٹھ مشالہِ آسان تہٕ ستیٚ ستی بینڈ باجہ۔

پتہٕ توٚرنہٕ فکری زِ کیاہ گوٚو۔ کیاہ کیاہ نہٕ سپُد ۔ بہٕ ونہٕ ژھوٚٹی پٲٹھی زِ کاشرِ زبٲنی بدلیو لفظٕ ووترُے۔ بے حساب پٲٹھی کھٔتی تِم لفظ لوکہٕ ہٕنزِن زبون ییم نہ از تام بوٗزی متی اٚسی تہٕ نہ ٲسی متی اٚسی۔ یمن ہُند نہ کوشُر تصوُرُے ہیکِہ ہا کرتھ تکیازِ ییم چیز اٚسی نہ خونس اندر۔ کلاشنکوف، ہینڈ گرنیڈ ،ماین بلاسٹ، راکیٹ لانچر، آر آر، ملی ٹنٹ، ٹاسک فورس، پاپاٹوٗ۔ ونہٕ کالہ کھٕژوس شرارتھ لابین کانگر۔ ربتہ کالہ نہٕ سوتہِ۔

از ہر گاہ پانژٕ وُہرس ژاٹہٕ ہال شُرِس تہِ کریک ڈاون لفظُک مانے پرژھو، آزمودٕ کار زبان دان سندی پٲٹھی تگِبس اَمِہ لفظُک تشریح تہِ کرُن تہٕ فلمی گبر سنگھ آیہ وردی پوش فوجی سُند رول تہٕ نباوُن۔

"کتنے آدمی تھے۔ہوٗں..........؟"

اکھ زمانا اوس زِ سائنس سماجس اندر اٚسی لۄکن ہٕندی الگ الگ طبقہٕ۔امیر غریب ،بٹہٕ مسلمان، لُچہِ تہٕ اشراف، گٲمی تہٕ شہری۔ نوٚو ہوا آو تہٕ

پرأنی ہُم سأری طبقہٕ گۓ گأل کھاتس۔ صرف آیہٕ زٕ طبقہٕ بارسس۔ عام تہٕ
خاص۔ خاصہٕ لۆکھ گۓ تِم یِم قِلہٕ بند کالنی ین منز بسنہٕ لگو۔ یِمن نہ کریک
ڈاون کران چھ۔ اتھ مقابلہ گۓٚ عوام یِم گۓ تِم تہزی کتھِ پہ انزس نہ منزس'
أستھ تہِ تاونس لگو۔ یِہند ہن مکانن نہٕ روزٕ دارِ نہ درواز، نہ دوسہ روزٕ نہ
دیوار۔ یِم منزوتہِ ہنگتہٕ منگہ ہہنہٕ آے۔ کامہِ درایومو ہنیو یا ژاٹہٕ ہال درایو
شُر، تہٕ أس نہٕ خبر زِ واپس واتا گرِکنہٕ نہ۔ سےٚ منز سڑکہ کس والن دستار،
کس دِن کھکھرِ تہ کس سپدِ لتہ کرِبم، 'کُسو مرِ تہ مارن کس؟'۔

یہ کتھ ؤنم اوٚکنی زٕ اکہِ دوہ اوُسس بہ خبر کتھ سوچس ستی آوٗرِ بجہِ
سڑکہِ ہنزٕ پٹرِ پیٹھی پکان زِ ہنگتہٕ منگہٕ گیہ سفید رنگہٕ جیپسی مےٚ ڈٕچھنی کنی
گٔھڑا۔ سفید جیپسی وُچھتھ چھے کمن کمن پہلوانن زنگہ ژٹان۔ اَسہِ لۆگن چھےٚ
یِژھ گاڈی نظرِ گژھی تھے زِندٕ روزٕنچ برانتھ راوان تہٕ ووٗنی ییلہ یہ مےٚ
نزدیک گٔھڑا گیہ تہٕ اَمہِ أندرٕ دٔر دٔرگران باہتھیار تہٕ باوردی نفر جوراہ
درایے تہٕ مے برونٹھ کُن وأتی، مےٚ گوٚ أچھن اِنہ گوٹ۔

نزدیک یِتھ ووتھ یِموٗ أندرٕ اکھا مےٚ گاڈِ کُن ہاوان،
'صاحب بُلا رہا ہے'۔

یہ أسم خبر زِ سفید جیپسی وول وُچھتھ گژھِ فقط حُکمس تعمیل کرُن

تہٕ Argue نہٕ کرُن۔

بہٕ ییلہِ گاڑِ کُن پۆکُس ،لَتہِ وُچھم فرنٹ سیٹس پیٹھ پنُن یارِ جأنی دلگیر

صأب خوجہِ آیہِ بہتھ تہٕ مےٚ کُن شاید ٹأنہٕ ژٹان۔

'کیا سا۔ أچھ چھاتمے ۔وٕری جوراہ گیی زَن نابۆ دگأمتِس ؟'

مےٚ تۆگ نہٕ جوابے دیُن ۔اَماونہٕ ہس تہٕ کیاہ۔ بہٕ پنہٕ نِنِن دولابن

تہٕ سہٕ پنہٕ نِنِن عأشن ۔دلگیر صأبن ہووٕ مےٚ اَتھہٕ ستۍ ،

'کھٔسِو گاڑِ' تہٕ مےٚ لۆگنہٕ چارٕے گاڑِ کھسنَس ۔گاڑِ کۆر خاصہٕ

لوگن ہنزِ کالنی اَندرأ کِس مَکانَس نکھہٕ قرارتہٕ مےٚ آو بیاکھ حکم،

'وٕسِو بون'۔

اَندرژأ نتھ بہنووُس بہٕ دِلگیر صأبن پۆژھی آیہِ صوفس پیٹھ تہٕ کھوٚژن زہو ،

'اۆ ترٕاوس چون فادریۆ تہٕ آمُت'۔بہٕ گوس یہِ بۆزتھ حأران۔

'تَس چھےٚ تو ہہٕ دوشوٕنی بارنِن ہنزٕ فِکر ۔مگر بہٕ کیاہ کرٕ اَتھ۔ژےٚ

آسی بۆزمُت زِ چیف منسٹر صأبن چھ سرکأری نوکری ہندِس ایم اویو

(MOU) ہَس دستخط کۆرمُت تہٕ سرکأری نوکری چھےٚ کُلیتَن بند'۔

بہٕ لۆگُس تَس وُچھنہِ ۔ونہٕ ہس تہِ کیاہ۔ مےٚ اُس خبر زِ سارے

نوکری آسہٕ بند،صرف نہٕ بندوق نوکری۔ تۆ باپتھ اوس نہٕ پۆ رمُت لیۆ کھمُت

آسُن تہِ ضرۄری۔ یہ نوکری اُس سرکاری تہٕ تہٕ غاٗرسرکاری تہِ سولبہ سول دستیاب۔ اِد، یوٚر گۓ تہٕ توٚراون بندۄق۔ مگراتھ کیاہ کر، مےٚ چھُ بندوق کھران۔ مےٚ چھُ وُچھمُت بندوق کیاہ چھُ کران۔ مےٚ تام ہرگاہ آسِہ ہا، پرتھ قسمٕچ بندوق نوکری کرناوِ ہابند۔ بندوقس لاگناوہا مکمل بین۔

''بہر حال پَرواے چھُنہٕ کینہہ۔ ژےٚ چھُے یارووُمُت تہٕ یارٕ ہندِ باپتھ ہسکو کینہہ تہِ کرِتھ''۔

نیرَن وِزِ آوسہ مےٚ بنگرس تام ستی تہٕ وونُن،

غم مہٕ بَر۔ ژٕ تہِ گنڈناووتھ خاصہ لۄگن ہنزِ گیچہٕ۔ مےٚ باسیووکہ مُژھ مےٚ بُتھس رب۔

''اَمایمہٕ کتھ کُس سرکاری ایوانن تام واتہ ناوان''۔ بہ لۄگُس سوچنہ زِ مےٚ چھے یژھ کتھ یا تہ پننین ہمساین نش کرمژیاآشناون نش۔ بازرزانہ ہا نہ بہ نیر۔ نُے تہ تتہِ یژھ کتھ کرنک اوسنہ سوالے۔

''بارخودایا نجات''۔ مےٚ ژول ہکہٕ نیرتھ تہ تمام آشناو کھو ہمسا ے باسیم پننی دشمن، یمن سارنی زن گاٗمژ فاتہ چھائی۔

یہ اُس ژٕند روارتہٕ سو تِہ اُس ژٕند روارٕ ے۔ دوہَس تھکِتھ ژھیٚنتھ اُسی اُسی ماٗلی پتھر زِ گرِ واتی ہتی تہٕ لوٗکٕ سُند اوس نہٕ کانہہ پَے پتاہ۔ حالانکہ سُہ اوس اَسِہ برونٹھے گرِ درامُت تہٕ وُنیُس تام اوسنہٕ کُنہ نوٚن۔ شام تہٕ ییلہ

واتُن ہیوٚتُن ، مےٚ تلٕی چایہِ بانہٕ تہٕ دراس آنگنَ اَندر نلکس تل یمن گراے کڈٕنہِ ۔ أتھی اَندر گوآنگن برٕنہِ نیٛرِی کنٛژُھک تہٕ دَرواز آوٹاس کرِتھ اَندر گُن لاینہٕ ۔ جوانااَکھ ژاولارِہوٚت تہٕ مےٚ گُن نظر پیوٚ أنی کھوٚجن زبو ،

'یہ چُھا محمد یعقوب بُن مکانہٕ'؟ ۔ أمِس أس کتھ کران تہٕ شانٕش کھسان ۔

'آ ۔ کیاہ دلیل'؟

جواب وَننہٕ وَرأی دراو سُہ پوٚت کھوری واپَس تہٕ رَژھ کھنڈ گرِھتھ ژأنی ژورٕ وجوانو چارپاے آنگنَس منز تہٕ تھأوِکھ آہستہٕ پأٹھی پَتھر ۔ چارپاے ترأوِتھ آویمہٕ وِ ے منزٕ اَکھ مےٚ نزدیکھ تہٕ یعقوب بُن آیڈنٹی کارڈ پِلناوان ووتھ مےٚ گُن ،

''ہرگاہ نہٕ یہ آئی کارڈ أمِس چندَس آسِہ ہا'' ۔ تمی گلہ نووکلہ تہٕ ووُنن بیٚیہ ،

''یہ لاش أس بوٚنہٕ گام وُڈٕراَپارِ داں کھھَس منز ۔ بچارٕ خبر کرَ چُھ مارٕ گومُت ۔ کمی تام کڈٕیہ نظرِ تہٕ سوٗرے گام آوٗژِستھ ......'

سُہ اوس اَمہِ اورِتہ خبر کیاہ کیاہ وَنان ۔ مےٚ ژٕج بےوایہ کربکھ نیرِتھ مےٚ تُج کپر ژادر ہکہٕ ۔ أمِس أسی پلَو رَبہٕ ستی لِتھوتھ ۔ پان اوسُس خوٗنہٕ سُری ۔ صاف اوس باسان زِیاتہٕ چھےٚ أمی مرٕنہٕ برونہہ سخ جدو جہد کرٕمژ یا چھِھَس رَبہٕ پیٹھ کھکھر دِژٕمژ ۔ دوٚن جایَن أسِس گولین ہندی نِشانہٕ

یپاأری وُنہ تہٕ کم کاسہٕ خون اوس پریڈان۔ اَکھ کھاسرِ تہٕ بیا کھرونکھس۔

دویِمہ دوہ آس خبرزِ ''نامعلوم بندوق برداروں کے ہاتھوں ایک اور قتل''۔

اکہ دوہہٕ گیہ کأم، اَتھٕ بُتھ چھٔلتھ دراس بہٕ کاندرَس نش ژوچن،ٕ اَکھُتے تلم دوٕ لوٹہٕ تہٕ ستی۔ دودرٕ ٹتھ اوسُس بہٕ کوچس کُن پھیران زِ صمد وأنی کوٗرُم آلو تہٕ پلنووَنم لِفافہٕ۔ یہ لِفافہٕ اوس بند۔ پیٹھٕ کُنہ اوسُس موٹِن لَفظَن منز Registered Letter لیکھتھ۔

حأران ہیوٗ گژھتھ ترآو مےٚ صمد وأنس کُن نظر۔ سُہ ووتھ درجواب، 'یہ تروٗوڈا کہٕ وأنی راتھ دوہلہ پیٚتہٕ۔ راتھ نہ گوہم ژٕ نظرِ نہ چون مول'۔ لِفافس اوس میوٗنۍ ناو۔ اَکھُتے وَلدِیت تہٕ میأنی۔ محلک ناو تہٕ اوس صحیح۔ صِرف اوس تتھ پیٚتے یوت علاوٕ،

'معرفت عبدالصمد وانی کریانہٕ فروش'۔

بہٕ گوس حأران۔ اَملیہ لڈٕ رَس چھنہٕ مےٚ ازتام کُنہ تہٕ جلِیہ درج کوٗرمُت، یہ کیاہ؟ بہرحال گرٕ واَتتھ کھوٗل مےٚ لِفافہٕ تہٕ لِتہ درلیہ ٹلیپ کرٕ مژ چٹھی۔

Sub: Appointment of Shri M. Ayub

S/o: Mohd Jamal Wani for the post of Teacher under S.R.O: 43

تلہٕ کُنہ آٗسس یہ لأن تہٕ دَرٕج،

You are asked to join the above detailed office for further posting.

یہ اَس الغاۓنِ یارِی۔ بے پڑھی ہِندِس عالمَس منز گوس یہ مائِلس برٛنٛہہ کُن چِٹھی ہیتھ تہٕ وٕنی مَس خوش خبر۔ دَپھ مائِلیٚ وٚ ر صرف الحمداللہ تہٕ دراواُڈٕ ے چاے چیتھ کِمرٕ منزٕ۔

موخصر کوٚرمےٚ اَمی دوہہٕ حسبِ حکم جوین تہٕ فلحال نیم تنخاہ جوراہ تارٕتہٕ۔

تہٕ اَز تہِ چھےٚ سوے ژٕندرِوار۔ آفتاب اوس اَز شاید دوہہٕ کھوتہٕ سُلی درامُت۔ مول اوس وُنہِ اَخبارٕ ے پَران تہٕ چایہ پیالہٕ اوسُس پتھر۔ اَتھاوس تیٚخ تہِ لوٚ گمُت تہٕ مائِلس زَن اوسنہٕ اوکُن ظونٕے۔ مےٚ دِژتَس زیر زِ چاے گیِی سرد۔ تمہِ دیُت نہٕ کانہہ جواب۔ صرف وولُن اُچھو پیٹھٕ عائنکھ۔ اَخبار تھووُن پانَس ژھایہِ تہٕ لوٚگ دوِیَو دوِیَو اَتھواوش وتھراونہِ۔ مےٚ باسیو وصاف زِیہ چھ وَدان۔

'کیاہ سادلیل۔ خأرٕ ے چھا؟'

'کہِنہٕ نا' تمہِ ووِن تورٕ تہٕ کرن ژھوپہ۔ اَو پتہ ووتھ بیٚیہ'

'بُجر ہاتہٕ بیٚیہ کیاہ۔ شاید چھ عائنکس نمبرڈ ولمُت'۔

مگر مےٚ بیوٚ ٹھ نہٕ۔ خاص کُرِتھ بڈیو وےٚ شکھ زیادَے ییلہِ تمہِ اخبار پانَس ژھایہِ تھوٚ وتہٕ نیرٕن وِزِ پانَس ستی تُل۔

'اَخبارَس چھ کیاہ تام لیکھتھ'، مےٚ داُیر پانَس ستی۔

بہ رۄُدُس گوٚس تہٕ دراس لوٚت لوٚتے مأیلس نظرِ۔ مأیلی اوس اَخبار برِنہٕ پیٹھ گِنہٕ بۄٹہٕ اَلمارِ منزٕ ژھٕو رِتھوومُت تہٕ ووٚنی اوس دَرواز نبر گُن کھڑا۔

بہٕ پراریوس گوڑٕ مأیلی ہِندِس نیرنس۔ سُہ یتھے دراو تہٕ مےٚ وول اخبار تہٕ کھوٚتُس برأرکأنی منز یہِ پرِنہٕ۔ اَخبارس آسہٕ تمے سورخی یِمہٕ عام طور آسان چھےٚ۔ اَما بوٚنہٕ گِنہٕ اُس یک کالمی خبر،

’سرکاری نوکری حاصل کرنے کیلئے بھائی نے بھائی کا قتل کروادیا‘۔

مےٚ پرٕ یہ خبر تہٕ پرٕتھ گوم دِل سَخ اوزٕردِ۔ ’وچھ سازٕمانہٕ کیاہ آو۔ یہ تہٕ اوس وُچھن‘۔ بہٕ اوسُس سوچان تہٕ اَتی پیوم بیا کھ خیال۔ اَما مول کیازِ اوس وَدان۔ اَما تمی کیازِ ووڈ ......؟‘

سوچان سوچان یہِ مےٚ اَندازٕ کوٚر، مےٚ زَن لٔج گرین۔ مےٚ کھوٚت بُتھس وٕشلُن۔

’گوأمِس چھ یہوے شکھ۔ گوٚوأمی زُونس بہ یۄت کم ذات تہٕ کمینہ؟‘ مےٚ وون پانس سٟتی،

’اُمی زونسہٕ بہ یۄت ذلیل؟ اَما یعقوب ہےٚ مےٚ پننہٕ نبہ اَتھو روچھ۔ پی سوچان باسیو وُمےٚ سوٗرے ووپر۔ پنُن مول باسیوم ووپَر۔ یعقوب ووپر۔ یہ دُنیا ووپر۔ ترٛٹھ یتھ دُنیاہَس‘۔

مےٚ کھیوو قسم زِ بہٕ گرنہٕ یہِ نوکری۔ بہٕ کھیمہٕ زٔہر یاٚ بچھ مگر یہِ نوکری گرٕنہٕ۔ چنانچہ گوہٕے نہ بہٕ اَمہِ دوہہ سکول۔

لگ بگ آسہِ ہاٚ دُ پہرتہٕ مول ژاو تھدِ ژاس گران اَندر۔

'کیاسا از چھا چھُٹی؟' مأل وون ٹاٹھنیارٕ سان۔

'نہٕ'۔ مےٚ پھوٚ رِیتے۔

'ژٕ کیازِ تیلہِ پیٚتی۔ ساڑٕ کاہ ہے بجیہ'؟

'مےٚ چھنہٕ یہِ نوکری گرٕنی'۔ مےٚ وون بُتھ تھوٚتھ۔

'کیازِ......؟؟'

'میأنی مَرضی'

یہِ وَنان ہیوٚت مےٚ نیرُن۔ دَپھ مول اوس آ کاش۔ کانہہ کأنسہِ وٕنی زِ مول۔ تمیٚ وُچھ پتھرٕ کنہ سے اَخبار۔

سہُ بیوٚٹھ پتھرتہٕ وأجن گلہِ پٹھ ٹوٚپہٕ تہٕ دِتُن ژٕ چھنہِ مینگہ نَم۔ مےٚ أس خبر زِ فکرِ یا شرارتہٕ وِزِ چھ أمس گلس اوک اونگ گران۔ مگر مےٚ زَن گیہ گلہٕ زبوتہٕ وَنُن توٚ گُم نہٕ کہنی۔

واریاہہ کالہٕ تُل مأل گلہٕ تہٕ ہیوٚتُن نَستہٕ کنہٕ زیوٚٹھ شاہ۔

'ماجہِ تھنز اوس سونہٕ وَس روپیہ خزانہٕ ۔ سرتلہِ مولہٕ پیم تمے ہٕنزِ تہٕ تم دیار کرِم چانِس دوستَس حوالہٕ'۔

وَنان وَنان دِژتمی اَچانک ڈبکس ژٔ نڈتہٕ ووتھ تھدِ ہٕٹہ،

'مےٚ اَسنہٕ خبر زِ یُتھ ژھل کرہم ۔ اَمی گنز گیم ۔ وُلٹہ گیم ۔ جوان رٲیِل ژُو نیونم چانہِ نوکری باپتھ'۔

یہِ خبر بوٗ زِتھ گوس بہٕ شَشدر ۔ مےٚ زن کوٚ ڈُکھ پرِتھ تانہ اَندرٕ پینہٕ پینتہِ زُو ۔ مےٚ پیٚیہ دلگیرِ نی لفظ یاد،

'غم مہ بَر ۔ ژٕ تہِ گنڈ وتھ خاصہ لوٗکَن ستی ۔ مےٚ پیٚیہ تن کیاہ تہِ کرُن'۔

مول اوس کلہٕ بوٗن کُن ترٲوِتھ شاید اوش ہاران ۔ بہٕ گوس تَس نزدیکھ تہٕ کُرمَس کلس تَھپھ ۔

'بگرِ کرِ بگُر'، تمی ڈول پننہِ کلہ پٹھہٕ میون اَتھ تہٕ ووتھ مےٚ زَنتہ اَلٹی میٹھم دِوان ۔

'خبر دار چھے پنہٕ زبو کھولکھ، کانسہِ نش یہ راز افشا کرکھ ۔ اَکھ پوٗتھر دِتم تہٕ دوٚیم دِنس سوٚمب چھُم نہٕ سامرَتھ'۔

'بگرِ کرِ ہرگاہ زِندٕ چھے روزُن'۔

# پکوراس گندآئنی

''پادشہس آو سازندرن ہُند گوُن پسند''، گلہٕ بڈی رازدانن کر

بیاکھ پادشاہ کتھ شروٗع۔

بسہِ منز آسہٕ واریاہ سوارِیمن پادشاہ کتھ بوزٕنی خوش اُس کران۔

چنانچہٕ روٗدی تم کن دأرِتھ۔کینٛہہ نفر اُسی تم تہِ یم ووٗنی بتنگ اُسی آمٕتی۔تمو

کھور بتھہن بوم۔

گفہٕ کتھ چھنہٕ ترٛے دوہ تہٕ ترٛے رأژ۔آتھوارِ دوہ صبحس اُسی تم

صرف بہن گنٹن ہندِ سفرُک یرادٕ کرِتھ ہرینگرٕ دراٚمتی تہٕ از اُس بودوارتہٕ

وُنہِ اُسی تم رام بن تہِ واتنے۔

ٹنلہِ اَپارِ اوس تاپھ تہٕ ٹنلہِ یپارِ آسہِ شرانہٕ وسان۔شیطان نالس اوس

ابلیس برادیوٗمُت تکیا زِواٚ طوفان اوس۔اَڈوتی گٔیہ گاڈِ روٹہٕ۔سڑکھ گٔیہِ بند۔

''خوش گرٛزھتھ کوٚر پادشہن اعلان زِ پرتھ سازندرس بخشو حسب

سازینامہٕ۔۔مطلب،یَس ییژٕ اشرفی سازس واتن''۔

''یتھ گوٚ ودوٚ ہے یٕی''، أکی وون دویمس،

''نتہٕ حأدر پوٗر، برزُل یا راجہ باغ۔ پنژاہ لچھ چھےٚ زمین کنال تہٕ لۆکھ چھی تہٕ گرتھ تہٕ ہوان۔ زن ژوچہ ؤری چھِ کنٕنی، یمہ روپیہ ترٛٹہ چھے ستھے کنی وسان۔ ژور دوہ گےٚ یتھ صحراوس منزُ چھان۔ مزرتھ تہٕ تکلیفہ سوأے ووتھ نہٕ اسمانہ سانہ باپتھ کہنی''۔

''أزہایار چھےٚ شیٹھِ لچھ کنالِ۔ ژچھُکھ پرسُچ ریٹ ونان۔ ساڈِ ستہٕ روپیہِ چھےٚ ازڈبل سیر''۔

تہٕ رازدان اوس ونان،

''شأہی اعلان بوز نگارٕ وألی تہٕ۔ تس ژایہِ فِکر تکیا زِ ساز اوُسس ٹاسُرتہِ اتھ واتہِ ہیس نہ کہنی''؟

بوزن والیو منزٕ کوٚ ڈکینژ وبروڈ دپھاڈ بوزن ہوٗزٕ ےنہٕ۔

''مگر بانڈٕ کوٚٹ اوسنا''۔

رازدانن وون تھیٚکیتھ ہیوٚ ہ تہٕ تھوُون کلامہٕ جأری۔

''بانڈٕ کوٚٹ اوس چالاکھ، سُہ ووتھ لوتی تہٕ رأ چھدرن ژھایہِ نین نگارس اکہِ اَندٕ بستہٕ تھوٚ دتُلتھ۔ تتھ بنوٗون ڈُل تہٕ دراوڈُلس یأتی دیار ہیتھ رازٕ دربارٕ منزٕ''۔

''یہ گوٚوٹر۔ یہ بیوٚٹھ نہ مےٚ''۔ جوانن أکی وون سُری وأ لی آیہِ ،

''أخر پادشہس چھنا عقل۔ تس چھنا خبر زِ نگارس چھےٚ دوٚیہ پاسہِ

بستہٕ آسان؟''

'ہتا یارٕ پادشہس کتہِ گیہِ خبر۔ییٚلہ خبر آسہِ ہیس تہٕ پادشأہی ہندس

بناوتس کوٚت لگہ ہا بچور۔ تیٚلہِ آسہ ہین مہاراج گنج یا ہری سنگھ ہأیی سٹریٹہ

دُکانےٕ تروومُت۔ پادشاہ کیا لوکُٹ موہنیو چھا زِ ہوٕد ہُرِ سنہِ۔ سأنی پادشاہ

وُچھکھ ، تم چھِ ہوأیی جہازس کھسان۔ ستہٕ وارِ دامدر تہٕ دامدرٕ ستہٕ

وأر ، ہفتس منز دوٚیہ پھرِ کرانِ۔ تمن کتہِ گیہِ خبر زِ خوٗنی نالہٕ کیاہ

گوٚو۔ شیطان نالہٕ کتھ چھُ ناوٗ تہٕ شیطان کربأ گی چھُ براداں۔ تم کرسنییہ

ناشری کتھ بلایہ چھ دہان تہٕ پیڑ ا یعنی دَگ کیاہ گیہِ۔ سمرولی لفظُک مطلب

چھوٕ خبر؟' تمی کوٚر پانے سوال تہ پانے ووٗنن جواب تہِ۔

''سمرولی یِک اصل چھُ سمہار تہٕ سمہار چھِ ونان پھُٹنی پھاکہ گرِچھنس''۔

'پھُٹنی پھاکہ گرِچھ ہس تہٕ جانے اوس۔ یم بال یہن وٕستھ۔ کم

سے کم بنہِ ہا یہ سڑکھ ڈبل ٹریک'۔ یہ وون أکی جوانن پننی کنی دزن دادِ

'گوٕڈ چھی ییمہ کِنن پڑاون تہ حسب حال ناو۔ خونی نالہ، شیطان

نالہ۔ ناشری یعنی، وِہناش تہٕ سمہار۔ یتھ کتھ پتھ ونان 'قومی شاہراہ'؟

'توتہِ ہا اوس پرانہِ زمانہٕ اکوے پادشاہ آسان۔ از چھا یمن گرہند ۔کاہ ساس روپیہِ بیسک پےbasic pay تہٕ پادشأہی حاضر۔ یعنی جہازس کھسُن مُجراہ''۔

کس تام پیٖو وخیال تہٕ تمی پرُژھ بٔنیس،

''ہے!! یہ پنڈت جی کُس سأ گوٚو؟ یہ کتھٕ کُنی کشیرِ لوٚ گمُت''؟

''ہے حأج صأبا، یہ چھاحض ژےٚ ستی''؟

''اَہن حض میےٚ ستی چھُ''۔ حأج ووٚن بڈہٕ ہٹہِ۔ یتھ زِرازدان تہِ بوزِ۔

''آرانیڈ بی لیس منز چھُ ملأزم۔ ژکہِ چھُ یہ تہِ سونےٚ بوے۔ کرالہٕ یار اوس روزان مے ہمسایہِ۔ تو ہہ چھےٚ خبرٕ ے زِ بٹن ستی کیاہ سپُد''۔

تہٕ رازدان اوس پنہٕ نس مزس ستی ونان،

'نگارٕ وأ لس، توگ تہٕ دراو روپیہ یلاے ہیتھ۔ وُمرن پتھ گوٚو آباد۔ اَماسورنیہِ وول کیا کرِ ہا''۔

بٹن ووٚن اسان اسانِ ''لتِس اوس تمأ کی چلمہِ سوٚمب ساز''۔ ''لتس دِژ کھ روپیہِ موٚٹھا تہٕ کوڈُ کھڈ کہٕ دِوان شأہی دربارٕ منزٕ''۔

''جان کوٚر ہس شکس لدس''۔ رَگہ دود جوانا اکھ ووتھ مغز ژاپان،

''مےٚ چھُ پانس تہِ شہنأیی وادن کھران۔ صبحس یلہِ ریڈیو پیٹھٕ

سو رنے وزان چھےٚ ،فکری چھُنہٕ تران یہ چھا خوشی ہُند نغمہٕ کنہٕ ماتمی دھُن"۔

مگر حاۓج اوس بدل گردابس ۔تس اوس راز دان نگارٕ وول باسان تہٕ پنُن پان سورنیہِ وول۔

"اَرِوَنزاہن لچھن (۵۸۰۰۰۰۰) ہُند داہ پرٕسنٹ ۔یم گیہ ساڈ پانژھ لچھ روپیہ ۔ یہ رقم روٗٹن گوڈٕ تہٕ اَدٕ موٗنن بِلہِ دسخط کرُن ۔تانی کرنو ونم ٹھیکہٕ الاٹ ۔کدل ہر گاہ وٕسِتھ آو تہٕ تپالہِ دِن مےٚ ۔میےٚ واتناون خوجہِ یارٕ بل۔ أمس کُس کیا وَنہِ ۔ثبوت کیا چھُم زِ ساڈ پانژھ لچھ رٕٹن گوڈَےٚ"۔

أتھی اندر کھٕتی لڑکہٕ جوراہ نیلان ٹھیلہٕ ہتھ بسہِ ۔تمن أس شانش کھسان تہٕ ٹھینچہ عأرق وسان ۔شاید أسی تم تھکٕ متی ۔سوارہن ہنزٕ نظرٕ آسہٕ نہ لڑکن کُن بلکہ ٹھیلن کُن۔

"ہے یہ کیا سا اونوٕ"؟

"" کیلہٕ "،اکھ جوان ووتھ لفافہ ہاوان،

"ڈوڈہتہِ چھےٚ درجن"، یہ وون دویم۔

"ڈوڈِہتہِ درجن"!! سارِوٕ ےوون یکہ وٹہٕ۔

"اَہن حض ڈوڈِہتہِ ۔أٹھ کلومیٹر پیوٚ و پیدل پکُن تہٕ اَدٕ وٕ چھٹرک۔ ڈریورس کوٚ رزارٕ پاراتہٕ اَدٕ موٹیووٚ"۔

''ہے تریش چھاھِس گُنہِ''؟ یہِ وون بُڈن اُکی ۔ تس اَس بچارس
پراژن سفید لاے کھٔژ ہمژ ۔

''اَہن ھِس ، پنژاہہِ روپیہِ چھِ پیپسی بوتل ۔ ہُکیا ہُمہِ موڈٕ اَپارِ چھِیٖ سرکأری گاڈی ۔
دپان تریش اَنہٕ ناوکھ ہیلی کاپٹرس منز تہٕ توَ ے چھےٚ دروج پہن''۔

یہِ خبر بوزتھ لگی بسہ منز بہتھ سوارن پھِھرٕنی تہٕ اکھا ووتھ اسمان گُن کلہ کرتھ،

''شکر خدایس گُن ۔ توتہٕ ہاگرمےٚ عقل ۔ مےٚ دِتےٚ نہٕ تنخاہ رٕتھ گرِ
کِنہِ ۔ مأکی وون یم پونسہ تھاوچندس ۔ بنان چھُ ۔ اتھ سڑکہ پیٹھ چھُنہ وٕسع
۔ اَسی ہکو پیٚتہ کینہہ کرتھ تہٕ ژٕ کیاہ کرکھ ہرگاہ یتھ رٕ دلوگُن تہ سڑکھ بندگیہ''۔

اَکس پیوٚ ومنزی خیال ،

''یہِ پنڈت جی گژھ واریاہ پوٚ رمت لیٚکھمُت آسُن ۔ کتھا سرت
ساگر چھُ''۔

''تہِ کیاہ گو''؟ کمی تام کوٚ رُس سوال ۔

''مطلب دلیلہٕ سمندر ۔ یہِ آسہِ سےٚ لیس کتابہِ خزانہٕ آسہِ دِہماغس اندر''۔

اتھ پیٹھ پھوٚش شاید حاجس مگر وُنُن لوتی یتھنہٕ رازدان بوزِ ۔

''بٹہٕ ہے چھُ تہٕ پوٚ رمت لیٚکھمُت آسہِ نا ۔ لڑکہٕ چھُس زٕ ۔
دوشوے چھِس انگلینڈ ۔ اکھ مکانہٕ چھُس کرایہِ یارٕ ۔ تتہِ چھُس سی آر پی کیمپ

۔بیا کھ بنگلہٕ چھُس نانک نگر جومہِ۔تتھ اندر چھِہ زٕ ے بأ ژ روزان۔نہ ہمسایہٕ ،نہ اٰشناو۔نہٕ ییٚن نہ گژھُن۔فکراز کرانہِ کہٕنۍ۔پادشاہ کتھہٕ ونہِ نہٕ تہٕ اِد کیاہ کرٕ"۔

اَتھ جمأژ دۄر پہن اَس بیا کھ ڈپھر پانہ وأنۍ کنہ پھسراے کران۔تمن وژھایہ کتھ کتھ کرأنی تہٕ ہرزا ایکھ تھپھ ملناوٕنی۔اکھا اوس شرارتہٕ سان دویمس ونان،

"بہٕ وَنے صاف۔توہہ چھُوٕ دِل اکھ تہٕ زبان بیا کھ۔دوہے اٰسوٕ دون کھراون سوار۔یپأری گیوٕ کربکہٕ دِنہٕ یہ ملک ہمارا ہے تہٕ ہُپأری گوٚوٕ گرٕ أندریُم ژھوٹھ سڑکہِ پیٹھ تراوُن۔بجلی پاوٕر بایتھ جلوس کڈُن مگر سڑکہ پیٹھ کھڑا بجلی کوٗڈتہِ زالنٕ"۔

دویُم اوُسُس بُمہٕ چأرِتھ ونان،

"تراوَونا ژھوٹھ۔دیوارٕ أندریُم حصہٕ چھُ پٹُن۔سڑکھ ماچھےٚ؟سوٗ چھےٚ سی آر پی والین ہنز۔یانۍ آنگن برٕنبر قدم تراوکھ،سی آر پی وول چھے حأضر،

"کہاں جانا ہے۔کارڈ دِکھاوٗ"۔

یوٗ ہے موضوع اوس شاید بیٚیس جمأژ تہِ مگر کتھِ ہُند اپروچ اوُسکھ بدل۔اکھا اوس ونان،

''دُمتس منزٕ ژہ شۄرش۔ شےٚ لچھ فوجی آے بندوق ہتھ یور۔ اکھ لچھ لُکہ گیہ مارٕ۔ وُمرن خاطرٕ زٕ تھیو دُشمنت۔ حالانکہ پےٚ اوسکھ زِ بو ہران کیاز ِ ووتھ۔ ہر گاہ نیت صاف آسہِ ہیکھ، یمے شےٚ لچھ فوجی ترٕہن شےٚ لچھ بیلچہِ ہتھ کشیرِ۔ ژٕو داہ لچھ کأشرِ نیرِہن یورٕ پھوٚتی تہٕ ٹاکرِ ہتھ۔ کُنہٕ ہلہٕ شری گژھِ ہادبو یہ شنایہِ لدسڑکھ ازڈبل ٹریک آسہِ ہانیمژ۔ کأشرس تہ عام ہندوستأنس آسہ ہانہ پانہ وأنی یٔوت دۄ رہر۔ نہ ذٔہنی تہٕ نہ زمینی۔ یم لۄکھ از پنڈالن کھٕستھ ایلسپرٹ اوپنین دوان تہٕ سانہٕ زخمن نوٗن متھان چھِ، تمن آسہِ ہا مسخہ صورتھ گامژ۔ یاد چھُیہ، أسی گیہ تم یموتیٛلہِ کالہِ 'حملہٕ آور خبردار، ہم کشمیری ہیں تیار' کۆر۔ ژٕھری القاب کتھ لگن۔ تیٛلہ یۆ دوے۔ یتھ قومی شاہراہ ونہٕ ہووتہٕ شۄبہِ ہیس۔ یہ سڑکھ چھے نارٕ کول تہٕ أتھٕ پیٹھ چھےٚ الحاق۔ روٗد پیٛو ونہ پیٛو، الحاق پھُٹ''۔

أکی ژوٹ پٕنٕنی کنی ٹانہٕ،

'واہ! کُس مزٕ، وتھ گژھِ بند تہٕ سأری پنٕن تریشہ، نہ کوئی بندہ رہا نہ کوئی بندہ نواز کُنہٕ لنگر آسہِ آرمی تہٕ سولن۔ أسی اَنو زیٚن تہٕ ہُم زالن چولہٕ۔ أسی اَنو آب تہٕ ہُم سارن بتہٕ۔ زنتہٕ وُرٕبلس منزووُنہِ وألی۔ واہ''۔

''اتھ مقابلہ کیاہ چھُ سپدان، جو مہِ پیٹھ کشیرِ یا کشیرِ پیٹھٕ جوٗم ترٕن

چھُ موتس آلوکرُن ،ہۆستۆ زِہۆستۆ ،اگرمۆ دتہٕ کھۆستۆ''۔

بیا کھاوولیوو،

''شیٹھ وری گے ووٚنی اَسہِ اورِ یور کران۔ شیٹھے کیاز، ڈوگرٕ راج ہتھ اکھ ہتھ تہٕ شیٹھ وری۔ سوال چھُ زأکس ڈوگرس چھا کوشُر تگان یا أکس کأشرس چھا ڈوگری فکرِ تران''؟

''یہ چھےٚ کتھ !!'' یہ وون نزدیکی سیٹھہٕ پیٹھ بہتھ لیڈر آیہ قراقلی دتھ أکی بزرگن۔ تس کھٔرٕ شاید یہائے یأژ کتھِ ٹارِ تکیازِ تس کھیوکھ بُتھ،'' کیازِ؟ باقی اوسا بکواس تہٕ أسی آسی بکواس کران''۔

''دپھ سارازدان صأبنی پأٹھی پادشاہ کتھہٕ دگان''۔ اتھ پیٹھ تروو سارٕوے اُسُن۔

کھوتہٕ نیت آسنس پیٹھ زیٹھیو بحث تہٕ کتھ ژھوٹراوان ووتھ بیا کھ بزرگ،

'بوز ساگوٚ برا۔ بہٕ ونے بدنیتی کیاہ گو۔ مےٚ اوس دوستاہ تٔسی موہہِ خانہٕ دارینی موصوم شُرترأوِتھ۔ أمی سےٕ شُری ہندِ مارِ متہٕ کوٚرأمی شخصن دویم نیتھر۔ یہ شخص باے یۆ تام لاولد آس، شُرس ستی آس ٹھیکھ ورتاوان۔ مگر یأنی تس پنُن اولاد زاو، تس بدلیہ نیت۔ یتھے سو بتہٕ آس شیران، پنہٕ نس

اولادس آس بتہٕ پلناوان تہٕ ونان،

''کھےٚ لگے بلایہِ۔ سوٗرے کھییہٕ زِ''۔

اتھ مقابلہ یِیلہِ ووٚرٕ شُری سنز وآری آس یوان، تس گن آس بتہٕ

بانہٕ دأرِتھ دِوان تہٕ آس ونان،

''رٹو ہتا۔ پھٹوٚ''۔

یوٗتام یہ شُر طفلہ اوس تس اوسنہٕ فکرِ تران تہٕ سُہ اوس سونہٕ گوٚبُر ہیوٚ

بتہٕ لاکھ کھوان۔ مگر یتھےٚ سُہ فکرِ پیوٚ تہٕ کتھن مانہِ توٚگس ژارُن، تمہِ دیُت

اکہِ دوہہ بتہٕ بانے ووٚرٕ ماجہِ بُتھس دأرِتھ۔

اکھا اوس ونان، 'مے چھُ پرایمری سکول چہِ کتابہِ منز پوٚرمُت زِ محمد

تغلق اوس دلہِ ہُند پادشاہ۔ تس ژاو اکہِ دوہہ الخنّاس تہٕ بنوٗن پٔنن پایہِ

تخت 'دیوناگری'۔

''دیوناگری نہ سأ۔ بلکہ دیوگری''، دوٚیمہِ نفرن کوٚرُس تصیح۔

''خأر یہ آسہٕ۔ دپان اتھ پتھ وونگھ تس Wisest Fool۔ تِکیازِ

پایہِ تخت بدلاونہٕ ستۍ ووت لوٗکن یذاہ۔ سوال چھُ زِ سأنی پادشاہ چھِ وٗریس

منز دوِیہ پھِرِ دربارموکران۔ جوٚمہِ کشیر تہٕ کشیرِ جوٚم۔ یمن کیاہ ونو''؟

کمہِ تام ووٚن تہٕ باقیو تروٗس اُسن۔ "Foolest Wise"

بسہِ ہندِس بیک سیٹس پیٹھ اَس لونڈ جماتھا ہتھ۔ یہند تیز رتہ تکرار اوس لونڈ حسابے Sensational۔ اکھا اوس ونان،

'سو ہاأس خوش شکل مگر نکاح گری تھےٚ مژ راآ وسو وآرِ ویو۔ سو گرِکھ پاگل۔ کُنہِ کامہِ دِژ ہس نہٕ اتھ وَتھ۔ بدنام شہر گرِکھ زِ'ہانٹھ' چھےٚ، اُمس چھُنہٕ اولادٕ ے۔خاص گرِتھ اونس زأ مو ستاو۔ مس ِ آسس کڈان۔ مالنوٕ تہند بو کر یو وکوتاہ۔ پیر فقیر، ڈاکٹر، حکیم۔مگر اولاد بنیو ونہٕ۔

ہش اَس کُنہِ تہِ قمتس پیٹھ شُر یژھان۔ سہ تہ نیچو۔ چھیکرس وآ ژ خلع کرنس پیٹھ نوبتھ تہٕ ماملہٕ پیوٚ وعدالتس پیٹھ ۔ وٚری جوراہ چلییہِ کاروآیِ تہِ ۔وکیلو کوٚر خوب بحث مگر فآصلہ ہیوٚک نہٕ سپدتھ۔ اکھ دور ونان نآود یار بیاکھ کران پروردگار روردگار۔ گرانہٕ مانان خانہٕ دار، گاہے نہٕ کورِہندی مالنہٕ۔ کُنہِ وِزِنہٕ کوٚرتہ کُنہ وِزِنہ ہش موج۔ چھیکرس ییلہِ اُمس خوتوٚنی جاآرِس پیٹھ آو، یہ سپز جج صاأبس برونہہ کنہ ووڈٕنی کھڑا۔

'جناب جج صاأب۔ وُنیس تام کوٚر رُم صبر۔ کُنہِ کتھہِ کوٚر رُم نہٕ ننبر۔ بہٕ اَسس مالِی سُند تہِ یژھ رچھان تہٕ خانہٕ دارِ سُند تہِ۔ بہٕ ونہٕ تہٕ سورُے یہ نہٕ مےٚ ازتام کانسہِ وون مگر میون خاندارأنی تون۔ سہ گری تون مےٚ برونہہ کنہ حاضر۔ سہ وُچھن بہٕ یہ ونہٕ تہِ چھاپوٚ زکنہ اپز۔

جج صأبن دیُت اجازت تہ تمہٕ ؤنی دلیل ۔ بھری عدالت میں'
سب کچھ کہدیا'۔

سوُرے ہٕو زتھ پرژھکھ تہندس خاندارس تہ تمی بدلگامن کوٚر بتھ
ژوٚ رِتھوتھ زبأنی یتی یقرارزِ آمےٚ چھُ یہ کوٚ رمُت ۔ اتھ پتھ گوٚ ولوٚ کن
دم ۔ ہشہِ دتی بُتھِ بُتھِ ۔ وأرِوی دور گوٚ وجل ۔ تموہیوٚ ک نہٕ چیس گرِتھ ۔ مالنو
ژوٹ سینہٕ ۔ تموہاوِ سونبن مُشتہٕ ۔ کتھہٕ کاکبن وکیلن گیہ بولتی بند تہ جج صأب
یُس اوتام وٚری وادو پتھٕ سوُرے قصہ بے دلی سان بوزان اوس ، اصل
مامل وُچھتھ زن گوٚ ومٕ ننذرِ بیدار ۔ تھزِ کرسی پتھٕ تھوٚ دوتھتھ دژن کریکہ ،
"This is horrible. This is crime The accused should be prosecuted under Section 372 Ranbir Penal Code for committing unnatural act with his life partner

کتھ ونن وول یہ لونڈہٕ ہیٚہ ہاپنٕی انگریزی لفظ کأشری پأٹھی پھرِنی
زِگاڈِ نیٚبری گوشور ۔ لوٚکھ اٗسی ننہٕ وأری ژلان ۔ تمن زن اٗس لار ۔ تہ ژلہٕ
وُنہن پتہٕ پتہٕ اٗس پُلسہٕ جیپ ۔ جیپہ اندر اوس جوان اکھ مگافونہٕ منزٕ کریکہ د
وان ،

'بھاگو ۔ پہاڑ آرہا ہے'۔

O

# تاپھ تہٕ ژھاے

ُساأرِسے ژٕھنٛی تو بلاے، گوڈٕ چھنہٕ ییتہٕ مکانن پٔشی کُنہٕ۔

پنجرٕ أندرٕ نیرأنی پھرناۄ کوکرن ژووأپأری گردن تہٕ لۄبُن بدلے تماشا۔ نہ اوس کُنہٕ تھزرتہٕ نہ کانہہ بہہ جاے۔ تتھ پیٹھ کھٔستھ سُہ کھُلہٕ ڈُلہٕ بانگ دِیہ ہا۔ پننہٕ گامہٕ اوس تس عادت زِ ییلہِ سُہ مرٕ أندرٕ نیرہا، شی گرِتھ اوس کھاران لبرِس کُن دَو۔ لبرٕ پیٹھ اوس تران رٔحم گولنہٕ گُچھہِ تہٕ گُچھ پیٹھہٕ تاران غفار خان نس سرنس کُن ۆپھ۔ سرنس پیٹھ وأتتھ اوس دوشوٕنی پکھن ملہٕ ناوان ٹاس ٹاس تہٕ پتہٕ دوان کیاہ زبر بانگ۔ یہ بانگ اوس سُہ دوہے دِوان۔ ییلہِ مۆرتر اۄہانس تیلہِ، ییلہِ سُہ وۄلسنس ییہ ہا تیلہِ۔ یہ بانگ آس سارِنی یاد۔ شُربن کھو بڈٕین۔ مردَن کھو زنانن۔ اہلہٕ محلہٕ چہِ کوکرِ ییلہِ بانگ بوزان آسہٕ، لارِ ہیٕژ آسہٕ پننہٕ نۆ آنگنو أندرٕ نیرِتھ یوان تہٕ لبرس کُن کھٔسِتھ آسہٕ کوکرس أندٕ ی أندٕ ی جمع گژھان۔

دَپھ از ییلہِ نِوٕ جایہِ وأتتھ سُہ پنجر أندرٕ دراو، أندی پکھی لۄبُن

سوٗرٕے زَن چھٲلِتھ۔ تس پیوٚ وہنگہٕ منگہٕ سُہ دوہ یاد ییلہِ ووہنہٕ زانہہ تہند گامہٕ نار لجوو۔ مکانن گیایہ پژھ ہے ونن۔ یوٚ سے لۄ سوے آبہٕ سٔری۔ نہ کُنہِ پٔش تہٕ نہٕ کٔنڈی ژھر۔ چھرا چھٲلِتھ درامژ لبہٕ۔

أندی پکھی فضھس اس وُنہٕ تہِ تری تہٕ منزی منزی اس واوِ رِنگ تہِ پکان۔ تس آوس ردی ہُند خیال تہٕ کھوٗرن تیرٕبن پھوکھ۔ دپھ ستی باسیوس یہ زن آسہ نہٕ سو تریوسہٕ تہند گامہٕ اس ووتھان۔ سُہ رووارٕے تہٕ پھرِن اورِ یور گردن۔ أندی پکھی زمین اس پزٕ کنی أدر۔ اکھتُے اسی کُنہِ کُنہِ آبہٕ دوب تہِ۔ ظاہر چھُ زِ راتس آسہِ ہاضرورروٗد پیومُت۔ دپھ ہوا ؟

تس زن بیوٚٹھے نہٕ۔ بییہ اکہِ پھرِ کھوجن صرف یہ زانتھ پکھہٕ زِ بنان چھُ بُل ماگوم۔ دپھ سو اس نہٕ کتھ۔ روٗدپنہٕ باوجود اوس ہوا گرم۔ تتھے ہیوٗہ گرم یُتھ تہندِ گامہِ گریشمہٕ کالس منز آسان اوس۔ یتھ اندر دم ہیوٗہ باسان چھُ۔ تمی کھور دُبارٕ تیرٕبن پھوکھ۔ ییمہِ لٹہِ یہ زانتھ زِ رژھا دیہ تانن ہوا۔

منز دُپہر ییلہِ واتہِ ہا، کوٗکراوس کُنی دوترأوِتھ سُرٕبنس کھسان تہٕ تتہِ پیٹھ سبد ان ڈانگرن ہنزٕ ہا کہٕ وارِ۔ دُپہرن بأگی اوس سأرسے وارِ شُہل پھیران تہٕ یوہے اوس سُہ وق ییلہِ مہر کالچن بأگی رننہٕ باپتھ ہا کھ ژارنہِ اس براندس پیٹھ بہان۔ کوکرس اوس عادتھ زِ ہا کہٕ وارِ اندر ووٗٹھ تراونہٕ برونہہ

اوس ضرور بہ ضرور بانگ دِوان۔ تس بہودُر پہلوان ہندی پأٹھی یُس حملہٕ کرنہٕ برونہہ دُشمنس خبردار روزنُک تہٕ پنُن دفاع کرنُک تہٕ پرتھ قسمُک سامانہٕ کرنُک پورٕ پورٕ موقہٕ چھُ دِوان۔ مہر ہرگاہ براندس پیٹھ آسہِ ہا، کوکر بانگ بۄزِتھ اُس رَسے ٹُلان ہا کہٕ بۄ دتہٕ تراوان لأزِم درپژٔھی آیہِ کوکرس برونہہ کنہِ تہٕ ہرگاہ مہرٔ چھُن کھوٗرڈٔجمٕ آسہِ ہا، کوکراوس کھسان ینِدرٕ دوسہِ تہٕ پلوان داں پہرس کُن گرذن تہٕ دِوان زورٕ زورٕ زورٕ بانگ۔ اکثر اوس مہرِ گرٕ ھان تھودوہ تھُن ظلُم۔ اما پۄز چارٕنہٕ۔ رژھا ہے ژٔریگیوو، تس اُس خبر زِیہ تراوِوار اَندرووٹھ تہٕ پھرِ ہا کہٕ ڈٔرِس فان۔ سوأس کڈان ووہَو،

’وِش ژٔے ہِشنأے۔ پیو ہمہٕ وأتتھ۔ ہتارشیدا۔ تلاأمس ژٔھن کُنہٕ۔ دَپھ یہ اوس زبأنی یوت۔ کوکرس اُس خبر زِ رشیدٕ آسہِ سکول تہٕ دوٕیُم کانہہ شُرانہِ نہٕ سَہم زِ کوکرس کرِ ہش۔ تس پیۄ و یاد زِ اکہِ دوہہ یلہِ کُمی تام شُری کُنی لأیتھ کوکرس بوس پھاٹہٕ وُن ہبڑ وو، محلہٕ لرٔ آے زیٹھیہِ۔ مہرأس اُکی سے اُکی سے ونان،

’ناتہٕ توہہ کیاہ کریونو بچأری۔ ہاکھیون تہٕ سانہِ وارِ ہُند۔ توہہ کوسہ کُنی ژٔھنے نوَ دانن۔ گوٚ ژٔھونہٕ وَنُن‘۔

توپتہٕ گوٚ ژٔھ وُچھُن بند بند کیا سورنس۔ اکہِ اکہِ پھرنس تیر ہن

اوٗنگجہِ۔ یم تہٕ شُری أسی تموٗ سورڈبہٕ کھانٹھن کبتھ آب تہٕ چوٗوٗ کھ کو گُر تریش۔

کوکرن ترووووش تہٕ پھیوٗر پنجرٕ پٔٹس أندی أندی ۔ ذٕ چھنٛ کھوٗ ری یم تہٕ کوکرٕ أسی تِم أسی پنہٕ نس کارس ستی مشغول۔ کینہہ پکھن منز کأرتراٗوِتھ زولہٕ کران تہٕ کینہہ أچھ گرٕ زی گری سیکہٕ لس زمینس اندرراٗوی مِتی خزانہٕ لبنچ کوٗشش کران۔ دوٗ ر پہن کوٗنس أکس منز زولہٕ کوگُرا کھ زنتہٕ ہفتا کالہٕ ہُند بیمار۔ خبر کیاہ زأنتھ أس تس خوش لوٗٹھ کوکرِ ہن گتہٕ گیوٗ رکران۔ اِدٕ حرام ہے ہُمس کانہہ اثر اوس گژھان۔ کوکرن دیُت یل تہٕ پھیوٗ ر دویمس طرفس ۔تس پیوٚ ویاد زِ پنہٕ نہٕ گامہٕ ییلہٕ سہٕ مرٕ أندرٕ نیرٕ ہا۔ مجال چھا کانہہ کوٕ کر کیاہ ہکہٕ ہیس بروٗنٹھی پکتھ۔ برابر توتام یوتام نہٕ تس پننہٕ مرضی آسہِ ہے۔تہٕ اِدٕ ییلہٕ مأل پھیرِ ہیس ژور ژورآسس پتہٕ پتہٕ پکان۔ کانہہ ذٕ زی تن تہٕ پنہٕ نس دزنس۔اوٗ ری اوس کھوٗ ان پدٕ رسُند گوہ۔

نِ جایہِ وأنتھ یمہٕ کوکرذأ ژتس نظرِ گیہٕ،تہٕ وُ چھتھ گوٗ سہٕ سخ پأٹھی پریشان۔ ہسا اڈہن نہٕ گردنٕن تیر بے۔ أڈی عأن تہٕ غأن یمے جزٕ روس ہوٗنی ۔کینہہ أسی تتھی تہٕ یمن کلس پیٹھ مَولہِ بدل گول ژریچہِ آسہِ ۔کینہہ تیتی زنٹھی زِ وانگن گُلس پلہٕ ہکھ تالہِ تام تونتھ۔اکھاوس تیوٗت ویوٚ ٹھ زِتو ہند باڈوٗ وُچھتھ آوکوکرس اُسن۔

'اماسَنا یہ کیاہ کرِیہِ'، تمہِ سۆچ پانہٕ ہے ءستی، ہرگاہ مہر ہُند رشید

أمس کترِ کھئنڈ زنگن لایہ؟ یۆت وِچھر تہٕ نہٕ کینہٕ۔ تم ژِ وون پانہٕ سے ءستی، 'نہ

تگبس وُچھ تہٕ نہ کھسبس گلی گنڈ مچہ أندرٕ آواز'۔

تس پیۆ ویاد دیلہِ سُہ پننہِ گامہٕ یئندر دوسہِ کھئستھ بانگہٕ بانگ کران

اوس آسان مہرِ ہُند رشید اوس ءپنٕنی کنی آیہِ لایان کترِ کھئنڈ تس زنگن۔ دپھ

تِتھُے کوکرس باسان اوس زِ کترِ کھئنڈ ہاوأ ژتس نزدیک۔ سُہ اوس زنگہٕ ز

ہیۆرِ کُن وٕٹتھ کُنی ووٹھ تُلان۔ کترِ أس تلی کنی نیرتھ ژلان تہٕ یہ اوس

تراوان زنگہٕ زبون۔

'اکھ تماشا اوس سُہ تہٕ'۔ کوکرس پیۆ ویاد، 'تماشہٕ وُچھنہِ آسہٕ محلہٕ واجنہٕ

تام نیران داربوکنی۔ باربار آسہٕ رشیدس فرمائیشہٕ کران زِ تِتھے کُنی لاییس بیا کھ

کِتر۔ شُری أسی کران ژرِ پۆپ۔ تماشہٕ موکلِتھ أسی گرٕ شہان پھلس ڈیرِ۔

تۆمُل ناتہٕ کنہٕ نا، ژوچہِ ناتہٕ رس داربتہٕ نا۔

پھری پھری پیہ کوکرس مہرِ ہنز ہاکہٕ وأریادتہٕ سأرسے پانس

گیس ہیرِ بونہٕ دِنن۔ شایداوس کُل گامس اندرتہنزِ یوت وارِ مزدار ہاکھ۔

تھ أسی تہٕ تروش ترٕوش وٕتھر۔ عأن تہٕ غأن ترکأری۔ گلس پٹھ یتھ تہٕ ہاکہٕ

بزگس دِگ دمہٕ ہوکنی چھِٕھ أسس ووتھان تہٕ توتام اوسنہٕ ووندِ یوان

پوٚت پھیرنس یوتام نہٕ ہا کہٕ نَل تام صاف گرٕ ژھِ ہا۔ کوکرن تروو زیوٚٹھ ووش۔

یہ چھُنہٕ پتاہ زِ گامس کُس وُلامہٕ آیوو۔ تتھ گرس کیاہ گُدرے یوویتہٕ

یہ کوکُر اوس۔ تمن کیاز بدلییہ نیت۔ کوکرس اوس پتے یوت یاد زِ اکہِ دوہ

شامن ییلہِ تمۍ حسبِ معموٗل مُرس کُن قدم تروو، تس دِژ کمہِ تام بلایہِ تھپھ۔

پٔنِس کٔنۍ لاجون شور تہٕ۔ دوشوٚنی پکھن ملہٕ ناویون ٹاس ٹاس اماپوٚز زن

کرِہس شُستر وہانکلہٕ۔ کوکرس سوتییہِ تمۍ وِزِواہ ییلہِ تمۍ گرٕچ مالکیٚنۍ بذات

خود کوکرس تھپھ دِنہٕ وآلس نزد یکھے تس ستۍ کتھٕ کران وچھ۔ تمۍ تُجییہ مالکیٚنہِ

کُن آرٕ برٕ ژچشمہٕ۔ تس کُن وُچھتھ لاجون بییہ اکہِ پھرِ شور اماپوٚز بجایہِ اسکے

سوکرِ ہا کوکرس مدد، تمہٕ دُن پھرن تہٕ ژایہِ اندرتہٕ پتہٕ تہِ درایہ نہٕ تورٕ واپس۔

کوکرس اوس یاد زمرِ أندرٕ کڈی تھے دِتُھ تس زنگن دون ڈنگ۔

پکھن کورہس کانچ تہٕ دِتُھ درو پھرِتھ پنجرس أکس منز دأرتھ۔ یوتام گاش

اوس تو تام اوس کوکرس یاد زیہ پنجرٕ کموو تو پوٚک۔ تمۍ ژھُنڈۍ بال تہٕ مأدان۔

وَتہٕ توٚر روار یاہن کولن۔ اَو پتہٕ ییلہِ لنہِ گوٚٹ پھیوٗر کوکرن لوٚب نہٕ کہیٚنۍ

سِواے پتھ کُن تیز ژلہٕ وُنہِ واوُک شور۔

تو پتہٕ ییلہِ پنجرس درواز تروٗکھ کوکرن وُچھ بدلے عالم۔ نہ تمۍ گلۍ

تہٕ نہ تمۍ جاناوار۔ نہ تمۍ دوسہٕ ہٕڈ تہٕ نہ سُرِ بوٚن۔ نہ مکانن پھوچ کٔنۍ گاسہٕ

لوٚے اَلانزٕ تہٕ نہ کُنہِ داں گچھے۔ مکانہٕ آسی تہٕ اکہِ حسابہٕ نامکمل۔ یمے ووڈُنہِ
گرِیسی بایہِ، کنہٕ واجہِ ترکھ کرِتھ، اما کسابہٕ نہٕ کھینز۔

تس کھٔرٕ ہناوأنج ییلہِ تٔمی کوٚکرکھیچہِ أندرٕ پانس دوٗر پہَن پتُن اَکھ
زأنی کار کوٗر وَنہِ کوٚڈ۔ گوٚڈٕ پیٹھس نہٕ پژھے مگر ییلہِ أچھ زٕ
چوٚپرأوتھِ وچھُن، شک بدلیوس یقینس اندر۔ یہ کوٚکُر اوس سُے یس سُہ کینہ
کالہِ برونہہ پننہِ گامہٕ لبری دامنس تل محلہٕ کوٚکربن ستی مسایہ ژٹان اوس
وُچھان۔ دَپھ تیوٗت بُز دِل زِ تتھُے دوٚیم کوٚکُرنظرِ گژھہس رَسے پأٹھی اوس
أکتھ کُن روزان۔ زن نہٕ کھیزٕ اوسُن کوٚرمُت۔ أہنز یہ بُز دِلی وُچھِتھ آسی
محلکی باقی کوٚکرا کھأکس کُن ہاوان تہٕ ٹأنہٕ ہی ژٹان۔ تمہِ آسی زأنتھ مأنتھ
تس وُتش دِنہِ باپتھ کوٚکربن دِوان زیر۔ تمن کران ٹھٹھٕ اما پوٚز مجال چھا
ہُمس پھیرِ ہاغأرتھ۔ زانہہ سپدِہس گرٕ دِنہِ أندی أندی خوٗبصوٗرتھ تیرٕ چھَج
وہراونک توفیق۔ ظأہر چھ زِ کوٚکرن گیہ أہنز کھٔر۔ تمہ روٗدی تس نِش لوٚب۔
یہ اوس تہٕ ننگ اسلاف۔

دَپھ ییلہِ اَزٔمی وورِ جایہِ یوہے کوٚکُر وَنہِ کوٚڈ۔ تس گوٚ وسوٗرے
مُشتھ۔ زن آیس موجبتہٕ چہ رگہِ مُشرٕ نہٕ۔ پننی کِنی گوس بڑٕ آش ہتھ برونہہ کُن
تہٕ کوٚرنس یہ ڈٕلی زِ تہٕ گوٚل برٕتھ آلو،

'ہیا ژتہِ ہا۔تتھ بأندی وانس۔ژٕ گرُ واوٕنہکھ؟'

یہ کوُکرُ زَن اوس ہتن زاگان۔ تیمی سِنز ژھرِ ے کتھ زن اُلجس شوٗرِ بنہِ گندَ کھتُج۔ زن دِیتہس شرٕنہِ ترٕس تہِ آوپھو کہِ بالہ ہٕندی پأٹھی پھٹنس۔

'وَنتم کوسہٕ بٔدی گیی زِیور اوٕنہکھ؟ ژ کہِ بوز تُہی چھِوٕ ے کم ذاتھ۔ژھوٹہ کھٔری۔ یژتس ستی چھُو نہ خویلی۔ دٕپھتم چھُوٕ کیاہ تمن بد بودار مرٕن منز۔ربکہ تہ گاند۔گوڈٕ توہہِ چھِوٕ ے گنزٕنس۔یہ نے وٕقتس تاون پیٚیہ ہا، توہہِ ہی شوٗبہٕ ہَن نہٕ پیٚیتہِ لرٕشہ ڈُونس۔ پیٚتھی بانٛس کھوٚان چھُو تُہی چھرنس تہِ ہأل'۔

سہٕ کوُکر روٗ دبکواس کران مگر تیمس چأرٕس اوسنہ یوٗت بدردبوزتھ تہِ فکرِ تران۔ یہ اوس صرف بوزان تہ ونان نہٕ کہنی۔ یہ اوس پننہِ جایہ حأران زِ اُمس سوٗدس نِے ہتہِ دِدِ پھوران اوس تہٕ یہ کیاہ۔ یہ زبان کتہ آیہ اُمس۔

وِچھان وِچھان پھچہٕ کوٚنو اُندرِ بلایہِ۔ کوٗکرس گوٚ وپھرٕٹھ۔یٚیلہِ تمی بانٛس اُندی اُندی خوفنا کھ بُتھی نظر کڈی۔خبر ہے آسہِ ہٕس تہٕ ہتہِ پھرِ چھلہِ ہا چوٗنٹھ تہِ اِدِ کرِ ہا دوٚیمس کوٗکرس ستی کتھ۔سہٕ کوُکر پھیوٗر تمن گُن تہ وونُن تہنزی زبأنی منز، 'وُچھو ساہے بایو، یُس یہ شخص چھُ، اُمی تہٕ اُہند بوحواربو ہسا واتہٕ نوٗوُس بہ ژلہٕ نس۔ ہے یمونسا اوٗسم کلہٕ پھرنس وارتھو وُمت۔اُمس تأرِو سافکرِ زِگشیرِ چھنہٕ کہے گرٕ۔بالہ یپارِتہِ چھُ دنیا'۔

سُہ گۆ وامہِ اورتہِ واریاہ ونان۔ سُہ تھٲوِ تون اُکنۍ، تیمس کوکرس دیُت نہٕ کانٛسہِ تہِ موقہٕ زِ پننۍ صفأیی کرِ ہاپیش، نہ کرِ کانٛسہِ أمس پرٛ ژھ گاٛر۔ بلایہِ یمہٕ تہٕ آسہٕ تمو لاجہِ الگ الگ ڈپھرِ۔ بیارِ بو الگ تہٕ ہونو الگ۔ شالو الگ تہ نۆلو الگ۔ دَپھ کوکریم أسی تمن زن گونہٕ کٕہنہٕ۔ تہندی کنہٕ زن گۆوُ ے نہٕ کینہ۔

تم رۆ دی حسب معمۆل کلہٕ بون گُن ترأ وِتھ سکہِ مأدانن زأکی دِوان۔ مگر اتھ پیٹھ تہٕ گر رامہ ہونو تمن کھر کھ تہٕ ژأنکھ أندرِ مہِ بار کہ منز ۔ بار کہ أندرٕ کنہ أس آسمانس یأژ بلند و بالا قلاے۔ تھدٕن دیوارن پیٹھٕ سنگین جال۔ تیژ تھزٕ زِ وُڈٕ وُنس جاناوارس ییہِ ہا نہ تمہ پیٹھی وُپھ تارنس سہم۔ کوکرس باسیوو یہ فضول تکیا زِ اِمہِ جایہ ہندی بسکین در کوکر أسی نہ بأرکھ پان ہیتھ دون قدمن ووڈھ ہٕکان تأرتھ تہ ییژ تھزِ قلایہ پیٹھی تہندٕ وُپھ تارنک اوس نہ سوالے۔ یہ بارک أس خوشوٕنی۔ یہ أس صاف تہ شفاف ۔ یہ اوس نہ مۆر بلکہ پۆرٕ مکانہ۔ بۆزی تویو ہے خوجہ ہُند باڈو دار مکانہ۔ اتھ آسہ رنگدار لبہٕ۔ دُہلی گاشنے اوسُس بجلی زۆل۔ رنگین قلایہ أسی ژووأپأری کیاہ زبرڈبہ سجأوِتھ۔ ڈبہ أسی دیوارس أندی أندی لأنن منز۔ اڈٕن منز پھل تہ اڈٕن منز ترلیش۔ پھل اوس بسیار تہ قسم وار مگر تہ کرتھ تہ وُچھ تمی سبٹھا کم کوکر

پھلس کُن مازان ۔ اما کوٗکُر گوٚ وحاٗران ۔ واوِشپی چھکن والبن پکھن تلہ کنہ

ہتہ واد کوکر کھوکھت موکُت کرتھ پانہ وٲنی اکھ اکس منز پان ژومراونس

ستی آوِری ۔ سارنے تیوٗت مازٲلی ٲلی کھوٚتمت زِپان باسان گو بیومُت ۔ ''

یہ تہِ گونہ کینہہ '' تمی وون پانس ستی '' یہ پھل چھا صرف پان وٕتھراونہٕ

باپتھ ، مازٲلی ٲلی کھارنہِ موکھ '' ؟

'پھل گیوو اسی تھےٕ دپھ رٕکن تام چھکھِ رأچھ ۔ یہ تہ گوٚ ونہ کینہہ ۔

ہاوباوا سبٹھا مگر پکھ وہراونس بندش ۔ یہ گوٚ وتاون ۔ کُجا سانہِ پوکھرِ بلگ دوٚبہ

داتھُر ۔ تُلہ ہارس منز ییلہ گریشم اوس تتان ، محلکی کوکر اسی شی کرتھ اکے وُپھِ

دٲن تھرِ کھسان تہ پنہ ؤتھرن منز ژٗرِروٗزتھ پانس شیہجار کران ۔ امہِ وِزِ

آسہٕ تھرِ پیٹھ بہتھ ہارِ ژرِکھر کھ کھوان تہ ژلان ۔ کُس مزٕ اوس اتھ تہ

لگان ۔ بچارہن وتہ آسکھ نہ یوان ۔ تس پھیوٚ رمگر ستی پیوس خیال تہ وون ،

سورٕے اسمان اوسکھ یلہ ۔ وِرِزأڈتہٕ بونہ بل ۔ وِرِزأڈتہٕ استانک برنگ ۔

دوٚبہ داتھُر اوس وِرِزأڈن منز باگ ۔ اتھ أس سےٚ منزس کول تہ

کولہِ یپارِ أس دأن تھٔر یتھ لنگ لنجن ہُند گُتجار اوس ۔ دُپہر ڈلتھ آسہ محلّہ

واجنہ ژھیٹی بانہ ہبتھ یوان ۔ کوکر تھےٕ بتہٕ پھلی بیتر ژھیٹی وانس ستی کولہِ

ہندس آبس منز ییران أسی وچھان ، شی کرتھ أسی دأن تھرِ پیٹھٕ وسان ۔ مگر

ییتہِ وُچھٕ تمۍ بدلے تماشہ۔ نہ وُپھتہ نہ سہ وُڈو۔ تس گوٚ ومتھ زِ سُرم ہٕنس پٕٹھ کھٔستھ دوٚ نژھراوِ دِگوٚستی لڑھ تھٕ ہارِ ہا ہُمہ سنٛز اماپوٚ زییتہِ نہ اوس سُرِ بوٚن گُنہِ نہ ژھوٹہ ڈیر۔ یتھ پنجرس منزیم کوکرا سی تتھ اوس پٕتھرس سیمٹھ۔ کارنہٕ اُسس لڑھُل ہتھ پتے آسان تہٕ اتھ حالس اوس نٔہگر دِ ہُند تہ، کانہہ نشانے۔ تمۍ کٔرپھل ڈبن گُن حقارتہ سان نظ تہ ووُنُن ہانہ ہے ستی، '' ناریمن ڈبن، چھُ کیاہ یمن منز۔ مزٕ چھُنہ موٚہرٕ ہُمہ سنٛز کھینس۔ مزٕ چھُ ژھوٹہٕ ڈیرٕ منزٕ ہُمہ سنٛز کڈِتھ سو مارنس تہ کھنبس۔ مزٕ چھُ ژھوٹھ دوٚ نژھراونس۔ رِبہ ستیٚ تونت لِتھٕ ناونس۔ بتہ پھول ییلہ ژھیٹۍ وٲنس ستی کولہِ منز ییران آسہِ، مزٕ چھُ ژلہ وُنس آبس منز تتھ پتہ دوررنس۔ مزٕ چھُ گُرنس دِگ دِنس ییلہِ سہ آبس منز گتہٕ گیوٚرکران آسہِ''۔

یٖ سوچان، آو کوکرس جاٲرس پٕٹھ تہٕ 'وہ جانے' کرتھ دِژن کھلہ کھشہ بانگ۔ باقی کوکر رودی آسیب زدن ہندی پاٹھۍ تس وچھان۔ شاید اُس نہ تمن خبر زِ بانگ کیاز تہ کو باپتھ چھِ دوان۔ تمو لوگ میٖرٕ موٗٹھُن۔ کوکرس پھُچہِ پرِ تہ ووٹُن چونٹھ۔

اکہِ دوہ گیہ کاٲم زِ کتھہٕ تام پاٹھۍ گوٚبٲندی وانسن بوٚ ریلہٕ تہٕ کوکُر دراو گُنٛی دَوِ نبر۔ پنجر منزٕ نیرِتھ ییلہِ تس تاپہٕ پھوٚتی درینٹھ گے، سہ زن آووولنس۔ پتھ

برونہہ وُچھن نہٕ کہنٛزِ تہٕ دِژن وژِھ وأنجہِ بانگ۔

یہ بانگ بوٗزِ کُلہِ پیٹھ کیٛو جاناواروتہٕ تمن پھیر زندگی۔ یکہٕ وٹہٕ سٕمتھ لوگُکھ ٹریوٗ ٹریوٗ کرُن۔ یہ بانگ بوٗز پوشہٕ لنجو تہٕ تموٗژھٹےٚ مُشکنِہ دار۔ واو رِنگ یوٗسہٕ اوتام سوٚت سوٚت پکان اٚس تمہِ ترووَرو۔ تتھ بنییہ اٚندی۔ اٚندی ییلہٕ کُلی گنزٕ مئنزی پُچ، لنگ لنجو کوٚڈواش۔ تموٗوہروونچھ۔

دَپھ ییلہٕ اٚندی کوچہٕ بازٕری پھیر، تتہِ ووتھ گردِغبار۔ یُسےٚ بُتھِ آو۔ تٔسی پیٹھ اٚچھن۔ تس ہوٚکھ اٚچھن ہُند آب۔ تس راٚو پچھان۔ اَنہِ گٔٹس منز ییلہٕ اٚندی بالہٕ تینتالیٛن ستی ٹکر۔ یہٕ تتہِ واجن شیلہٕ۔ اکھ بوحران گوپاٚد، اکھ ووژراٹھ ووتھ یُس نہ ازتام سوٚ رمُت اوس نہ بوٗزمُت اوس۔ بےحساب اٚسی مارٕ واتل۔ نہ رٔو دکنہ اَند نہ کانہہ گنڈ۔

عقل مند وأنی پھکھ۔ سورمہٕ ہش کرٕہنٛز تہٕ ماٚدٕ ہش پٔنٛچ۔ یہ پھکھ تراٚو کھ پھلس تہٕ پھَل کھیوٚ وکوکرن۔ سُہ دوہ تہٕ یہ دوہ کوکرس چھُ ہوٚٹے بنگر۔ سُہ ہرگاہ تھزرس کھسہِ تہِ، تس تگی نہٕ بانگ دِنی۔

ووں گوٚوبانگ بوزٕنی تہِ چھنہٕ اَزکانٛسی خوش کران۔

# سِند بادُن أٹھُیم سَفر

سِند بادن اَنی پننہٕ نَبن سَتن سفرن دوران اَنیکھ دولت سومبرِتھ۔ سُہ بنیوو دُنیاہُک امیر ترین موہنیُو۔ پوٚد پتھرس پیٹھ تراونہٕ بدل ہرگاہ سُہ حُسن بانو ہِندِس فقیر خودایہٕ ہِندی پاٹھی سونہٕ سیر بوٚیٹھی پکُن ییٚژھِہا، بُڈ کتھ اَسنہٕ۔ ژتجہے کَمہِ وون، ژتجیہہ ضرب لچھ چیلہٕ اَسِس قدمن چشمہٕ وتھراونس تیار۔ تِمہِ اوس سُہ مقام تہِ لوٚبمُت یُس اَسی پننہٕ کِنہِ سبٹھا تھوٚد زانتھ کانٛسہِ تہِ سپرمینس (Super man) بخشان چھِ تہٕ یَس متلق پتہٕ پادشاہ کتھ شُرہٕن بوزناوان چھِ۔

سوال چھُ زِ یُہوٚت ناو۔ ییژ دولت، آدرستکار تہٕ ہردِلعزیزی پراَوِتھ تہِ کُس ہاتفی ژاوسند بادَس نستہِ کِنہِ تیٚمی سُہ اِٹھمہِ سفرِ باپتھ مجبوٗر کوٚر؟ اَمی سوالُک جواب ژھارنہٕ باپتھ کوٚرمے خودِسند بادس اِنٹرِوِو۔

سِند بادَن کیاہ وون در جواب، بہٕ دِمہٕ مثال:

سانہِ محلہٕ اوس زِنہِ موٚزوٗراکھ تہٕ تِمہِ سےٚ اَسی ونان رزاق داند۔ شاید اوٚ کِنہِ زِ زوٗوزبتہِ کِنہِ اوس سُہ عانٛ تہٕ غانٛ چاروٚوے۔ قداور، جسیم تہٕ وُتہٕ مکھی۔

کھنٛس کیُت یڑ بوٚ ڈ۔ پلہٕ ہیس تہٕ سالہ مجلسہ منزرٹہٕ ہاژورن ہنز ترٲم کُنے زوٚن ۔ رسۍ تہٕ پھلکی پاٹھی اوس سروٚنٹس گوشتابس ژوٚپ کڈان ۔ پتہٕ اوسُس خداصاٲبن صفتا بخشمت زِسہ اوس گاٹھس پتہٕ حمال آسنہٕ باوجوٗد زِنی بورس کُنے زون اَتھ دوان تہٕ لاکہِ سأر اندریوٚ دوے دویم زون پلزنہِ تہِ یِیہ ہیس، تس اوس پھُٹران زنگہٕ ہوٚر ۔ سُہ اوس بور نکھس لدِتھ مُقامس واتنہٕ بروٚنٹھے دأرِتھ دِوان ۔ اَڈوَتی بور ترٲوِتھ کُس حسب حال گرِژھ ہالوٚکن، تتہٕ ستیٚ اوسنہٕ رزاق دانٛدس کانٛہہ لیف ألیف ۔ سوال اوس اَتھ دیُن تہٕ تہِ روٗدُسہ پننہِ جوأنی اندر تہِ برابر دِوان ۔ بُجرس وأتتھ یِیلہِ ستھ سوٗرِتھ بیوٗٹھ، ہنگتہٕ منگہٕ کھوٚتُس گوڈن ورٕم ۔ ؤری وادروٗ دبےٚ کارِتیمی چیزٕن جأرِس پتہٕ واتہٕ نووٗس ۔

ہُپأری گیہِ ڈلیل زِگاٹھہٕ پتہٕ یِیلہِ حمالےٚ روو، موٚزوٗر بنیہِ سأری حمال ۔ پأنی پانس پانے حمال ۔ ووں گوٚو حمال یتھ وَنوتہٕ روٗدنہٕ کانٛہہ ۔ ظأہر چھُ زِوأرأنی سپز ۔ گرگرراج لوٚگ یِیمہِ کِنیٚ لوٚکن ژوکیہِ ۔ تموٚ تُج افراتفری ۔

أخر کوٚر محلہٕ ژھِہ سوچ تہٕ سوچ کرِتھ تجویز زِ رزاق دانٛد گرِژھ دُبارٕ لاکہ سارِ نیرُن تہ پرانٚن پھُٹہٕ پھُراٹن نوسرِ اَتھ دیُن ۔ چنانچہ أنکھ لاکہِ سأری کرن وألی تمام مزور بُلأوِتھ تہِ تم تراونأوِکھ بہ اتفاق رأے ہتھیار ۔ کُل ہم پأٹھی کرِکھ سارِ بے رزٕ جمع تہٕ تمہٕ ترأوکھ رزاق دانٛدس بروٚنٹھہٕ کنہِ ۔ سُہ دراو

تمی ساتہٕ نوٚ وپاۂ توتہٕ نوٚ وکمر بند چاۂ رِتھ تہٕ تھکھ دِتُن زنی گاٹھس پیٹھ۔

اِٹھمس سفرس نیرنہٕ باپتھ سِند بادُن اعلان۔ییٚمہِ ساتہٕ عام سپُد، تمی وقتہٕ گرُوچھن والو پیشین گویی زِ یہ سفر پھُٹراوِ سِند بادُن بزم۔ سٕتن سفرن ہندِ حوالہٕ یُس تہِ کھوٚکھ مدرس شرُبن اندر سند بادس نسبت قائیم چھُ کرنہٕ آمُت، تتھ ووتھِ پرٕد۔ ووُنی روزِنہٕ حالتھ زِ موج آسہِ سِند باۂنی کارنامہٕ شُربن برونہہ کنہِ تھکہ وان تہٕ نہ کرن شُری پرانِن کتھن پیٹھ یقین۔ زمانہٕ چھُ بدل تہٕ شُربن چھےٚ خبر زِ سانہِ پتھر علاوٕ تہٕ چھِ دُنیاہس منز مُلک بییٚتہِ اکھ أکس کھوتہٕ شوٗبہٕ دارتہ مستقل مزاج سِند باد چھُ وُتھی ہتی۔ تم سند بادیٚلہِ تہٕ سفرس درائے، منزل پروٗکھ ،مقام لوٚبُکھ۔ یایٚلہِ تہِ کنہِ کتھِ ہُند یرادِ کوٚ رُکھ سوٗ أنکھ بامل۔ تمو پھیٚرنہٕ کالہ پگاہ ورُق۔ أتی دِچھُن تہٕ أتی کھوٗر۔ أتی تاپھ تہ أتی شہُل۔ یہ أس پژی کنہٕ سأنی غلطی۔ اسہِ اوس گُمانہٕ زِ اَسی یوت کیا چھُ سِند باد۔ چنانچہِ ہینن نہٕ ووُنی سانہِ نوشہٕ کورِپنہٕ ننِن رٕوی باۂتن منز سِند بادُن ہرگز تہناو۔

ژُکی درولاجہِ سوٗسرِہ گوٗسرِ مگر کانٛسہِ کوٚرنہٕ جوٗرَتھ زِسند بادس رٹہِ امہِ کوکارٕنِش پتھ۔ دپھ لوٚکہٕ موٗت تہٕ انہِ گوٚٹ۔ ییٚتہِ ترٹہٕ وَسن تہٕ تتہِ کیاہ کرن رینزٕ پھٔلی۔ گُس کارنامہٕ دِن انجام۔ نادان درائے بازر

"یِی کرِتی کرِلو؛ ولولو" کرانِ۔

حسب معموٗلِ گٲرِ نہٕ سِند بادن اِٹھمہِ سفرِ باپتھ تہٕ کُنہِ قسمچ کانہہ تیأری۔ تٕمۍ نہ ٹُل سامانہٕ تہٕ نہ قطب نما۔ تٕمۍ کوٗرنہٕ یہ تہٕ زِکم سے کم کرِہا پرانہِ نٕے حوار بن ہٕتی مشورٕ۔ موچھِ زٕ وَچَن تہٕ ہل بسم اللہ کٔرِتھ لٲج سمندرس ووٗٹھ۔ باقی یم تہٕ أسی، تِم بنییہِ صرف تماشبین۔

کینژھاہ وٲنۍ تو ساتہِ حسن تہٕ کینژھاہ سِند بادُن پٹُن طالع، تمۍ کوٗڈ سمندرس منز جزیرا اکھ نظرِ۔ تٕمۍ دیُت أتی تھکھ۔

سِند باداوس چالاکھ۔ تٕمۍ لڑاو سیاست۔ وِچھان وِچھان بنیو ورزاق داندٕ نی پأٹھی اَتہِ کہِ زِنۍ گاٹھک حمال۔ تٕمۍ گرا ٹٕہ سأر۔ گاٹھس پیٹھ چلاوِن پٔنٕنۍ قونوٗن یوٗ تام پتہٕ جزیرکۍ مألِک کُل بنیو۔

یہ سورُے کتھٕ پأٹھی سپُد۔ بہٕ دمہٕ مثال۔

دپان اکہِ زمانہٕ پھیو انگریز رأہبا اکھ افریقہ کِس آدم خور قبیلس منز۔ آدم خورن ہندس سردارس ییلہِ ثنس تہٕ پرٛینس انسانس کُن نظرپیہٕ، تس آو أسس آب۔ لحاظ دأری یک طرف ترأوِتھ ووٗتھ سُہ رأہبس زِاسہِ قبیلہٕ والین چھُ شوق زِ أسی کھموتھ ژٕ زندٕ ے۔ چأنس سفید مازَس وُچھو کیُتھ مزٕ آسہٕ۔ أسی وُچھو چون گرما گرم خون کیُتھ آسہِ۔

دپان رأہب اوس خوش قسمتی کنز ستارٕ شناس تہٕ۔ دوہ تہٕ أسی رٕتی ۔آدم خورن ہنز کم عقلی تہٕ توہم پرستی ہنز تہٕ أسس خبر۔ تمی کوٚر اعلان زِ ہرگاہ توہہ بہٕ مارنُک یا میون ماز کھنٛگ رَژھ تہٕ اظہار کوٚر رٕو۔ بہ یکدم سپدٕ سأر سے جزیرس گٹہٕ زول۔ میون دعوا ہرگاہ آزماوُن چھُوٕ، صرف پرأرِو ترٛے دوہ ۔ترٛیہ دوٚہی کرن بہٕ پھل ژندرٕ رہش زوٗن غأب ۔تہٕ ہرگاہ توہہ توبہٕ کوٚر وٕ نہٕ تہٕ بہٕ پٔنُن سردار تسلیم کوٚرووس نہٕ، تیلہِ کرن یہ آفتاب تہٕ غأب۔

آدم خورَن ہندِ باپتھ گومسلہٕ کھڑا۔ تمن اوسنہٕ اوتام یتھِ کتھِ ہُند ہرگزتہٕ گمان زِ آسمانس پیٹھ پرزلوُن تہٕ نارچھکہٕ وُن یوٗت تھوٚد آفتاب کیا ہیکہِ کأنسہٕ ہندی دٔسی غأب تہٕ گژھتھ۔ کانہہ کیا آسہِ یوٗت بلہ وٕیر زِ آفتابس کرِاَم۔ اما پوٚز سفید ژمہِ ہندین انسانن متعلق أسکھ خبر زِ یم چھِ نہ صرف پُر اسرار بلکہ ِچھِ سٹھا طاقتہٕ وأل تہٕ۔ تموٕ أسی یہندی ہتھیار تہٕ أچھوٕ وچھمتی یم کُ ہٕ تہ کنہٕ أسی زألتھ نوان۔ یموٕ ستی آبس اوس نار لگان۔ پانہٕ دوٗر روزتھ أسی تیتھٕ کٔنی لایان زِ بٔستی یَن ہنزٕ بٔستی آسہٕ دٔزِتھ پیوان۔ آدم خورَو لاجہِ ڈٔپھرِ، تموٕ کوٚر پانہٕ وأنی مشورٕ تہٕ چھیکرس سپُد فأصلہٕ زِ ترٛے دوہ پرارو۔ ترٛے دوہ گژھتھ وُچھوِ۔ ہرگا سفید ژمہِ وألی سُند وٕنُن پوٚز دراوسہٕ مانون سردار، تہٕ یوٚدوے کانہہ شب رنگ اوس۔ تکہ تکہِ تلوس زندٕ سے ماز۔

پان برابر گیہ ترے دوہ تہٕ زۄنہٕ لۄگ گرُہُن۔

آدم خورووُ چھِ پنہٕ نوٚ اُچھواسہٕ وُتہٕ زۄنہٕ اُتھر لگان۔ زۄن ہیٚن پزی غائب گژھنی۔ راژ ہُند سَنہ گوٚٹ ہیوٚتُن زتھُن۔ کُلی تہٕ بال ہیتن راوِنی۔ تِم آے یکہٕ وٹہٕ سُمتھ تہٕ پیٚیہ رأہس پرَن۔ سخ زرِ یار کوٚر ہس۔ اُتھی اندر ییٚلہِ گرُہُن موکلنُک وقت ووت، رأہن تُج اونٕج، کیاہ تام پوٚرُن تھدِ ہٹہٕ تہٕ ہووُن زۄنہٕ کُن اشارٕ۔ وارٕ وارٕ درایہِ زۄن بیٚیہ نٔبر۔ گاش پھیوٚرتہٕ اُتھی سٟتی پھیر آدم خورَن ہند بن بتھن تہٕ خوشی۔ تِمو دِتی نعرٕ،

''یی کرِتی کرِ بب کرِ لولوِ............''

جزیرٕ کو بسکینن تہِ یلہ انگریز رأہبہ سُند ہیوٚہ اہرِ سند بادن بہنو و، تِم آے رنگہ رنگہ ڈالیہ ہتھ۔ ژچھنہٕ تہٕ کھوورِی یہ کینژھا اُتھی آکھ تہِ سورُے تھووُکھ سِند بادس پیش کش۔ مگر سِند باداوس پانہٕ ژھرِی اَتھہٕ ہتھ گرِ درامُتت تہٕ سُہ کیا دیہِ ہیکھ۔ تِمی دِتُکھ وعدٕ زِ عن قریب تھاوِ سُہ رنگہٕ رنگہٕ توحفہٕ جات لوٚکن برونہہ کنہٕ نُنہٕ گُری کھالہِ تہٕ تلہ تلاو کھنہ۔ ڈلہ منزٕ کڈِ سون تہٕ سے بچھاوِ تارکول بدل سڑکن۔ اَسمانس لاگہِ ہیرتہٕ تمی پیٚٹھی ترن لوٚکھ بالواپوزِ۔ سہ کرِ تہِ سورُے ییٚمہ سٟتی پرتھ اُکس زندگی کُن رغبت ہُرِ۔ جزیرس پھیرَن دودٕ کولہِ۔ ژوپأری آسہِ گاش۔ یُس بہ سے پکہِ گردَن تھوٚ دتھوٚتھ۔ اوبروے،

خودی خود دأری سان۔

سُہ ؤوہ تہٕ سُہ ساتھ سِند بادبنیو وجزیرُک ماٗلِکھ ۔ تس پتہ تو پند نچُو۔

تس پتہ تو ہند۔ بابر، اکبر، جہانگیر۔

جزیرُک ماٗلِکھ بنہٕ پتہٕ کُس سوچھ کوٚر سِند بادَن۔ تٔمی کیاہ کوٚر بسکین

درَن ہٕندِس بوٚروٗسس تہٕ ییٚژھ پڑھِ، ییہٕ وِنہٕ ذاتک کتھا یہ ہنز حکایتھ۔

دپان گربدَن أکی لأج سرَس اندر بسان گاڈٕ پادشاہس ستی یارز

تہٕ اکہِ دوہہ ووتھ سُہ پادشاہس زِیتھ سَرَس اندرٕ ژ پادشأہی چلاوان چھُکھ،

یہ چھےٚ سبٹھاہ لوکُٹ ۔ ہرگاہ یتھ سرس آب ہوکھِ تہٕ ژ کیا کرَکھ۔ پادشأہی

کس کرکھ، گاڈٕ مرنے سارے۔

گاڈٕ پادشاہ گوٚو یہ خبر بوٗزِتھ غوطن ۔ تٔمی اوسنہٕ ازتام سوچمُتے زِ سَرس

کیا چھُ آب تہِ ہوکھان۔ اماپوٚز گربد۔ تس آسہِ ضرور خبر۔ یہ آسہ پزر۔ گربد

چھُ وُڈان وُڈان دُنیاہ ژھنڈان۔ أمی آسہِ وُچھمت ۔ بنان چھُ ہوٚ کھُس

آب۔ تس ژایہِ فکرتہٕ پرژھُن گربد سے امیک وو پاے۔

گربدن کوٚر تجویز زِ سُہ ہاوِ پادشاہس بیا کھ اکھ سَرُیس سبٹھا وسیع

چھُ تہٕ یتھ نہٕ زانہہ آب شوٚدِتھ ہیکی ۔ پادشاہ اگر ییٚژھِ سُہ ہیکہِ ساٗرے

رَیتھ أتھی سرس لُن منتقل کرنأوِتھ۔

دِپان گاڈ پادشاہس آو یہ تجویز ... ر۔ تمۍ تھاؤ گربدسۍ ذمہٕ دٲری زِ
ئے سارِ اُکہِ اُکہ سارۍ گاڈ تونتہِ اندٕ زاوٕنۍس سرس منز۔ اَتھ پیٹھ سپُد
یقرار تہٕ آو عہد نامہ ترتیب دنہٕ یعنی ایکارڈ کرنہٕ۔

شہر باشوکٕڑی جلوٗسہٕ۔ تموٗ دِتی تھوٗد وٕتھی نعرٕہ،

''یی کرِتی کر گربد کرلولِ ............''

کالہٕ کاجہِ رٕو دساسس دوہس گربد یہ قومی خدمت انجام دِوان۔ تمۍ
کوٗر آبٲدی ہُند معقول تبدٲد منتقل۔

اماسنا کوٗت؟؟؟

شاید چھُنہٕ ونہٕ نُک ضرٕورتھ۔ تکیاہِ ساس دوہ گُزرتھ ییلہِ پادشاہ
تہٕ تونتہِ منز تُلکھ، تمۍ وُچھ پنہٕ نسۍ سرَس پیٹھ کنہِ گاڈ کنڈٕن ہُند بوٗڈ بارٕ امبار۔
سِند بادٕنی کارنامہٕ وُچھِتھ ووتھ جزیرس انقلاب۔ لُکو تُل طلوٗطُم۔ دزٕ
وٕنین دانن پیوٗ کھ آب۔ وانَن لِلکھ پھالو۔ تموٗ ژٕٹی سوٗتھی تہٕ چھیکرس لوٗگ
حسب معموٗل کمیشن۔

کمیشنَن کٔری سِند بادس خلاف شوٲہد جمع تہٕ سارِوے کھوتہٕ بجہٕ
عدالتٕ کوٗر سِند بادنہِ باپتھ سزاے موت تجویز۔

سِند باد چھ بہ حیثیت اکھ مجرم پھاسہِ کوٗٹس پیٹھ کھڑا۔ مگرتس چھےٚ

توتہِ گردن تھٔز۔ نہ چھُ پانہٕ پنہٕ ننِن جُرمن پیٹھ تأیب تہٕ نہ چھِس شُرکی یا
حوأری مدٕ وسان۔ تِم چھِ پھاسہِ کوٗٹس دوٗر۔لبہِ أکس تل کھڑا توتہِ عادتن
کربکہ دِوان،
''یی کرِتی کرِ.......... ''
جیل خانٕکی بڈٕ دیوارٕ کی گُلا کن کوٗرٹھنی تہٕ اعلان سپُد زِ پھاسہِ روٗدک
ووٗنی صرف ترٕے مِنٹ۔جج صأبن تُجہِ سِند بادس کُن أچھ تہٕ پتہٕ آو تولی تولی
قدم ہیتھ سِند بادس نزدیک۔
جج صأب چھُ سِند بادُن پرون یزتھ رٕچھِتھ تس برونہہ کُن یوان تہٕ
سبٹھاہ نیزمی سان پرژھان۔
''توہہ ما..........کانٛہہ..........أخری خأہش''
''آ..........مے چھےٚ اکھ خأہش۔أخری خأہش'' سِند باد چھُ ونان۔
''حکُم کرِو جناب'' جَجن دیُت یقین،
''ضروٗر سپدِ تعمیل''
سِند بادَن ترأو أخری نظرلوٗکہ ہجوٗمس کُن تہٕ گردن تھود تھوتھ وونُن ججس:،
''یتھ پکہِ پیٹھ اِستادٕ روٗزِتھ..........اکھ فوٹو''

# عرض داشت

مسلہ اوس نوزک۔ شہر کی سأری عألم تہٕ مفتی أسی أنزراونہ بیٹھی متی ،

''مسلمانن ووت برابر تمی دوہ پیٹھ بڑٕ 'آمین' کران ییٚلہ وُنہ اسلام

مکہ دین ہے اندراوس''۔

یہ اعلان کوٚر تمہٕ فرقہ کیوٚ زٹھوٚیمن أسی عرف عامس منز کوٹہ چھٕ ونان۔

یہ اعلان ییٚلہ حنفی عألموبوٚز، تموکڈ ی اشتہار ،

''مسلمانن چھُ باند باندیوان کرنہ زِ پرتھ نمازِ منز أسن لوتہٕ 'آمین' کران

''۔ تمن چھُ بیٚیہ اکہ لٹہٕ تأکید یوان کرنہ زِ شرپسندن بے اعتقادن نش

روزن خبردار''۔

عألمن ہندی ادلہ بدل بیان بوٚزتھ گوس بہ پریشان۔ چنانچہ کوٚرمے

خودخدا صأبس سوال ،

''خداصأبا !! ژٕ چھکھا بڑٕ بوزان 'آمین' کنہٕ لوتہٕ''؟

میون سوال بوٚزتھ گوٚو خداصأب حأران۔ کہنی توگُس نہ جواب وَنُن۔

مےٚ تہٕ أس نہ خبر زِ مےٚ چھا سوال بڑٕ کرُن کنہٕ لوتہٕ۔

# ذات بُتراتھ

خبر ٹنڈٕ اوسا بجلی پاوٗرک کنہٕ سرکاری رئز ہُند توٗمُل اوس ناصاف تہٕ لوٗکھ اَسی ڈنڈٕ گُنڈٕ ہیتھ سڑکن پیٹھ سرکارس خلاف ''ہاے ہاے'' کران۔ تمن دوہن اَسی ایجی ٹیشن والی یاتہٕ کنہٕ تُلان یا اَسی کانگرِ لایان۔ آسمانس پیٹھ ہرگاہ ووزلہ رنگہ اوبرٕ لنگ نظرِ گیوکھ تہٕ مرد حضرات اَسی استغفار پران۔ زنانہ آسہٕ تھہر تراوان۔

جلوٗس ییلہِ کدلہ اپور ترِتھ بٹہ کوچس کُن پھیوٗر، مسلمان کٹھٕ لاجہ حسب عادت چھاَرمہ اسمانہ کرِکہ دِنہِ،

''بٹن ہُند بیول......''

بٹہ گرٕیم کوچس اَندی پکھی بسان اَسی، تموکرِ مکانن دارِ بندتہٕ بیٹھی اندرکُن۔

بٹہ اَسی اکثری کران۔ تم اَسی نہ جلوسن ستی نیران چاہے آبہ کامن تہِ کونہٕ آسہِ ہا یا بتہٕ کامن تہِ کونہٕ گرٕھِ ہا۔ اتھ پیٹھ اُس مسلمانن ہمیشہِ تھزٕ ژوکان تہٕ اصل مسلہ اوک طرف ترٲوتھ اَسی تم یتھِ نِے فروعی مامَلن تاَنتھ کھاران یوٗ تام اصل کتھے گال کھالتس اُس گرٕھان۔

اچانک دراوڈ چھنہِ طرفہ کہ کوچہ منزٕ کُس تام پنڈت جی، شاید پنہ
نٮ۪ن حاَرثاتن منز گرفتار۔ یہ نہ خبرٕ ے زِ جلوٗس چھُ۔

لونڈٕ جماَژ اکہِ کوٚ ڈ یہ نظرٕ۔ تمو دِژ کربکہ پونشہ تہ لوگکھ تس أندی
أندی بھانگڑا کرُن۔

حالانکہ اصل جلوس اوس ووٗنی کتہِ کور دوٗر یومُت مگر لونڈٕ اٚسی
پنڈت جی لیس ستی وُنہِ تہِ بحث کران۔

پنڈت جی اوس مزازٕ کنی تروش یا شاید ماگوس نہ 'بدتمیز' لونڈن
ہُند ووگُر برداش، تمی لاَج ہازنی۔ تمی وون کیاہتام وُلٹہٕ۔

اتھ پیٹھ وُتھی لڑکہ ژومبرٕ بہ یک زبان،

''اَسی یوت چھا مرُن.........؟''

''ہے واَلی ووٗن سا پنڈت جی آبس۔ فکرِ ترٕبس۔ یتھ سردی منز
ترنہِ آبہ سران کرُن کیاہ گوٚو۔ دپان چھُے ٹھنڈٕ آبہ سران کرنس گژھہٕ حاَل کرٕنی
۔اِمہِ ستی روزبو صحت ٹھیکھہِ۔''

'یہ ہا آسی بجلی انسپکٹر۔ واَلی ووٗن سا آبس۔ أمس آسنے ژور ژور ہیٹر گرٕ۔'

أکی دیت دکہٕ تہٕ پنڈت جی لوٚگ شِشُر لگی متس آبس منز وُلٹہٕ
پاَٹھی نرِزنگہٕ واینہ۔

صرف آسہِ ہاژیوٗ ہ کھنڈ گوٗمت ۔ تیوٗ تےٚ وقت یوٗت بانہ منزٕ بتہٕ میوٚ نڈ ٹُلتھ أ سَس تام واتناوِنس لگان چھُ ۔

یخ ہیوٗ ہ آب ، زمہریرتہٕ یارٕ بلُک نَنہٕ ..................

أٔتھس پیٹھٕ کنہِ کھڑا تماشبینن ڈٕلی ہوش ۔ أچھن اندر گوکھ نیوٗل تہٕ ووزُل ظأہرتہٕ یکہ وٹہٕ ٹُلُکھ کربکہ ناد،

''ہیا ۔ یہ ہاپھوٚٹے ! ۔ یہ ہامری!!'' ۔

دکہٕ دِنہٕ وول گابریوو ۔ بے حکمن لأین آبس ووٹھ تہٕ دٕژن بےٚ سوتھ گأمتس پنڈت جی لیس تھپھ ۔ پھبرن یمن نألی أسی تموکڈی پھبرن ۔ کانگرِ والٕو پھُکہنا وُ ہوٗنہِ کانگرِتہٕ ژورِ وژورَ وزنفرو پکہٕ نوو پنڈت جی تھپھ کرِتھ یارٕ بل أٔتھس یوتام تس سرد آبہٕ ستی شِشٹھٕ نیمرٕ ن نأرن دُبارٕ وُشنیر پھیوٗر ۔

o

# ہم کیا چاہتے..........آزادی

دپان کاشُر بن گےٚ ووٚنۍ لگ بگ دۄن ستھ ہتھ ؤری ''آزادی'' باپتھ جنگان۔ پرتھ صبح شام کوچہِ بازٕ ری کرکھ ناد کران۔ ہم کیا چاہتے......آزادی۔

امایہ ''آزادی'' گو کیاہ؟ عالمی سۄتھرِس پیٹھ چھُ الگ الگ قومن ہُند آزادی نِسبتھ فی زمانہٕ الگ الگ نظریہ اوسُمت۔ یتھو واقعاتو ستی چھُ عالمی تواریخ بٔرِتھ، چنانچہِ چھُنہ یہ موضوع وبژھناوُن ضرۄری۔ ووں گو، دپان کٔشیر چھےٚ جغرافیٲیی لحاظہٕ تہٕ پننہِ کلچر حسابہٕ عالمہٕ کِھو باقیٚ قومنش بدۄن تہٕ اسہِ لۄکن چھُ'' آزادی'' ہُند تصور الگ۔ مثالے، سانۍ کٔنۍ چھُ سفید جپسی وول آزاد۔ سڑکھ چاہے کائژاہ تہِ تنگ آسہِ تن، سڑکہِ پیٹھ کۄتاہ تہِ زیوٚٹھ ٹریفک جام آسہِ تن یالۄکن بچاربن گنٹہٕ وادو پیٹھٕ بسن تہِ میٹاڈارن اندر پننہِ مرٕژاپان ووتمت آسہِ تن، جپسی وول ییہ توتہِ 'پیں پیں'' کران تہٕ گگرکھ یئژھ ہندی پأٹھی اَژِہ ٹریفک جامس منز تہٕ کڈِہ پننۍ وَتھ۔ لۄکہ ہجومہٕ أندرٕ کرِہ نہٕ اکھ نفر تہٕ یہ سوال کرنٕک جُرتھ زِ ''ہتا یارو چھان چھُکھ ناوَتھ چھےٚ بند۔ پۄ دتر اونس چھُنہٕ باتھ۔ ژکۄت منزٕ منز اژان تہٕ وارے وَتھ بند کران۔'' کُہنۍ کرِ نہٕ جُرتھ تکیازِ جپسی وول چھُ آزاد۔

لۄکھ کرن بۆ ڈبڈیم یہ زِدلہٕ أندری کڈنس لبکہٕ پوٗنشہٕ۔مگر جپسی وأ لس چھُنہٕ امیک غم تِکیا زِسہ چھُ آزاد۔آزاد چھُ سأنی َکنِ شکتی مانہِ وول تہ ۔سوگامہ سڑک أسی تن یا شہرُک 'ہاے وے'، ٹوگراوند أسی تن یا زأنہٕ کدلُک گاڑ کوچہٕ۔شکتی مانہِ چھےٚ پرتھ سڑکہ ہوأیی اڈُک ''رن وے''۔ڈرایورس پٔٹھ کنہِ کھڑا ڈنڈٕ بردار چھُ گاڑِ ہندِ سپیڈ حسابہٕ وِسلہٕ کران تہ وتہٕ گتّھن وبسر اوان زِ ''دۄر رہو اور خود کو بچاو۔نہیں بچے تو مرجاو۔اگر مرے تو پأ زارس ؤندِتھ''۔کانہہ اکھا کریا جُرتھ تہٕ شکتی مانہ وأ لس ونہِ،''ہے یارٕ، گرٕ شوکوٗت ،لبن کھسہٕ وا؟ وُچھان چھُکھنا شُری چھِ سڑکہ پٔٹھ ،یم درا ے مدرسن۔مرد یاٚ دِ ری چھِ ،بیمار آے ڈاکٹر وانو پٔٹھ ،ہُمس چھُ کلس پٔٹھ بور،۔یُمس چھُ زنگن دود ''۔ہرگز کرِ نہٕ کانْہہ کتھ تِکیا زِ بندوق بردار چھُ شکتی مان۔یہ چھُ آزاد ع یی تس خوش کرِتی کرِلولو۔

آزاد چھُ تُلہٕ را کھہٕ ۔روپیہ ہتھ تھاوُس چندس تہٕ تُلہٕ موٚ نڈنہٕ ژٕٹتھ۔خوش کری کھاندرس لاگ یا نیاز باپتھ سجاوُرٕبل۔ژےٚ پرژھی نہٕ کُہنی تِکیا زِ تُلہٕ راکھہٕ چھُ آزاد۔

آزاد چھُ بجلی ہُند لاین مین ،یا پی ایچ ای یک ملأ زم یُس ٹیوب وٚلس رأ چھ چھُ آسان۔کھاندر کھوٗندر آسی تہٕ بتہٕ ترأم سوزی زبس ضرۄر۔ہرگاہ نہٕ سوزکھ تہٕ گأمی گامس کرناوکھ پانس ٔستی اَنہِ گوٚٹ،محلہٕ وأ لی پاوٕ ہکھ تریشہٕ۔ہرگاہ سوزِتھ تہٕ لُکھ کرنے دُعاے خأر تِکیا زِ روتلہِ سپد ہکھ بجلی گاشہٕ ٔستی دٔبل۔ہنگتہٕ

منگہٕ سپدن آبہٕ سُری ۔ترٲم سوزٕنی چھےٚ ثواب تِکیازِ کر بلاژلہِ۔

آزاد اُوس ملی ٹنسی ہندبن گوڈنکبن ؤرین اندر سون پرتھ کانٛہہ طایفہ درٕ۔شہرٕ کیوٚ دُکاندار و وِہرووسےٚ منز سڑکہِ تام دُکانن ہُند چھج۔مکانہٕ وٲلِکھ تہٕ پانے تہٕ تمن کھاجکھ مندورٕ۔گامہٕ والوٕ ہوکھرٲوِ سڑکہٕ دندبن ہٕندی سرسبز گلی۔ گلی ہوکھرٲوتھ لٲجھکھ لیئترٕ۔لیئترٕ لٲگتھ وٲلکھ سڑکہِ ڈُندس داندتہٕ رلوٗوکھ یہ وارٕ وارٕ کونگہٕ واربن ستی ۔نٔوی سرکارن دِژ وواتھ کم کاسہٕ گنڈتہٕ۔تموکڈی بلڈوزر۔دپان ٲمی تام وزٹرن ییلہِ کدلہٕ بل پانپر کہِ بازرٕچ حالتھ وُچھ،افسوس کھیوان ووٚنن ستی والبن ''اوہوہوہو!!۔آتنک وادیوں نے بہت نقصان کردیا ہے!!'' تہٕ ستی والوٕ ووٚنُس ۔''ہاں جی۔دیکھو کیا کیا۔اسی لیے تو ہم آزادی چاہتے ہیں''۔تم ٲسی دوہ ییلہِ عام پبلک تہِ آزاداوس۔امتحان نہٕ گژی تہٕ لڑکہٕ امتحانس پاس۔بوے دِوان امتحان تہٕ بیٚنہِ ہندِ ناوٕ سرٹفکیٹ ۔یمٕنے دوہن کیاہ سپد،ویتھِ کوٚرُکھ نالے مار،ڈل موژیو و برارِ نمبل ،وولرس گوہو کرسرتہٕ رٔنسی آرس وٚٹے شہرٕ۔

آزاد چھُ میانہِ گامُک حاجی خلیل صوفی ،کالہٕ آسان ژوچہٕ وُرس وزن ڈوڈ چھٹانگ تہٕ پگاہ یو ہے اوڈ چھٹانگ اور''ہردو کی قیمت صرف دو روپے''۔ آزاد چھُ سوتھہِ پیٹھک روسُل ننگر ۔وانگنس سوٚمب اَل چھس ترٕہہٕ ڈبلہٕ ودتھان۔پگاہ بناویو ہے لال چوکس منز شاپنگ کمپلیکس تہٕ بورڈ تھاوبس ،'ھذا من فضل ربی'۔ آزاد چھُ سون آئی اے ایس افسر۔ریڈیو نہٕ زِپیتی کرور چھس

پراپرٹی تہٕ یوٗ تےٚ چھُس تنخاہ۔ مگر تہِ گرِتھ آسہِ دوِیی ریٚتیٚ بحال۔ آزاد چھُ چیف انجینر ، وُہ پرسنٹ چھُس ریٹ۔ آزاد اوس تیلہِ کالیگ کٹوال تہٕ آزاد چھُ ازکالہِ ہُند ایس ایچ او۔ یہٕژھی ہے تہٕ بڈِ کتھ کرنس پیٹھ لاگی دفعہ 302۔ دون ہتن ہُند آسہِ معاملہٕ تہٕ پانژھ ہتھ ہیی تھپھ ٹلونہِ ''ہم قانون کا نہیں صحب کا نوکر ہے۔' 'آزاد چھُ لیڈر تہٕ بقول لیڈر، لۆکھ گےٚ گپن، مگر کأنسہِ چھاجُرتھ زِ لیڈرس ونہِ جناب '' یہ جو ساری دربدری اور ووژ راٹھ ہے، صرف آپ کی من ہستم اور من ہمی کی دین ہے ''۔ وٹو پونسا اور وٹےٚ جاو۔ وٹو جناب۔ اور بٹو، گاہے ڈٕچھُن تہٕ گاہے کھوٗر۔ آپ بولوگے '' جے ہند '' مگر ہم جانتا آپ کو اس پر بھی یقین نہیں، آپکو اس پر بھی اعتبار نہیں۔ اعتبار ہے تو صرف اپنے ہی مال پر، نابکار عیال پر ہم لوگ تریش مانگا، پولیس ہم کو تریشہِ پایا۔ کیونکہ ہم آپ نہیں۔ آزاد نہیں۔ ہم نے سڑک مانگا، پلسہ ہم کو کھکھر دیا۔ ہمارا ٹنگڑی توڑ دیا۔ جناب اَسہِ چھُنہٕ ووٚنی زنگے تہٕ سڑکھ کتھ کرٕ۔ آپ نے آٹو نامی مانگا مگر جناب خدائے دِیٚن نجات ، ہرگاہ تہِ سپُد تہٕ بونہِ گرٕھن غائب ، میڈیکل سیٹ لگہِ پنژاہہ لچھِ تہٕ أمراکدلک فُٹ برج بناونس لگن پیٚنژاہ ساس وری۔ کھرِ وسڑکھ بنہ نہٕ قیامتس تام۔ تم بولتا ہم ووٹ نہیں دیا لیکن ہم پوچھتا تم سڑکھ کب دیا؟ تم تو سڑکھ صرف اپنے لئے اور اپنے سفید جیپسی والے کیلئے بناتا اور پھر بھی ہم کو مارتا پیٹتا۔

اہن حض تہٕ ہائی کورٹ تہٕ ہُتھ سڑکہِ، اسمبلی تہٕ ہُتھ سڑکہِ، اے جی تہٕ

ہتھ سڑکہِ، گاف گراونڈ تہِ ہُتھ سڑکہِ، گپکار تہِ ہُتھ سڑکہِ تہٕ تالے منزل تہِ ہُتھ سڑکہِ۔ سڑکھ اُس تہِ اکائے تہِ چھےٚ تہِ اکائے۔

"AIR PORT To HARI NIVAS IN BETWEEN FLYOVER"

باقی سب گوٚو "اِنہہ"۔

(مڈل پاس بخشی صائبس جنت تیمی توتہِ یہ سڑکھ تھوٚ بناؤتھ۔ اسمبلی لگہِ تہٕ یہ اکھ سڑک تہِ گژھ بند)

کُنہِ ساتہٕ چھُس دَپان بہ تہ کرِ تی یہ جنابو کوٚر، بہٕ تہِ تُلہٕ پرِد۔ لوٚکہِ ہجومس منزاژ تہٕ وژھ وأنجہِ دِمہٕ کربکھٕ،

"ہم کیا چاہتے۔ آزادی"

دوٚمےٚ تہِ کانہہ سبیل بنہِ۔ یُتھ حیدر پورِ یا نسیم باغہٕ شیٹھن لچھن ہُند زمین کنال ہمہ تہٕ تتھ پٹھ کھارٕ اُٹھن کرورن ہُند بنگلہٕ۔ اَدٕ گھرِ وسڑکھ بُنٕ تن یا متہٕ بُنٕ تن۔ میانہِ کھلرِہ............

